# تصویر

(افسانہٕ سۆمبرن)

رحیم رہبرؔ

(قومی انعام یافتہٕ)

"**Tasveer**" the eight Short story collection of Rahim Rahabar

R/o: Azad Coloney Peth Kanihama Magam

*Total number of books authored by the said author till date:59*

## *AWARDS*

1: Certificate of merit by Adbee Markaz Kamraz Kashmir.

2: Certificate of merit by Govt College of Education Srinagar.

3: Certificate of merit by DIET, Beervah Budgam.

4: Certificate of merit by Ministry of Information Govt of India.

5: HARMOKH award 2010.

6: Senior Fellow ship award 2010.

7: KHILLAT-i- MEHJOOR award 2012.

8: Prestigious National Award 2005.

9: Award by Gulshan Cultural Forum, Kashmir 2016.

Cell No: 9906534724, Tele Phone: 01951-272460

Email: rahimrahabar@rediffmail.com

جملہٕ حقوٗق چھِ محفوٗظ

| کتابہِ ہُنٛد ناو | : | تصویر |
| --- | --- | --- |
| تخلیق کار | : | رحیم رہبرؔ |
| چھپنٕۄ ری | : | ۲۰۱۶ء |
| کمپوٹر کمپوزنگ | : | جمیل انصاری |
| سرورق | : | جمیل انصاری |
| تعداد | : | ۵۰۰ |
| مول | : | ۵۰۰ (پانٛژھ ہتھ) |
| چھاپ خانہٕ | : | |

**کتاب میلنُک نیب**

☆: کتاب گھر، مولانا آزاد روڈ، سرینگر

☆: کتاب گھر، کنال روڈ، جموں

☆: دارُلرٕہبرؔ، آزاد کالونی پیٹھ کانہامہ 193401

☆: بڈشاہ نیوز ایجنسی، سرینگر

منسوب:

پٔنِنس بَبس تہٕ ماجہِ ہٕنٛدِ ناوٕ
یُہنٛزِ کوچھِ منٛز میٚون صبح پھوٚل

اُٹھاؤ کیمرہ تصویر کھینچ لو اُن کی
اُداس لوگ کہاں روز مسکراتے ہیں!

# فہرست


| گرٚند | عنوان | صفحہ نمبر |
|---|---|---|
| 1 | گوڑ کتھ | ۸ |
| 2 | **تاثرات** | |
| | پروفیسر گلشن مجید......پریمی رومانی......غلام نبی آتش | ۱۱ تا ۱۳ |
| 3 | وفا | ۱۴ |
| 4 | جزا | ۱۶ |
| 5 | دخترِ کشمیر | ۱۹ |
| 6 | مہلام | ۲۱ |
| 7 | راوُک | ۲۳ |
| 8 | نوحہ | ۳۰ |
| 9 | باڈر | ۳۳ |
| 10 | موج ئژ داوَس | ۳۶ |
| 11 | أنہٕ تہٕ آکھ | ۳۹ |
| 12 | انتقام | ۴۲ |
| 13 | پڑانہٕ وار | ۴۷ |
| 14 | تصویر | ۴۷ |

| گژند | عنوان | صفحہ نمبر |
| --- | --- | --- |
| 15 | الاو | ۵۷ |
| 16 | دیۓ بل | ۶۰ |
| 17 | دَگہِ رۄس اَنہٕ | ۶۲ |
| 18 | کاوٕینہٕ وول | ۶۵ |
| 19 | ژیپ تہٕ ژۄٚپھ | ۶۸ |
| 20 | زویا | ۷۲ |
| 21 | خرکہٕ پوش | ۷۶ |
| 22 | جھنڈے والا | ۷۹ |
| 23 | خاۓ کی | ۸۲ |
| 24 | پہر در | ۸۸ |
| 25 | آکھ تہٕ الاو | ۹۱ |
| 26 | فراٖقچ دَگ | ۹۵ |
| 27 | ژٕنڈ | ۹۸ |
| 28 | عکسِ پرواز | ۱۰۳ |
| 29 | شہرِ ظلماتھ | ۱۰۶ |
| 30 | ظلماتھ | ۱۰۹ |
| 31 | رفوٗجی | ۱۱۳ |
| 32 | لاخاٗر | ۱۱۷ |

| نمبر شمار | عنوان | صفحہ نمبر |
|---|---|---|
| 33 | گژھ کر پنِنس آستانس | ۱۲۰ |
| 34 | تلاش چُھ جأری | ۱۲۴ |
| 35 | ترٛاس | ۱۲۸ |
| 36 | سوال | ۱۳۲ |
| 37 | عِبرتھ | ۱۳۶ |
| 38 | ڈبہٕ ہأر | ۱۳۸ |
| 39 | حیاء | ۱۴۲ |
| 40 | بخٕش زبم | ۱۴۷ |
| 41 | بے اعتبار | ۱۵۰ |
| 42 | نادلایےٚ میٛانہِ مظلوٗ موودلو | ۱۵۴ |
| 43 | ڈھیل | ۱۵۷ |
| 44 | بغاوت | ۱۶۱ |
| 45 | پوسٹ ماٹم | ۱۶۶ |
| 46 | عکس | ۱۶۹ |



# گوڈٕ کتھ

ہم پرورش لوح و قلم کرتے ہیں
جو دِلوں پر گذرتی ہے رقم کرتے ہیں
(فیضؔ)

تخلیقی کرب چھُ میوٗٹھ تہٕ کڑیوٗٹھ آسان۔ اوَے چھُ اتھ عملہِ دوشوٕنی دربارن ہنٛز (دِینی تہٕ دُنیاوی) قبولیت حاصل۔ وٕں گوٚو نتیٖس چھےٚ موٚزوٗرٕی۔ پزٕتھ عملہِ ہُند دارومدار چھُ نیتس پیٹھ۔ یوٚ دوَے تخلیق کارس نیّت رٕژ آسہِ تیٚلہِ چھےٚ تمی ہنٛز تخلیقی عمل عبادت بنان۔ تخلیق! غزل، نظم، ڈراما، ناول یا افسانہٕ اُسۍ تن، یہِ گژھ قارِیس فِکرِ دژسہٕ دِیُن۔ نظرِ گژھ کھےٚ کاٚہنۍ، تیٚلے چھےٚ تخلیقی عمل دیرپا اثر تژ اوان۔

اَگے (۱۹۵۰ء) چھُ افسانس متعلق بہترین کتھ ونان: "افسانہٕ چھُ زندگی ہنٛز ژھاے تہٕ زندگی چھےٚ پانہٕ اکھ اوٚڈے افسانہٕ"۔

افسانہٕ چھُ اثر دار اِتہاس رقم کران یوٚ دوَے افسانہٕ نِگار کینہٕ، حسد، تہٕ بُغض نِشہِ پاک آسہِ۔ افسانہٕ چھُ اکھ مختصر تخیُلی تخلیق۔ بلکہِ کیٚنژہہ عالمی ادبکۍ مشہوٗر افسانہٕ نِگار چھِ مانان زِ مختصر افسانہٕ چھُ زندگی ہُند قاش Slice of life۔

اتھ لۆگ امریکاہس منز ٔکن ۔ اتھ کوٚر واشنگٹن ، ارونگ تہٕ پو پیو ہوی قداوار فنکار وللہٕ کھول ۔

۳۰ رنومبر ۲۰۱۶ ء گوٚو جموں یونیورسٹی ہِنٛدِس اردو شعبس منز اکھ عالمی سمینارُک انعقاد ۔ بہٕ تہِ اوُسس اتھ سمینارس منز شریک ۔ اردو شعبکی صدر ڈاکٹر شہاب ملک ہِنٛز کتھ زن آیہِ میٲنِس سوچہِ صفس پێٹھ کھنہٕ نہٕ زِ "ایک خاص خیال، احساس، جذبے یا تصوُر کو ایک خاص فنی انداز میں دوسروں تک پہنچانے کا نام افسانہ ہے"

ربِّ کاینٲتس ٔکن اُسن بے شمار حمد وثناء ، یمی میٲنۍ کمزور شانن پێٹھ افسانہٕ تخلیق کرنُک اکھ بوٚڈ بار ترٛ وو ۔ میٲنۍ افسانن چھ ؤنی انگریزی ، اردو ، فارسی ، پنجابی ، پہاڑی ، عربی تہٕ سنسکرت زبانٕن منز ترجمہٕ سپدان ۔ میٲنہِ باپتھ چھُ یہِ بوٚڈ انعام زِ لُکھ چھِ میٲنۍ افسانن پسند کران تہٕ میٲنِس ساٗدروار افسانس پرٛاران آسان ۔

رۄسی افسانہٕ نِگار چیخوف سُند گُف چھ زِ "افسانہٕ نِگار سٕنٛز کاٗم چھےٚ مسلہٕ پیش کرُن ، نہٕ زِ حل کرُن" ۔ مسلہٕ مُنان روٗٹ میٲنو اکثر افسانو مقاٗمی رنگ ۔ ادبی حلقن منز گیہ مےٚ پذیراٗیی حاٗصل ۔

بہٕ چھس تمن سارِنے ادیبن تہٕ ادب نواز دوستن ہُنٛد مشکور یم میٲنۍ افسانن پێٹھ ایمانداٗری سان کتھ کران چھِ تہٕ مےٚ پننو قیمتی تہٕ مولہٕ لو مشورو سۭتی فاٗض یاب کران چھِ ۔ تمن دوستن ہنٛد تہِ چھس مشکور یمن بٔلی میٲنۍ دِ ے چھےٚ ۔

"تصویرٕ" ناوٕ یتھ کتابہِ منز چھِ اکثر تم افسانہٕ شامل یم کٲشرِ تہٕ کٲشرِ نبر چھپن والین ادبی رسالن منز گوڈَے چھپیمتۍ چھِ۔

بہٕ چھُس مشہور افسانہٕ نگار پریم چندنس یتھ گُفتارس یہِ ڈٲلِ زِ تہِ تعویذ کران زِ "زندگی وُچھٕون پننوٕ اچھو۔ پننوٕ تجرُبوٕ ستۍ پرکھاوِیوٕن تہٕ یِی لَبنہٕ ییوَ، تی لیکھِو"۔

رحیم رہبر

# تاثرات:

"......وُں گۆ وۄتھ پأٹھی ذأتی تجرُبن رحیم رہبرؔ صأب زبأنی ہۄنٛدِ دولتہٕ ستی عام انسأنی صورتِ حال بناوان چُھ، یم چھِ سانٛہن رأوِ ءمتٮ۪ن ژِہن، سانٛہن دوکھن تہٕ سوکھن، سانٛہن بے تعبیر خوابن تہٕ سانٛہن بدس خوٗشِیَن ہُنٛد دستاویزتہٕ بنان......"

(پروفیسر گلشن مجید)

(حوالہ از کتاب "یہِ دود کربَلہِ"، مُصنف: رحیم رہبرؔ)



''رحیم رہبر چھُ جواں سال افسانہٕ نگار۔ یموکم وقتس منز پننہِ محنتہٕ، ژُکھِ تہٕ صلاحیژٕ ستی نوبن افسانہٕ نگارن منزٕ پننی جاے بناو۔ یمو لیکھی مختصر افسانہٕ تہٕ سماجی ماحولچ گرٕکھ عکاسی۔ رہبر چھُ علامتی اسلوب تہٕ مقامی استعارن تہٕ تشبیہن کام ہیتھ پنُن اوٚندپوٚکھ نظرِ تل تھاوِتھ پنُن پلاٹ اخذ کران، توے چھِ تم حقیقتس نش سبٹھاہ نکھہ۔ یِہنٛد مشاہدٕ تہٕ مطالعہٕ چھُ زبر۔ یمو چھُ کاشرِ زبانی ہنٛد بن بہلہِ پایہِ کینن افسانہٕ نِگارن ستی ستی انگریزی زبانی ہنٛد بن کینژن افسانہٕ نِگارن ہُنٛد تہِ مطالعہٕ کوٚرمُت۔ توے چھِ یم مختصر لفظن منز بڑٕ جان پاٹھی پننی کتھ ونس منز مہارت تھاوان۔ رہبر چھُ نازُک مزاز افسانہٕ نگار۔ یم چھِ کردار نگاری منز تہِ مہارت تھاوان تہٕ یِہنٛد پلاٹ چھُ مربوط شکلہِ منز بروٚنٛہہ کُن یِوان۔ یِیمہِ ساتہٕ تہِ کاشرِس افسانس منز ہم کال افسانہٕ نِگارن ہُنٛد جائزٕ ہینہِ یِیہِ، رحیم رہبر سُنٛد ناو ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہِ مشراوِتھ۔ تِکیازِ تم چھِ مختصر لفظن منز کتھ ونچ اکھ خاص انداز تھاوان۔

(پریمی رومانی)

(ماخوذ از شیراز، جلد ۴۷، شمارٕ ۴-۳......کاشُر ہمکال افسانہٕ)



''رحیم رہبر چُھ بِسیار نوٖیس افسانہٕ نِگار۔ تِہنٛزٕ واریاہ افسانہٕ سۆمبرنہٕ چھےٚ شایع سپدیمژٕ۔ تم روٗدی نہٕ زانٛہہ تہٕ طویل افسانہٕ لیکھنس لور۔ تہند بن مختصرتہٕ واریاہ مختصر افسانن ہُنٛد محور چُھ کٲشرِ ہُنٛد عصری کرب، انسٲنی حقوقن ہنٛز پامٲلی۔ تہنٛدی امہِ قبیلکی منی افسانہٕ چھِ حُزن انگیز تہٕ تہٕ سوچس دژسہٕ دِنہٕ وٲلی تہٕ۔ یہنٛدی افسانہٕ چھِ فنکٲری آیہِ سانہِ أندی پکھچ عکس بندی کران۔ رحیم رہبرٕنی افسانہٕ چھِ سانہِ پُرآشوب دورٕچ نشاندہی تہٕ ترجمٲنی کران......''

(غلام نبی آتش)

(حوالہ از کتاب ''سرمایہ تہٕ سام''، از غلام نبی آتش)



# وفا

وچھِ کِس ناگہٕ بلس ئِج وُزِنی تہٕ تمی ہنٛز سینہٕ کھون گےٚ سأراب۔
بڑأ نژہنٛدی پوش آے یکبار پھوٚلتھ تہٕ تس گوٚ وینہٕ آسنُک تصدیق۔ پتہٕ کوٚر
تمہِ رژِھ رژِھ تمی سُند وجوٗد جمع۔ تس ژٕج أچھن ژھاپٕھ......!!
تتہِ اوس کرٕ ہُن گُنہٕ تہٕ خاموشی...... گاشہِ بلس منٛزٕ ہکہٕ ووٗتھ تژ اوان
ژھٹ تمی گُنی ودن باکھ...... تس دوٗ پکھ کنس تل بانگ۔ تمی ہنٛدِس دیدٕ بلس
گےٚ ڈسلا ہسے باگنے......!!
کوٚچھ لِلہٕ وان اوس بعضے تمی سُند پکش ماجہِ ہنٛدِس بتہٕ بانس منٛز تہٕ
گژھان...... من ڈٕلنچ چھنہٕ کتھے...... موج اُس بتہٕ پڑاژِ وتس میٹھی وارا
کران۔
تس سینہٕ بَہہ دِوان ابسایہِ ماجہِ کأژاہ رأژ ٹاربن منٛز۔ لُکہٕ گرن
موٚزوٗری کران سوریا و ماجہِ یاوُن۔ زأوِلِس کمرِس ژاس خم، مگر تس روٗزآنچہٕ
دِوان، یوٚ تام بشہِ جوان ووت۔
ماجہِ ہنٛز بڑأنژ تھر لوٚگ تمہِ ساتہٕ ہرُ دیٚلہ احسان فراموش اولادن

پٔننی سأرٕ ے ارزتھ زأری وانن پٔٹھ داوس ترٛأو۔ چھیکرس ییٚلہِ نہٕ تس پتھ کُن رِکھیں تہِ روٗد...... بشن ترٛأو پٔننی سورفیق تہٕ شفیق موج داوس۔ تیمی تس پٔنن سورُے آسُن نہٕ آسُن ارپن کوٚر۔

داوس ترٛ اوان دۄپُس ماجہِ......

''میٛون رُم رُم لگٕی نےٚ بلایہِ...... میأنس وُٹھن روزِ توتہِ چوٗنےٚ دُعا لور......!!



# جزا

"تس نیٚو کھأ چھومنٛز کعبہٕ......!"

سُہ اوس بڈِ بڈِ پران......زورٕ زورٕ پران...... بامبرِ ہوٚت پران "لَبیك اَللّٰھُمّ لَبیك"۔ مگر تس اوس نہٕ تو تہٕ تہِ کعبہٕ لبنہٕ یِوان۔ کعبس نکھہٕ آسنہٕ باوجوٗد تہِ اوس تس پتُن پان کعبس نِش سٮٚٹھہٕ دوٗر باسان! أچھن مُرن مُرن دِتھ اوس تس بعضے گُمان گژھان زِ شاید چھےٚ تس أچھن ہنٛز بینائی ختم گاٚمٕژ، اوَے چھُنہٕ تس کعبہٕ لبنہٕ یِوان۔ مگر پانس دٕچھِنہٕ کھوٚورِ لُکہٕ ارسا تھاوُ چھِتھ تہٕ کنو لَبیكَ اَللّٰھُمّ لَبیك گژھ بوٗزِتھ أسی تس وُسوأسی پھٹان۔ تٔمی ہنٛدِس سوٚنچہِ کِس کینواسس اوس پھیشش لگان، یتھ پٮٚٹھ تٔمی کعبکی آکار وو تلأ وِیٚتی أسی۔

کعبس برٛونٛہہ کنہِ أستھ تہِ کیازِ اوس نہٕ تس کعبہٕ لبنہٕ یِوان؟ واریاہس کالس تھاوُ تٔمی یہِ حقیقت کھٮٚٹِتھ، پوٚز کأتس کالس؟ تس اوس أندری دَم گوٚمُت۔ بوس لوٗژ راونہٕ بغأر اوس نہٕ تس بیٚیہِ تہِ کانٛہہ چارٕ۔ تٔمی دِژ بڈِ کرٛیکھ......!

"ہیے......ہیے لُکو! گُستام ژٕوٗل مےٚ أچھومنٛز کعبہٕ ہٮٚتھ"

کرٛیکھ بوٗزِتھے گےٚ لُکھ تس أندی أندی جمع......

"خبر کمہِ دیشہِ پٮٚٹھٕ چھُ بِچور آمُت...... مغرودٕ ڈوٗلمُت! خبر گُس وکانہٕ

چُھس گوٚمُت......خبر کُس بیفتہِ چھس پیش آمُر ؟'' لُگہٕ سمندرٕ منٛز پھٹ کرٕ بکھ۔

''ہیے......ہیے دوستو......ہیے بزُرگو......ہیے ماجوٕ تہٕ بیٛنیو! بہٕ چُھس نہٕ مغزوڈؤ لُمت ، نےٚ موٚ ت ، نےٚ دیوانہٕ کانٛہہ! مےٚ نیوٗ کھأ چھومنٛز کعبہٕ......مےٚ پیٹھ کٔری تو خدار اپرٛ ژھ''۔

''ہیے کیاہ پرٛژھ کرو یار! ژٕ چُھکھ لچھِ بدبن لُگن نَنہِ وانہٕ أچھن سورمہٕ ژھنان۔ کعبس نکھٕ أستھ تہِ چُھکھ اَپزٕ ونان'' مےٚ نیوٗ کھأ چھومنٛز کعبہٕ''۔ کر ژھوپہٕ ہےٚ وُٹھن لاد۔ وٕنی چھے آدن......حکمِ کُفر دِنےٚ......پتہٕ لوٚ کھ نہٕ کھٔنڈ ہارتہِ۔ سنگسار کرنےٚ۔ ژےٚ چھےَ ناخبرٕ کتہِ چُھکھ؟''۔

''کمہِ دیشہِ آکھ؟''......مےٚ پرٛژھ تس!

''ہندوستان'' تٔمی دیُت پریشأنی ہٕندِس عالمس منٛز جواب۔

''کمہِ ریاستُک چھکھ؟''

''کشمیر''......تٔمی دیُت وٕلی وٕلی جواب۔

''ناو کیاہ چھےٚ؟''

''عثمان'' تٔمی کوٚ ڈٕ وٕلی وٕلی چندٕ منٛز ہوٹلُک کاڈ تہٕ مےٚ کُن پلناوان دوپُن......

''بہٕ چُھس باقے ستن سأتھَین سِتی یتھ ہوٹلس منٛز روزان۔

''کیاہ دلیل؟'' میون سوال بوٗزِتھ گیہِ تس گلہِ زبو۔ کلہٕ پیٹھٕ نلس تام گوس عأرقہٕ سرٛ ان

مےٚ اوٗن سُہ جمہٕ گنٛڈِ منٛزٕ لوٚب کُن کڈِٕتھ۔ آبِ زم زم گلاس جوراہ چووُم۔ کینٛہہ کالا دَم دِتھ ووٗن مےٚ تس......

''زُووَندَے...... یتھ مُقدس جایہِ لگہِ نہٕ یہِ وَنُن ۔ یہِ چُھ خداے سُنٛد گرٕ۔ اتھ چُھ خداے پانٕے رٲچھدر۔ ژٕے چھےَ کیٛاہتام فرٕسٹیشن آمٕژ۔ یا چھےٚ نہٕ زُوڈَنجہِ نتہٕ چھےٚ تیٛتھ کانٛہہ گوناہ سرٕزد گوٚمُت''۔

''بس۔ بس۔ بس کر خدارا''...... تمۍ ٹُل ڈٕ چھنہِ اتھٕ ہستی ڈبکس ٹاس تہٕ ودان ودان دوٗپُن......

''شوٗھس چُھ یہِ عملن ہُنٛد سزا۔ بہٕ چُھس بوٚڈ گونہگار۔ مےٚ چھےٚ دراصل یہِ گونہن ہنٛز ژاپنھ ٲچھن بِہِتھ''۔

''کیٛاہ کیٛاہ گوناہ...... کُس گوناہ چُھ چانہِ ڈٕسی سرزد گوٚمُت''...... مےٚ پرٕژھ تس تعجبہٕ سان۔

''مےٚ خرچوو یتیم شُربن ہُنٛد جاداد تہٕ تِتھۍ خرچس پیٹھ ووتُس عُمرہ کرنہِ'' تمۍ سُنٛد جواب بوٗزِتھ آو میٲنس تصوُرکس شہرس بیٚیل۔ آشن ہُنٛد ہیمالا لوٚگ ژٕنہِ تہٕ بہٕ آس سنگِ مرمرکس سنگلاخ پتھرٕس پیٹھ چھکرٕنہٕ !!۔



# دُخترِ کشمیر

تمہِ رأژیلہِ وقتن دارِ کنِ ہکہٕ ووٚٹھ ترٛأو تہٕ بوٚنہٕ کنہِ ژوٗل پادرٕ ہہ
ہٕنٛدی پأٹھی! کُنہِ گوٚ ونہٕ سِتھ یا صدا۔ نہ گوٚ وہانکلے ٹھس تہٕ نہ گوٚ وبرِ نے ٹاس۔

ووٗنی اوٗسُس بہٕ کُنئ زوٗن تنِ تنہا خابہٕ تھانس پیٹھ تمن مُہمل لفظن معنے
دِنٕچ کوٗشش کران یم مےٚ سأرِسے وأنسہِ سوٚمبرأوی مَتی أسی۔ یم لفظ أسی معنے
برٛ کان۔ یوٚ تام گاشہٕ پھل دارِ ہنٛدِ پھُٹہِ مَتہِ شیشہِ پٹہِ کنِ خابہٕ تھانس پیٹھ تھکس
ہیٹھی تہٕ بسرِ ینَ زٕ ژٕ ڈیر میأنس شانٕ گوٚندِس پیٹھ وہرأوِتھ ترٛ وو، توٚ تام اوٗسُس
بہٕ خابہٕ تھانس بلی وٕنٕچ کوٗشش کران۔

زٕ ژن ہُنٛد پرتَو اوس مےٚ نظرن ٹھوٚر کران۔ بہٕ اوٗسُس بےٚ توٗژھ چشمن
مُدر بن خابن ہُنٛد مہلامہٕ کران۔ یوٚ ز زٕ ژٕ آسہٕ توتہٕ مےٚ أچھر والن پیٹھ بسریہٕ
برٛیہناوان۔ تاوٕترٛ رس منٛزأس میأنی نظر پانے پَینہٕ یوان۔

بہٕ گوس ترٛبن تہٕ ترٛوٕہَن۔ مےٚ اوس نہٕ ووٗنی کہیں تہٕ بوزُن تگان۔
یپأری أس میأنی اڈلیچ کہأنی مکمل ہوٚان سپدٕنی۔ لفظ أسی وارِ وارِ تاورٹان۔
ہانٹھ لفظن اوس پرٛژھ ہُنٛد وُشنیر زیرن زبرن پھیران۔ گلوٗ اچھرن آیہِ زو......!!

''دخترِ کشمیر!!'' پتہٕ ووٗتھ اوٗش دَدرایہ۔

''کیاہ کیاہ سپُدتَس !!'' مےٚ پرٛژھ تس تعجبہٕ سان

''پنہٕ سپدُن گوٚژھ''

''مطلب!'' مےٚ کوٚرتس اسرار واقعہٕ باونہٕ باپتھ۔ تٔمی کٔر مےٚ اوٗنگجہٕ تھف تہٕ واتنونس شہرٕکس تتھ نائٹ کلبس منٛز یتھ منٛز سو معصوٗم دُخترِ کشمیر اتھن منٛز Tray رٔٹتھ مغروٗر تہٕ عیاش گرٛاہکن شراب بٲگران اُس۔

''یہِ ۔یہِ کیاہ!!'' مےٚ پرٛژھ تس تٲجلی سان

''مجبوری!!'' تٔمی دِیُت وٕلی وٕلی جواب۔

''یہِ شرمدار کوٚرکتہِ لٔج یور!!!''

یہِ واتناوی دراصل پننہِ بےبسی یور۔ یتھ نائٹ کلبس چھُ بذاتی اکھ سہٕ کاشُر چلاوان، یُس ماجہِ ہُنٛد ترٛنگہٕ ہِنتھ کشیرِ ترٛاوِتھ آو۔ تیمی کُشیرِ ژون اچھرن ذبح کٔرِتھ شراب وانس تہٕ زٲری اَڈس بلایہِ دِژ!!۔ دخترِ کشیر لاٚجن بچٲری کوپاٚٹھی داوس۔

یِی ونان تٕل لفظو وَدنس گرٛ بز۔ اعراب لٔگی نوحہ پرنہِ۔ مےٚ لوٚب برٛنزِس منٛز پنُن ژوٗبوٗت پان ہوٹلہٕ کس کمرٕ نمبرزٕ ہَتھ تہٕ کہہ ہَس منٛز۔ یُس ووٚنی ماتم سرایہِ منٛز تبدیل گوٚمُت اوس۔ مےٚ ترٛاوِ کمرٕ چ دٲر روٗژھ۔ دوہ اوس کتہِ کور ووتمُت۔ سر یہِ اوس دِلہِ ہٕشرٛن کُشادٕ سرٛکن پیٹھ چوٗکدٲری کران۔



# مہلام

پٔنُن زٕیُو پیوٚت ترٛ ووتمہِ لتس دٔ چھنہٕ اُچھ منٛزٕ تہٕ بونمہِ ٹارِمنٛز اوٗننس ۔کٹرُ کڈِتھ! لتس گوٚ ونہٕ توتہٕ دَ گہِ لوٗزر۔ پتہٕ روٗٹ تمہِ سُہ پٔنِس وُشنِس وچھس ستی ۔ تٔمی ستہ مٔزھج دِلچ دُبراے (دھک۔ دھک۔ دھک) بوٗزِتھ آوتس کوچھِ منٛزٕ ے قرار۔ لتس پیٚیہِ شٔیچھ نِندٕر۔ پٔہرٕ کھٔنڈی اوس سُہ لتس نالس تارکھ جران۔ روپہٕ بدنس پوٗنم ہشہٕ زوٗن جران۔ ووزلِین وُٹھن پٹھ اسن ترٛ لیہِ شیران۔ ڈیکس مونہِ کران۔ سُہ اوس تصوٗرِکس کائیناتس منٛز آشن ہُند خدا ژھاران۔ موکھس قرار لبھان...... پتہٕ رٔٹ تٔمی، تٔمی ستہ کھوٕربب اُسس منٛز ۔سُہ روٗدتس واریاہس کالس ژٕہہ ژٕہہ دِوان! لتس اوس کھران۔ سوٗ اُس وٗلی تہٕ وٗلی اُچھ بند کران۔ پتہٕ اُس سو ہکہٕ جُنید نہِ اُسہٕ منٛزٕ بب نبر کڈان۔ جُنید اوس کینٛژس کالس روشان......

"یہٕ چھسےَ چانین نٔحرن خریدار۔ وونِدٕ مےَ اُچھن ہنٛز پہنائی"

تمہِ روٗٹ جُنید دُوبارٕ چیرٕ وَچھس ستی ۔جُنیدن رٔٹ لتس ہوٗنگنی اُسس منٛز......لتس ژٔج کُنی کرٛبکھ نیرِتھ......تمہِ کوٚر لتس اُچھن میٹھی وار۔

جُنیدٕنی سُرِ سیتھ اُس لتس خوش کران ۔سہٕ اُس منٛزی خبر کمن غوطن

گڑھان ۔ پتہٕ اُس سوتس کُن مُدَ ے گنڈان ۔ اتھ دوران آسہٕ تس اَشہِ وانہِ دوٚنوَ ے اُچھ وضو کران ۔ تہجّد نماز پٔرِتھ اوس تس پانَے وُٹھن پیٹھ دُعا پھبان ۔ سوچہِ سٕدرس تارٕ تران اوس تس سُہ کربناک منظر بار بار اُچھن دٕژ پیٹھمان یوان ۔ ییٚلہِ تَمہِ دوہہٕ محرابس منز باگ تژاسِ گوٚو ۔ موٚختہِ اوس یہِ وقتُن ربتھ ییٚلہِ سوٗ اَکس حادِثس منز مارٕ سپز ۔ تیٚلہِ اُس تمی تتھ محراب، کس سایس تل وُہ (۲۰) بہار چھاٗوی ٕتی ! تمی سُندرتہٕ سٔری کلہٕ روٗٹ جُنیدن کھوٚنہِ منز ......

''موجی چأنس صبرس اٗسن میٚون رُم رُم فِدا'' ......امہِ کتھ یکہِ مُژ رایہِ تَمہِ وارٕ وارٕ اُچھ تہٕ اڈکجہِ زیوٚ دوٗ پٹس ......

''موٚختہ لگی بلایہ''

تس گوٚو پتہٕ اَکُے ہٕیک ''متہٕ راوتم موجے !'' ۔ اُتھی ستی گیہِ جُنیدس کُنی لارن تہٕ سُہ گوٚو کوچھِ منز مژ ہند رِزن تہٕ ہٕبتناک خواب وُچھِتھ بیدار ۔

جُنید اوس وٕنی دَ گہِ کتہٕ کورلوٗژ روٗمت ۔ نانہِ ہٕنزِ کوچھِ منز لوٚگ جُنیدس تِمن کربناک یادن پھیُر ۔ یِم تس ماجہِ جنت گارنہِ ستی وابستہٕ اُسی ۔

جُنیدن پٔری حرفہٕ حرفہٕ نانہِ ہٕنزِ کوچھِ منز تفہیم ہبتھ لوٚچ سِپار ۔ تس گوٚو تِمن سارِنے چھوکن مہلام یِمن نہٕ تس پنہٕ ہَن وٕرین وِلایتس منز روٗ زِتھ زانہہ تہِ انگ آو !! ۔



# راوُک

تہجُد پرٕ تھے دژ ایہِ دبد آنگنس منز ......

"راوُک پھیوٚرنہٕ واپس" دبد اُس پانٕسے ٕستی ونان۔

لوٕ ہٕتس دژمنس پٔتھ زٕ ژور چکر دِتھ دژ ایہِ سو گیٹہٕ نبر تہٕ پھرا ووٕدٕنی رٔو زِتھ ٔلج دبد بیٚیہِ پانٕسے ٕستی ونہِ ......

"خبر کتھ درٕ بٹھِس پٔتھ آسبس تاون زدس ہٕندٕ رپیٚمٕرٕ۔ یم گٔیہِ ٕنفسنٕی ژھرٕٹھ...... نتہٕ کُس تژ ایہِ رأژ ہُنٕد آرام تہٕ بیرن بٹھمن پھیرِ...... بیٚیہِ تہٕ یتھ وأنسہِ منز۔ یوٚہےَ اوس تس وَق آسان واپس پھیرنُک...... خبر ٹاٹم کیٔاہ آو۔ ہرگاہ کینٔہہ رِکیُت اوُسس کُس ہیٚیٚس ناو۔ بچور پرٕ ژھیوٚن، نہٕ چھُس پتھ کانٔہہ تہٕ نہٕ بژونٔہہ کانٔہہ۔ گوڈٕ بۆزُن نہٕ زانٔہہ یوٚرُک۔ کأتیاہ ہِ پھرِ ونیا مس! ہتا تژ اوتہٕ راوَک گی۔ دوہ چھی کوٚہس پٔتھ، کرُووٕنی آرام۔ ادِٕ کس!؟ بچور رأتی راتس چھُ پانس ڈاکھ کران...... پتہٕ چھُس ہردِٕ کالس زمیندر گٔشی کلس منٔٹ دِوان! پتہٕ کأتیاہ داں منٔزٕ چھِ تس سمان۔ ہتا گوٚڈ کر پانس آرام۔ جاناوار نام پھِ دوہس تگِتھ سام الان۔ وُچھن یہ گٔبر

راوُک، یہِ چھُ شامہِ پتےٚ لوٗراتھس کبتھ تُلان تہٕ کولہٕ رادن پھیران۔ میانہِ سلطانہٕ......بڑِ پیرِ منت تھاوی زِ بم، گبرس گری زِ بم راچھ!!"۔

دٕ چھِنہٕ کھووری نظر دِتھ ژایہِ دبد گیٹہٕ اندر واپس آنگنس منز۔ تس پیٚیہٕ نہٕ مےٚ کُن نظر۔ دبدأس درپیری۔ مےٚ اوس اوےٚ تمی سُند خیال روزان۔ یام سو وَٹہِ نبر نیرِ ہے بہٕ اوسُس تس پتےٚ نیران۔

"یہِ گبر کُس اوس!؟ دبد کیازِ أس تمی سِندِ باپتھ پریشان روزان۔ تس کُس رشتہٕ اوس گبرس سِتی!" مےٚ أسی یم سوال بار بار سونچہِ سٔدرس دِنہٕ کران۔ بزرگو یہِ زِ بہٕ اوسُس نہٕ بہران دیٚدِ یم سوال پرٛژھنس۔ کیٛژھا اوسُم حیاءتہٕ کیٛژھا اوسُم دیٚدِ ہُند بیم۔ ووٚنی گوٚ واز اوس مےٚ سہی کوٚرمُت زِ بہٕ پرٛژھہ ضرور دیٚدِ زِ تس کُس رشتہٕ چھُ گبر راوِ کس سِتی۔ سو کیازِ چھےٚ تمی سِندِ دادِ پیٛٹھ اہ پریشان۔ بہٕ اوسُس ووٚنی انتظارس زِ یام نمازِ صبح پٔرِتھ دبد جاناوارن پھل ہیتھ أندرِ نیرِ وٕنی براد ہے پیٛٹھ پرٛژھہ بہٕ تس یم سوال۔

بہٕ رؤدُس کوٚس۔ یام دیٚدِ وٕنی برِ منز روو بہٕ گوس تس برٛ ونہٕہ کنہِ برٛاندس پیٛٹھ استادِ۔ اچانک مےٚ پانس برٛ ونہٕہ کنہِ وُچھِتھ کڑ دیٚدِ ووٚتھ۔

"لوٚ گکھ تیالہِ......پھوٚر چھُم داہ داہ گز ژلان۔ پرٛاہ کریا تھم۔ یِتھ پاٹھی چھا اچانک برٛ ونہٕہ کُن یِوان"۔

"دیٚدی!"......مےٚ ہیوٚک نہٕ امہِ پتہٕ کہیں وٕنِتھ۔

"ژھوپ کیازِ گرتھ۔ وَنو لج یاد بہٕ پٔنٕنۍ"۔ دیٚدِ پرٛژھہ مےٚ حارأنی

سان۔

دیدِ کرمےٚ دآوی دار پھبرن دامنس چرٕ تھف تہٕ پرٕ ژھمس ......

"دیدی! یہ کٲبر راوُک کُس؟ ژٕ کیازِ چھکھ تمی سِندِ باپتھ یِتھا پریشان گژھان؟

میون سوال بوٗزِتھ وۄتھ دیدِ اوٗش دٕدرایہ۔ اَشہِ وانہِ آو تمی سِندین گینِن ہُند گراف چھلنہٕ۔ دید پیٹھی رَسےَ نبتھٕ نِس بڑاندس پیٹھ تہٕ پہری کھٔنڈی دَمادِتھ دوٗپُن ......

"کٲبرن تہٕ مےٚ چھُ لوکچار یِکہٕ وٹہٕ گذورمُت۔ اَسی گٲیہ یِکہٕ وٹہٕ جوان۔ اسہِ اوس پانہٕ وٲنی سخ سرٕ یہہ۔ بعضے اَسی دۄنوٚے یاوِنکہِ تاوٕ پینہٕ یِوان تہٕ پتہٕ ..........!!

خٲر! آتہٕ یہ اَسس ونان کٲبر تہِ اوس مئیانی پٲٹھی پننِس مألِس ماجہِ گُنہٕ اولاد۔ تمہ اَسی تس ژھاین تہٕ گژاین وُچھان۔ تیلہِ اوس نہٕ پوترٕ یتہٕ پٲٹھی سکوٗلن ہُند زال وُہراوِتھ۔ تعلیم حاصل کرنہٕ باپتھ اوس واریاہ دوٗر گژھُن پیوان۔ خالے اوس کانہہ ہتہٕ منزٕ اکھاہ یُس مڈل پاس کران اوس۔ مےٚ چھُ زن تہِ کالُک بتہٕ یاد زِ ییلہِ کٲبر شہرِ پیٹھٕ مڈل پاس کٔرِتھ گرٕ آو ساری سے گٲیہ ترٕ ے۔

وۄنی اوس کٲبر اکاپرن تہٕ وَلہِ میرن منزٕ شمار گژھان۔ فریادی اَسی درخواست لیکھناونہٕ باپتھ دوٗرٕ علاقو پیٹھٕ تس نِش واتان۔ ہرٕ دکالس منزٕ آو

اکہِ دوہہ سِزٕ وول کٔبرٕنس ہمسایس کھلس منز دانہِ مانگنےَ وِگرانہِ ۔ ہمسایےَ
گۆو ٹِکے کٔبرٕس نادس ۔ کٔبرٕن کوٗڈ سِزٕ وول لتہٕ دِوان کھلہٕ منزٕ نبر ۔ یہِ خبر
پھٔہلے یہِ جنگلی نارٕکی پأٹھی ۔ کٔبر بنیٚاولُکن منز ہیرو ۔ ڈوگرٕ سرکارس کتھٕ گژھ
ہے یہِ برداشت ۔ لہٰذا اکوٗ رفوجن کٔبر ڈوگرٕ سرکارس خلاف ژوے کرنہٕ کِس
اِلزامس منز گرفتار ۔ سُہ آو قلعہٕ کِس سنگین خانس منز قأد کرنہٕ ۔ ستن وٕرِین
روٗد کٔبر قأد خانس منز بند ۔ اتھ دوران گۆو تمِ سُند مول ستار پٹھان تہٕ موج
ساجہِ پٹھأنی اکھأ کِس پتہٕ رحمتِ حق ۔ کٔبرٕنس گرس زایہ سوے تہٕ بنگہٕ ۔

ستن وٕرِین قأد خانس منز مُسلسل بند روزنہٕ پتہٕ اوس کٔبر بچھورسخ لاغر
گۆمُت ۔ سِزولو اوس تمی سٕندِس بٕرتس گرس لۆٹھ کوٗ رمُت ۔ سُہ کُس ماجہِ ہُنٛد
گۆبُرتُلہِ ہے ظُلمس خلاف کڑبکھ ۔ تِلہٕ گراے أس تاوِ منز گڑبکان آسان ۔
یُس اکھاہ ڈوگرٕ سرکارس خلاف کتھ کرِہے تس أسی گِلگت بےٚ گارٕ نوان ۔ اِدٕ
سُہ گونہٕ اوس نہٕ تورَے مران ۔

ستھ وٕری قأدس منز بند روزنہٕ پتہٕ ییلہِ کٔبر بستی منز ژاو، کانٛہہ اکھاہ
دژاونہٕ تس استقبالس ۔ لُکن اوس کٔبرس سمکھنس ٹاکھ آمُت کرنہٕ ۔ پوترٕ ! مےٚ
کتہٕ گژھ ہے کٔبرٕن فاقہٕ پھرِ روزُن برداشت ۔ وونی أسس بہٕ ژٕوٗ رِژھیپہِ
شامس گرِ نیران تہٕ کٔبرس بتہٕ دٕج گرِ تڑ اوان ۔ یہِ سلسلہٕ روٗد برابر أٹھن
ربتن جأری ۔ کِتھٕ تام پأٹھی ٔلج میأٹرنس مإٔلس پےَ زِ بہٕ چھبس کٔبرس
سمکھان ۔ میأٹرنس مإٔلس نِش اوس ییِ ڈُھوٗم ۔ میأٹنس مإٔلِ پیٚیہ ریٚیہ ۔

ڈوگرٕ فوجہٕ کہِ ظُلمہٕ نِشہِ بچنہٕ باپتھ کوٚر تٔمی میٔون نکاح تٔسی سٕز ولس ہتی یُس گُبرن اکہِ دوہہٕ داں کھلہٕ منزٕ کوٚ پاٹھی کوٚ ڈُمت اوس۔ وائے پوترٕ! گُبرَ س پیٹھ گوٚو عذابُک نوٚو دور شروٗع۔ جسمأنی عذاب وبتراونس اوس گُبرس بترُ۔ پوٚز ذہنی عذاب گوس تہٕ برداشت، یٖیمہِ کِنہٕ سُہ اکہِ راتھ بستی ترٛاوِتھ کتھ تام نامعلوم جایہِ ژوٗل۔ دہن وٕرین گوٚو گُبر روپوش۔ ڈوگرٕ فوجن دِیُت گُبر اشتہأری مُلزم قرار۔

بزرگوٚ ویہِ زِ بہٕ اٗسس ووٚنی تتھ چِٹھہِ یار بار پران تہٕ تعویزٕ کی پاٹھی رٲچھہٕ کران یُس گُبرن بستی ترٛاونہٕ برٛونہہ مےٚ لیچھمژ اٗس۔ یہِ چِٹھی اٗس مےٚ گُبرٕنہِ مُحبتچ نِشأنی۔ ووٚنی یٖیلہِ تہِ مےٚ گُبرٕنی یاد ستاوان اٗس، بہٕ اٗسس چِٹھی پران۔

دہن وٕرِن گرِ مےٚ سٕزولس ہتی بےٚ غرض بستی۔ حیلہٕ بہانہٕ گری گری بچووِ مےٚ پنُن دامن۔ وائے! ازلہٕ نیٖالس کیاہ گری زِ!!

اکہِ دوہہٕ لجِ کتھ تام پاٹھی سوٚ چِٹھی تس جاٚبرسٕز ووٚلہٕ سند بن اتھن منزٕ۔ تمہِ راتھ یٖیلہِ بہٕ شونگنچ سکھرٕ اٗسس کران۔ سُہ ژاو خشمہٕ ہوٚت کمرس منزٕ۔ تٔمی کوٚڈ چِٹہٕ منزٕ سُہ خط تہٕ لوٚگ ژاٚنگی گاشس منز بڈٕ بڈٕ تمہِ خطچ عبارت پرنہِ......!!

"سرِ راہ!

مو خیتے! بہٕ چھُس نمہٕ ناس وتن ہُند مُسأفر۔ سیاہ رادن گاش ووٚپداونہٕ

دژ امُت ۔ بہٕ واتہٕ گاشہِ ہلم ہتھ ضرٕ روٗاپس ۔ خبر چھم میانہِ باپتھ چون انتظار کرُن کوتاہ کرٛیُوٗٹھ چھُ ۔ لگےٚ صبر کٔری زِ ۔ میانہِ باپتھ کٔری زِ دُعا، یۄ دمیانہِ باپتھ سیاہ کھنگر سر کرنک سفر آسان بنہِ ۔

سیاہ وتن ہُند مُسافر

"گٔبیر !"

بدخواہ سزولن زاْج سوٗ چھٹھی ژاٗنگی لِیہِ ستی مےٚ برٛ ونٛہہ کنہِ ۔ یتہٕ پاٗٹھی گوٚ میانہِ آشہِ ہُند محل خانہٕ وُچھان وُچھان سوٗری ۔ گٹہٕ پچھس منز ییٚلہِ واو خمان اوس، ییٚلہِ روتُل گرٛزان اٗس، تمی سزولن کڈٕس بہٕ گرِ...... بہٕ...... بہٕ گٔیس آزاد ۔

"دیٚدی! تہٕ گٔبر !؟ مےٚ پرٛژھ دیٚدِ

"پوترٕ ! سُہ گٔبر آو واپس مگر تمہِ ساتہِ ییٚلہِ تس دوہ کوٚہس پیٹھ اوس ۔ نمہٕ ناس وتن یٚکِی یٚکِی اٗسی تس پاد پھوٚلی ہتی ۔ کرٛیُوٗٹھ سفر طےٚ کران اوس تس سوٗرے ماز ہرٕتھ پیوٚمُت ۔ یۄ دوٚ ےتس لُکھ تھپہٕ تھپہٕ اٗسی کران، اٗندی یٚکِی گامن ہٕندی لُکھ اٗسی طماہ کران زِ ییٚتی نتہٕ ییٚتی روزِ، پۄز گٔبرس اوس میانہِ صبرُک احساس تہٕ مےٚ اوس تمی سٕندِ عزمُک جۄن ۔ ییٚمہِ کِنہٕ تمی پننِس گامس منز روزنُک فاٗصلہ کوٚر ۔ تہٕ تمی سٕندِس منشس پاٗروی کران تھوو سُہ لُکو روت سکس راوُک ۔

"گٔبرس کیاہ دِژ لُکھ تھپہٕ تھپہٕ کران!؟ مےٚ کوٚر دیٚدِ بیٚیہِ سوال ۔

’’پوترٕ! تِکیٛا زِ کٔبرن تھوو پڑتھ میلہٕ کنہِ پٔٹھ گاشہِ لیہِ ٮ۪تیٚ نوٚ وفأصلہٕ لیکھِتھ تہٕ منزِل آونکھٕ‘‘......دیٚدِ وۄن وقارٕسان جواب۔

دیٚدِ ہٕنزٕ زیوِٚیہِ کر بناک دٔلیل بوٗزِتھ ژٔلیٚج میانہِ فِکرِ کھٕہرن تہٕ نٔو اکھ سرتازٕ تہٕ سأدروار کہأنی پیٚیِہِ تھنہٕ۔



# نوحہ

پھٹوٗنس گاشس منز آسہٕ اکثر انٲری اوٗ برٕ ٹیچہ سانہٕ لرِ طواف کران۔ نانی اُس ٹکے اندرٕ پھل کٕنز ہتھ نیران تہٕ بوٗ کہِ بوٗ کہِ چھکراوان۔

تم کاٗتیاہ مُرِ ہل جاناوار آسی۔ تمن کاٗ ژاہ لے اُس میانہِ نانہِ ستی۔ تم اُسی تس اکنہٕ وَلنہٕ یِوان۔ کینژہ اَسِس قصابس پیٹھ تہٕ کینژہ دٕ چھن کھوٗرٕ شانن پیٹھ لانہِ بیہوان۔ بہٕ اوسُس یہِ دِلفریب منظر صُبحاے برابر دوٗنس گھنٹس اُچھوٗ چھان۔ اتھ دوران اوس مے تصوٗرٕ کس اَنہٕ پٹس پیٹھ مٲری موٗ ندا کار وہ تلتھ یِوان۔

”دُنیچ عظیم ترین خوتوٗن تیمس پُرخمار چشمہٕ جورِ منز قرار چ تھہ ژھالہٕ ماران چھے۔ یوسہٕ سراپا حُسن چھے، یوسہٕ مُحبتچ دیوی تہٕ گاٹہٕ جارٕچ سرٕستوتی چھے۔ سو اُس ڈکبہٕ بڈٕ۔ تمی ہٕنڈ بن گینٛبن ہُند گژاف اوس شفیق تہٕ رفیق ماجہٕ ہنز عظمت شوٗ براوان۔ تس ماجہِ اَسن میوٗن رُم رُم قُربان“

بہٕ اوسُس تیتس کالس لولہٕ سپار تلاوت کران یوٗ تام نانی ژربن پھل ترٲوِتھ فارغ گژھان اُس۔ بہٕ اوسُس اتھ دوٗنس گھنٹس یِمے خیالات

ابساوان۔

''انأرۍ ٹیچو بغأر چھ میون آنگنُن کنیاہ، میأنۍ ژیرٕ کُٹھ، دارِ داس، کأنی، یہِ ڈٲپِ زِ تہٕ میون اۄندپۄک دِیان۔ نانۍ اُس میانہِ حالہٕ نشہِ بے خبر۔

''صُبحُک یہِ مأرۍ مۄند منظر پٔشِن...... جاناوارن ہُنٛد چرِ گِیش، کاون تہٕ گانٹن ہُنٛد رقص پٔشِن...... لکُٹلہِ ہُنٛد گو گو، کوترٕ سُنٛد گٹر گوں رٔزِن وارٕ۔ میانہِ کُٹھِ چہِ شیشہِ دارِ نبر رٔزِن دوہے نچُر مے دِگہِ دِگہِ ننٛدرِ وُزٕناوان۔ میأنس ویرٕوارس منز اُسن دوہے ہزار داستان نغمہٕ خواں۔ یِوُنے سوئتہٕ لُبن کُتچہِ وٕٲ برٕ اژوُنے پٔنن اول''۔

''آمین...... پکھ اژ۔ اژ وٕنۍ اندر۔ چے وٕنۍ چایے''......میأنۍ مناجات بٔزِتھ وۄن نانہِ مے۔

یہٕ ژاس اندر......

''پزۍ پأٹھی ییمو جاناوارو ستی چھ سون آسُن باسُن ممکن۔ وٕنۍ گرۍ نکھ دَے پرٕتھ گٹہِ تہٕ ژھٹہِ نشہِ رأچھ''۔

نانہِ گے وٕنۍ کالہٕ کاجہِ ۴۰ رٕ وری ییمہِ عالمہٕ گامتس۔ خدایے گرۍ نس مغفرت۔ زن تہِ نیہِ تمہِ جنت گارنہٕ تمہِ انأرۍ اۄبرٕ ٹیچہ پانس ستی۔ پتہٕ تہِ دژاو نہٕ ژربن ہُنٛد سُہ کاروان زانہہ تہِ سانہِ آنگنی۔ سُہ گو گو، ٹرِ وٹرِ وتہٕ گٹر گوں گو وخاب۔ نے آو پتہٕ زانہہ میأنس سوچہِ کِس گژ افس پٹھ تمن اڈ گری مڈ گری رٕکھن منز نانہِ ہُنٛد سُہ مأرۍ مۄند آکاروٕ تلتھ!

بہٕ اوُسس وُدأسی صُبحکس گاشس تھلہٕ تھلہِ وُچھان۔

''سوچس چھانڈ گوڈ آسان؟''...... تمی بُزرگن کوٚرمےٚ سوال یُس وضو کٔرِتھ یارٕبل دِوٕری ہیرٕ پایِن تھکہٕ تھکہٕ کھسان اوس۔ پتہٕ دِیُت تمی پہٕری کھٔنڈی پانےٚ پننِس سوالس جواب۔

''لکیہٕ! وۄتھ...... وۄتھ چھل بُتھ۔ پرٛتھ کمالس چھُ زوال ہتی آسان۔ مےٚ ٲئج نظرن کھہرن۔

مےٚ لوٚب پٔتِم پھُٹمُت پان یونیورسٹی ہِنٛدِس کلاس روٗمس منٛز تہٕ پروفیسرایازأس اسہِ ماحولس متعلق lesson دِوان۔ سُہ اوس ونان......

''تم آسمانس ہتی کتھ کٔرن وٲلی ٹاور نبنگلاون انٲری اوٗبرٕ ٹیٚچِن۔ جاناوارن ہُنٛد بول بوش گژھِ نایاب۔ تیٚلہِ آسہِ ژھوپہٕ آنگن وارِ پھِر در...... زمین گژھِ ہانٛتھ۔ حسرت بوٗژوپٲرِ۔ ؤنی ییٚلہِ کُنہِ ژٔریا کانٛژُر دزٕینٛٹھی گژھ لگھ کھولن راتگ کھاتہٕ پتہٕ آسن تہٕنٛد آسُن بیان کران''

تی سپُد یِنہٕ سپدُن گوٚژھ۔ جاناوارن ہِنٛدی ژٔھری ٲلی چھِ ازٕ دِیان۔ ہارِتہٕ کاوچھِ تھد بن موبائل ٹاورن کُن حسرٕچ مُدٕے گٔنڈِتھ مرثی پران۔ یہٕ غم ہیتھ چھس بہٕ ازٕ پانہٕ تہٕ خاموش وِیرٕوارن منٛز ہیتھ نوحہ گران۔



# باڈَر

انجینئرَ ایاض اوس ۳۰، وۄہُر خوبصورت تندرُست جوان، تس اُس نوکری کران وۄنی صِرف ترٛےٚ وٕری گاٮ۪مژ۔ یِمے ترٛےٚ وٕری اُسی تس خاندرس تہِ گاٮ۪مژ۔ یہِ چھُ اتفاق زِ تَمے دوہہٕ گٔے تسنٛز کۄرِ فُرقان تہِ برابر ترٕٛ وٕرِش، ییلہِ سُہ گلمرگ باڈرس پیٹھ باڈرسکیورٹی فورسن گرفتار کۄر۔ انٹراگیشنس دوران رُوو تس دِماغی توزُن تہٕ سُہ گۄو پاگل۔ وۄنی اوس انجینئرَ ریاض پاگل پنس منٛز عجیب وغریب حرکژٕ کران۔ سُہ اوس شام گٔژھی تھےٚ گُنہِ تھدِس کُلِس پیٹھ بیٚہوان تہٕ پتہٕ بڈِبڈِ کرٛ بکہٕ دِوان......

" I am born  free freedom is my birth right"

میٲنِس دُنیاہس چھُنہٕ کانٛہہ باڈر۔ میٛون دُنیا چھُ سرحدو بغٲر۔ بدذات انسانن کٔر باڈر تعمیر۔ آدمی رتہٕ تہٕ انہٲری خابن ہنٛز اَڈرن گٔرِتھ کھاٮ۪لکھ باڈرن سۄتھی، یِم ظاٮ۪لم باڈر چھِ دِلن باگنےٚ کران، لولس بےٚ توژھ کران۔ ’’وٕتھِو......وٕتھِو ہیٚو شۄنگی متو۔ لہرآیِو یِم باڈر یِمن وچھس حاٮ۪رِ ثاتن ہنٛز کربہٕ کرٛ یوٚٹھ کہاٮ۪نی گٔرِتھ چھےٚ‘‘۔

یام صُبحاٮ۪ے سِرِ یہِ بُتراٰژ پیٹھ گاش ووتھران اوس، انجینئرَ ایاض اوس رسےَ گُلہِ پیٹھ یون وسان تہِ بیٚہہِ تتھےَ یاٮ۪ٹھی بڈ بڈ کرٛ بکہٕ دِوان۔ اناپ شناپ

ونان۔ خودغرض لُکن وۄتھ جیرِ تہٕ اکِہ دوہہٕ صُبحٲے رۄٹ بستی ہٕندِ بولکوسہٕ ژھلہٕ تہٕ واتنوۄکھ پاگل خانہٕ۔ پاگل خانہٕ کیو پہرٕ دَرو کوٚرسہٕ اَکس سنگین کوٹھرِ منز بند۔ یتھ منز تمی ہسے ہوی بیٚیہ تہٕ کینٛہہ پاگل زولانن منز گنڈِتھ أسی۔ یِمنے پاگلن منز اوس اکھ خوش لوٗکھ جوان تہٕ۔ تیمی سٕنز کہانی انجینئر ایاض س ستی ہوٚ بہوٗ رلان أس۔ سہٕ اوس پننہِ پُر دَرد آوازِ منز یہ اڈلیوک مصرعہ بار بارہٕ گنگراوان......

"یوٗسفنی انہارِ مہرازِ لالو زُلیخا چھیوا انتظارس"۔

دپان یہ اوس پیشہِ کِنی وۄستاد۔ مأنزِ مہرازے۔ تس أس رِکسہِ وُنہِ مأنز اَدرٕے ییلہِ سہٕ باڈر کڑاس کران کران سِکیورٹی فورسن گرفتار کوٚر تہٕ انٹراگیشنس دوران رووتَس دماغی توازُن تہٕ سہٕ گوٚو پاگل۔ داہؤ ری جیلس منز گذارنہٕ پتہٕ آو سہٕ اَخر کار پاگل خانس منز داخل کرنہٕ۔ اکِہ اکِہ رأوی تس سأری۔ سہٕ اوس کُن تہٕ کیوٚل۔ پاگل خانس منز پننین اڑ دَدبن خابن ہٕنز پھُٹجِ ہتھ حالِ حأران۔ سہٕ اوس پاگل خانس منز بڈِ بڈِ کرِ بکہٕ دِوان......

"میأنی ...... میأنی زُلیخا چھےٚ سوتھِ اپارِ...... سو...... آ! سو چھےٚ ہُہ کیاہ...... سوتھِ اپارِ...... آلو آلو کران...... نادلایے میأنہِ یوٗسفو وولو...... ہتا تس میأنہِ زُلیخایہ ہارِنے آلو تام...... تس...... تس لولہٕ منز ہا سوتیاو چشمن گاش مے پزٲری پزٲری! ہتا۔ یہ۔ یہ ناچھنہٕ باڈر۔ یہ ہا پچھ لولُک مزار سجأوِتھ...... تلا پرٕ ولوہکی تم مأری مُندی افسانہٕ یم باڈرس رَتہٕ میلہٕ لیکھتھ چھِ!! پتہٕ اوس سہٕ بیٚیہ پننہِ پُر درد آوازِ منز اَدینٛگ سہٕ اڈلیوک مصرعہٕ گیوان

"یُوسفنۍ انہارٕ مہرازٕ لالو زُلیخا چھیوا انتظارس"

پتہٕ اوس سُہ جوان بےٚ توٗ ژھ گرٕ ھتھ سنگلاخ فرشس پیٹھ چھکرنہٕ یِوان۔

پندٕہَن وٕرِین پاگل خانس منٛز روزنہٕ پتہٕ تہٕ آیہِ نہٕ ایاضس مزٕرس منٛز کانٛہہ کمی۔ تس اوس ووٗنی یاداشت تہِ مُتأثر گوٚمُت۔ حالانکہِ پاگل خانکی بڈی ڈاکٹر، ڈاکٹر نویدن تہِ کٔر وارِیاہ کوٗشش۔ سُہ اوس ایاضس پرٛتھ دوہہٕ شامس پننِس کوارٹرس منٛز انان، یُس پاگل خانٕسے مُتصِل اوس تہٕ تس Counciling کران۔ پوٚز انجینئر ایاض روٗ دتوتہِ اناپ شناپ ونان۔ پندٕہَن وٕرِین منٛز آسہِ ہے تٔمی خالے ژورِیا پانٛژلٹہِ سرٛ ان کوٚرمُت، یِیمہٕ کِنۍ تٔمی ہندِس مستس تہٕ دارِ ژٕھتہٕ واٹھ گوٚمُت اوس۔ تٔمی سنٛز شکل وصورت آس وٕنی ہاٚبتناک گامٕژ۔

اکہِ دوہہٕ صُبحاے آیہِ اکھ مأری منٛز حسین کوٗر انجینئر ایاضس سمکھنہٕ باپتھ پاگل خان۔ پہرٕ دَرو یام طناہہٕ کٔرِتھ انجینئر ایاض تس برٛ ونٛہہ کُن پیش کوٚر، سو آیہِ غش گرٕھتھ کنکرٛیٹ فرشس پیٹھ وِ کرٕنہٕ۔ پہٕرِ کھنٛڈی ییلہِ تس ہوش آو، سو گیہِ ہکہٕ اِستادٕ تہٕ انجینئر ایاض روٗ ٹن چیرٕ پننِس وچھس ستی۔ سِیاہ وُٹھن میٹھی واراہ کٔرِتھ دوٗ پنٕس ودان ودان......

"پاپا! I Love You"۔ آواز بوٗزِتھ کٔر انجینئر ایاضن تس کُن حسرت نظراہ۔ تٔمی ہیوٚت کیاہتام وَنُن مگر لفظ گٔے تس وُٹھنے پیٹھ راٗسی۔

"بیٹی فُرقان"...... جوان کورِ وٗن تس ودان ودان......!!



# موج ئُج داوس

تَمہِ ترٛاو ہکہٕ پننٛ لاش میائنس ٹیبلس پیٹھ تہٕ پھرس ودن پوٚر کرِتھ وژایہِ میانہِ آفسہٕ منٛزٕ ٹکہِ نمبر۔

یہِ اوس تمۍ سندِ دوہدِ شکُ عادت۔ سوٚ اٗس ہمیشہِ پننہِ لاشہِ لِتھوان لِتھوان پکہٕ ناوان۔

"پننہِ لاشہِ پانئے بےٚ حُرمتی کرِتھ کیاہ اٗس سوٗ ونُن یژھان؟"

یہِ سوال اوس مےٚ ہمیشہِ وأنجہِ ترٛ تُلان۔ ووٚنی پرٛ ژھ ہابہٕ جوزی امہِ سوالُک جواب، پوٚز سوٚ اٗس نہٕ کُنہِ پوٚدٕ ے ٹھہراوان۔ جوزی ییٚلہِ تہِ مےٚ وُچھ، سوٗ چھ مےٚ پننہِ لاشہِ لیل کرانٕ۔

تَمہِ دوہہٕ تہِ اٗس جوزی تھی خابہٕ خرگوشس منٛز۔ سوٚ اٗس خٔلدٕ منٛزٕ سورمہٕ تُجہٕ ستۍ سورمہٕ کڈِتھ لاشہِ موٗمژن اٗچھن سورمہٕ لاگان۔ پتہٕ اٗس جوزی لاش نالہٕ متہٕ رٹان تہٕ ونان......

"ونیا مےٚ ناتیٚلے......ونیامےٚ نامَتےٚ آسہٕ ئِکی خاب وُچھان۔ ژھتہٕ ووٚنی پانس تھوکہٕ۔ ووٚنی کیاہ بی اٗ ے حاصل!؟ ازٕ گژھےٚ برابر داہ وٕری اٗٹھ

رتھ ژٕے سینہٕ گجہِ منز یہِ نارٕ الاوبٕز ہناوان۔ آمہٕ تاوی گےٚ یہِ مسوٗلی بدن۔ نارٕ تاوٕ موژٕے سرٕ و قد۔ یارِ سبزارس ژاٗے زَرُر۔ آشہِ امبارس پھوٗرے ہو کھنیار! کیاہ کرکھ؟ پانےٚ تژ ووٗتھ رٕکھن پھیش۔ یوٗ تام پنہٕ نِسے کنبواسس پیٹھ بدصوٗرت تصویر ووتلتھ آیکھ! چانبن بےٚ توژھ ہرنہٕ چشمن منز لگیٚ بچاٗر ویٚتستا کو پاٹھی داوس۔ انہاٗری ارمانن ہندِس نشاطس وژلےٚ ہو کھیہِ نال۔ قُمری تہٕ کُستوٗری گےٚ بتھی پھری۔ حسین یادن ہنز لفظہِ جو یہِ گےٚ راٗسی تہٕ اٗخرس روٗزٕ کھڈلکی پاٹھی کُنی زٕنی پاٗنی پانس مرثی پران...... کُس بوٗزی!؟"

"جوزی! لاش چھنہٕ بوزان" مےٚ ووٗن جوزی تجُبہٕ سان۔

"مگر......!" پتہٕ گیہِ جوزی مزید کینہہ وننہٕ بغاٗرٕ ے خاموش

"مگر...... مگر کیاہ!؟" مےٚ پرٕژھ بیٚیہِ جوزی۔

"یہِ چھےٚ میاٗنی لاش۔ ژھایہِ ہندی پاٹھی مےٚ لرِلوٗ ریکان"۔

"کِتِس کالس؟" مےٚ پرٕژھ جوزی۔

"برابر تیتِس کالس، یوٗتام نہٕ سہ سوداگار سوٗرے مال کِنتھ واپس پھیرِ۔ یوٗتام نہٕ سہ ژوچن سوٗرکاسہِ!!"

باالله! بزرگو وۍہِ زِ مےٚ اوس نہٕ جوزی ہُنٛدٕ کہیں تہِ فکرِ تران۔

یتھٕ پاٹھی روٗز جوزی برابر پننی لاش ہیتھ دفتر یوان۔

اکہِ دوہہٕ ژایہِ جوزی کُنی زٕنی لاشہِ بغاٗرٕ ے دفتر۔ اورٕ یورٕ ٹلی ارسرٕ کران پرٕژھ مےٚ تس......

''جوزی! لاش کتہِ ترٛاُوتھن؟''

میٚون سوال بوٗزِتھے وۆتھ جوزی دَدرایہِ اۆش تہٕ دۆپُن......

''سوٗ گرٕم تٔسی حوالہٕ''

''مطلب!'' مےٚ پرٛژھ جوزی حٲرأنی سان۔

جوزی گوٚ واَشہِ وانہِ سرٛان تہٕ دۆپُن

''مےٚ گرٕ پٔنٕنی لاش تٔسی حوالہٕ ییٚمی میٲنی مونولیزا قتل کٔر''

''مونولیزا!!'' مےٚ پرٛژھ جوزی حٲرأنی سان

''آ......آ......مونولیزا میٲنی زِٹھ بیٚنہِ۔تَمہِ لٔب روٗف نٔبن ناپاک اصوٗلن خلاف بغاوت کران شہادت''۔

روٗفُن ناو بوٗزِتھے گیہِ میٲنس تصوٗرکس کاپِنالتس انہِ گٹہٕ۔ مےٚ پرٛژھ تعجبہٕ سان جوزی......

''یہِ چھاسُے روٗف؟''

''آ......آ......سُے روٗف ییٚمی للہِ ہُند مزارفرہنگِس رِگروتھوو! لفظن روومعنے تہٕ موج لٔج داوس......!!

جوزی ہُند جواب بوٗزِتھے آس بہٕ سنگلاخ زمینہِ پیٹھ تسبیح پھلبن ہٕندی پاٹھی پھکرَنہٕ۔



# اٙنہٕ تہٕ آکھ

سوٗ اُس مظہرِ جلال ہش ۔ تٔمۍ ہِنٛدِس رویس پیٹھ اُس نظر روٹہٕ گژھان ۔ یام مےٚ ہیوٚ کانٛہہ لولہٕ بوٚچھ تٔمۍ ہِنٛدِس حُسنس سنان اوس تس اوس عقلہِ ہُنٛد دارِ بر پانےٚ مُژرٕنہٕ یوان ۔

سوٗ اُس آدٔمی قدتتھ پژ اٙنِس اٙنِس منٛز روزان یُس ؤری وادٕو پیٹھہٕ تٔمۍ ہِنٛدِس خواب گاہس لٔبہٕ اویزان اوس ۔

تس یوٚ دوٚے کانٛہہ پرٛژھِہے زِ سو کتہِ چھےٚ روزان ۔ سوٗ اُس ؤلی ؤلی جواب دِوان ...... "اٙنِس منٛز" ۔

مَسہٕ اُس ۲۵، ؤرِش حسینا ۔ قد اوار ۔ مغروٗر شانہٕ گرِتھ ۔ سو اُس مائِلس ماجہِ ہُنٛد گنٛۍ اولاد، تٔمۍ سُنٛد مول قآدر جوٗ، تیٚمس بستی ہِنٛدی سأری لُکھ ٹاٹھِنیارِ سان کاکھ ونان اُسۍ، اوس بستی ہُنٛد بوٚڈ زمیندار ۔ سہٕ اوس ازتہٕ وَڈ دِوان ۔ کاکھ اوس تتھ سأرِسے علاقس منٛز معتبر مانٛنہٕ یوان ۔

مَسہٕ تہٕ بہٕ اُسۍ اول جماعژ پیٹھہٕ برابر گریجویشن انٛد وانتاونس تام یکہٕ وَٹہٕ

پران۔ یِمہِ کنی مےٚ تِہنٛد گرٕ برابریُن گرٛھن جأری روٗد۔

انہرِ ش جوان کوٗرأس تِمن گرس منٛز نارٕ ترٛٹھ پلان۔ یِمن دون بأژن اوس یہِ گوٚب بار۔ یہِ ڈٟپ زِ تہٕ کوہِ ماران شانن پٮ۪ٹھ!! حالانکہِ مسٕس آسہٕ بستی ہٕنٛدی ہےٚ أکِس امیر زادس، یِمی سُنٛد ناو "داوَر" اوس کتھِ یِوان۔ داور تہٕ اوس مائِلس ماجہِ ہُنٛد کُنُے اولاد۔ اکِہ بَجہِ وراثتُک وأحد وأرث در۔ پوٚز مسہٕ أس داور سُنٛد ناو بوٗزِتھے گٔلی دِنان۔

اکِہ دوہہٕ صُبحأے اوٗنُس بہٕ کاکن بُلأوِتھ تہٕ دوٗپُن......

"گوٗبرا...... بہٕ چھسَے ژےٚ اکھ اہم کأم مٔتہِ تھاوان۔ ژےٚ چھےَ مسہٕ کُنہِ تہِ طریقہٕ مأنراوِنی زِ سو کرِ داورس قبوٗل"

"کاکا! بہٕ کرٕ کوٗشش" مےٚ وۄن کاکس در جواب۔

مےٚ واتنأوِ کاکٕنی شیچھ مسٕس تام۔ شیچھ بوٗزِتھ گٔیہِ مسہٕ زن تہِ باورٕ۔ تمہِ دوٗگ أنس وَچھ تہٕ پلوَن ترٛاین ترٛپچہِ گرِتھ۔ پھِر کھنٛڈ دَم سنٛبھألِتھ دِیُت مسن ہِڈٕ بِڈٕ آلو......

ہتا تِمی ہاکوٗر پرٛژھ ہُنٛد جاماوار پنہٕ نبو ناپاک حرکژ وستی موٗلت۔ مےٚ یوٚ دوٚے موج تِمی ہُنٛد بو ذلیل حرکژ ونشہِ زأنی یاب گرمگر تمہِ دِیُت اتھ برعکس میےٚ بہانہٕ بہأزی ہُنٛد الزام۔ یتھ پأٹھی گیس بہٕ پرٕ ژھینی۔ بہٕ چھُس اکھ بدنصیب انہرِش موج بنن واجینی۔ بہٕ چھسں نہٕ یتھ أنس بغأر کأنسے بُتھ دِیُن لایق۔ اوَے چھسں تتھ أنس منٛز دوران یہٕ تھ گرِبےٚ صبری سان

انتظار کران ییلہِ مےٚ زہرِ ہلال چاون"۔

"سُہ......سُہ بے ضمیر کُس چُھ؟" مےٚ پُرٛژھ مسس

مسس ئلج ہرنہٕ چشمن وہراتھ......داور......تہٕ یلی ونان آیہِ سو ہکہٕ

ٲنس چھاونہٕ۔ ٲنس گیہِ مٔنز باگ رُم تہٕ مسس گیہِ صٔورٕژبا گنےٚ!!۔



# انتقام

...... پتہٕ وٲژھ زوٗن رسےٚ سٔدرس منز۔سٔدر اوس بوچھیامُت۔
سٔدرن رٔٹ زوٗن کوچھِ منز۔سونہٲری زُلف ترٲونس ہٕندریا متِس وچھس
پیٹھ چھکرٲوِتھ۔پتہٕ کوٚر سٔدرن زوٗنہِ اکُے چیر۔زوٗن بچٲر پیٚیہِ پڑٕٹتھ۔
زوٗنہِ ہٕنزی بےٚ توژھ گاشہِ ٹیکی ٲسی پتہٕ کِتِس کالس سٔدرٕ کھونہِ منز پیران۔
گرانہِ ہٕنزٕ ژٕکرٲس گاشہِ ٹیکین اکہِ اکہِ بژہکان......!
تمہِ راٲژ ٲس سٔدرٕ بٹھس پیٹھ نیم شبس واریاہ لُکھ جمع گامٕتی۔تم
سأری لُکھ ٲسی سٔدرس منز زوٗنہِ ہُنٛد پان چھو کناوٗن وُچھنہِ آمٕتی۔نیم عریان
جورِ آسہٕ اتھ عجبناک منظرس حظ تُلان۔
بچن پیٹھ گیہ راٲژ ہٕندِ ترٛیمہِ پہرٕ سارے مصنوٗعی لائٹہٕ یَلہٕ......
سأرِسے بچس گوٚو گاشہِ ورشُن۔اکثر جورِ آسہٕ عاٗرقہٕ سٔری گامٕژ۔سٔدرس نکھےٚ
ٲس اکھ ۳۰/۲۵ وٕرِش مأری منز کاژٕر کوٗر سیکہِ پیٹھ کاوِ شپر بن سوٚمبراوان۔
سٔدرٕ چن مغروٗر لہرن وُچھِتھ اوس تمی ہٕندبن معصوٗم وُٹھن پیٹھ پانےٚ اسُن وِکرِ
گژھان۔معصوٗم کاژٕر کوٗر ٲس انجام نِشہِ بے خبر۔تمی سُنٛد مول موج ٲس
وَپِچھ تلُک نارژھورونس سٔتی مس گامٕتی تمن ٲس پَتہٕ پےٚ زِتہنز کوٗر

چھےٚ تمن نِش واریاہ دوٗریاٚمژ۔

''مےٚ پزِیمن تام گوڈٕ انوارِ یہِ شیچھ واتناوٕنۍ۔ سٔدٕرچھ بوچھیامُت۔ مےٚ پزن یم باٗژٕ زٕ خطرٕ نِشہِ باخبر کرٕنۍ۔ نتہٕ آسہِ تیمس کاژرِ کورِ ہُنٛد تہِ سُے حال یُس سٔدرن زوٗنہِ نچارِ بنٛروو۔ مےٚ اوس زوٗنہِ ہُنٛد بےٚ توژھ بدن ووٗنۍ اٚچھِنے تل''۔ یہِ اوس ہیٚیہِ تہِ خبر کیٛاہ کیٛاہ پانٕسے ئتۍ سوٗنٛچان۔ مےٚ پیٹھ اٚس اکھ عجیب کیفیت طاٗری گژھان۔ مےٚ اٚس بعضے تصوٗر رٕکس کاٚہِ ناتس منٛز یم شبس جِگرِ ہِنٛز سونغماٚتی لےٚ بار بار کنن گژھان......

''یہِ چھسےٚ زمین تےٚ ژٕ چھکھ آسمانےٚ

چھاومیاٗنۍ دانےٚ پوش''

جِگرِ ہُنٛد وچھ اوس بوٚ رُت۔ میانہِ لولہٕ تاوٕکی آکھ اٚسی جِگرِ زوٗنہِ ہِنٛدی پاٗٹھی منٛز باگ وچھس تابان۔ میاٗنۍ جِگر تہِ ژاٚپ تمہِ راٗژ سٔدرٕچو بےوفا لہرٕ و۔ ییٚلہِ سو پان چھوکوان سٔدرس منٛز عُریان وٗژھ۔

......جِگرِ ہِنٛز دگ ہیٚتھ اوسُس یہِ یِیمہِ راٗژ تہِ سٔدرس پننۍ جِگر واپس منٛگنہِ آمُت۔ ییٚتہِ آس بدٕلِسے رٕگردِ آبس منٛز ہینہٕ۔

مےٚ اوس شانشہِ ئتۍ شِہس زٕ شِہہ گژھان۔ پھٕرٕ بکان پھٕرٕ بکان ووٗتُس یہِ فرہنگی جورِ نِش۔ تم وُچھم پنہٕ نے مستی ئتۍ آوٕری۔ تمن اٚس کاژٕر کوٗر مُشی تھےٚ گاٚمژ۔

مےٚ دیٚت ... سٔدٕری آلو ... میاٗنۍ ... آلو بازِتھ گےٚ یم زن

تہٕ مژِ ہندرِ بیدار۔ گرٕ انگریز گوٚونےٚ سنگاہ تھوٚدٕ ٔتھِتھ۔ کاژرِ میمہِ کوٚرمےٚ وُچھِھ بامبرِ ہوٚتےٚ بڑٕ یزری گنڈ......!!

"How you Deir" گُرٕ انگریزن وۄن مےٚ خشمہٕ ہوٚتےٚ

مےٚ وۄن تس کھنڈی پھُٹہٕ انگریزی یَس مژ......

" Your Daughter, there, alone, on, sahil.
This samandar will, kill her, samandar
lehar will come soon and will take her"

"ڈاٹر" ناوٕ بۄزِتھے لاریہِ یم دوشوَے بأژ دیوانن ہنٛدی پأٹھی سٔدرٕ بٹھِس کُن۔ کاژرِ میمہِ ژٕج کُنی وِدن باکھ نیرِتھ۔ یام تمہِ پننی کاژر کوٗر أکِس بجہِ پاں ژادرِ وٕلتھ وُچھ۔ تمہٕ سُند بےٚ حرکت جِسم وُچھِتھ گیہِ میم ہلکأری۔ تمہِ کوٚر تس آلو......

" Lucy your Mame is here, dont leave us
alone. we can't live without you Lucy.
please come back"

مگر میمہِ ہنٛدی رِنیأمتی آلو گٔے بے اثر ثأبت۔ وُچھان وُچھان آیہِ بٔیا کھاکھ لہر سٔدرٕ کھونہِ مژ وۄتلتھ۔ تیمی کاژر کوٗر پانس ستی سٔدرس مژ بے پےٚ مژلس کُن ڈٔہتھ نیہِ۔

گُرٕ انگریزن تُل ڈیکس ٹاس ٹاس۔ سُہ اوس تس ودان بڈٕ بڈِ آلو کران......

" Lucy my angle... parden....Please. Don't
leave us alone. Come on we are hear.

see your choklet is ready..."

گُر انگریزس ...... مےٚ وۄن " You care Less Angraze!"

شرارتہٕ سان۔

گُر انگریزن ......" Oh! we have lost aur beloved.....!"

وۄن ودان ودان۔ پتہٕ گوٚ وسُہ خاموش۔

''خبر چھم......آ.......آ......سٕدٕ رژۄل تہنٛز کاژٕ رکوٗ رہتھ۔ مگر امہِ باپتھ

چھِوتُھی باٗژٕ پانٕے ذِمہٕ دار......!!

گُر انگریزس اوس دَدرایہِ اۄش وسان۔ کاژٕ رہیم اُس اُچھوَ کنٕی ڈۄڈھ

ہاران۔ اۄش وَتھراونہٕ باپتھ اوس نہٕ یمن دۄن باٗژَ کہیں تہِ بدس۔ یم دۄنوٕے

اُسی عُریان۔ کاژٕ رہیم اُس سٕدرس لبِل کران۔ پٔنٕنی پاٗٹھی ووہوان......

" It is Revange!"

گُر انگریزن وۄن مےٚ سٕدرس کُن اشارٕ کران۔

''Re Vange'' ؟......مےٚ پُرٛژھ گُر انگریزس تعجبہٕ سان......

''Yes......انتقام!'' گُر انگریزس اوس اۄش وانہِ سرٛان گوٚمُت۔

انگریزٕ سٕنٛدِ زیوٚ ''انتقام'' لفظ بوٗزِتھ گیہ نہٕ مےٚ کانٛہہ تہِ حاَراَنی۔ تِکیاز پچھس

پیٹھ ڈٕ چھِنی کھوٗ ری اُسی مےٚ وارِیاہ فرہنگی کھٔنڈی پھُٹٕ اردو لفظ بولان وُ چھمتی۔

---

(نوٹ): یہِ افسانہٕ پیوٚ وتھنہٕ یِیلہِ میٚانی جواں سال بأے کاکنٕی سعیدہ مسرت رحمتِ حق گیہ۔ ۳۱ ر جلائے گیہ

یہِ ماسٹر باے ریٹائرتہٕ ۲۳ راگست شامس شےٚ بجے گیہ یمہِ عالمہٕ رخصت۔

پوٚز ''انتقام'' لفظ بوٗزِتھے زن آو سُہ منظر میانٮ۪ن أچھن دید مان۔ سُہ کرب ناک منظر ییٚلہِ تَمہِ رأژسُہ جوٗگی جگرِ تہٕ مےٚ برٛ وٗنہہ کنہِ اچانک دژ پیٚٹھی گوٚو۔ مےٚ تہِ أس گرٕ انگریزٕ سٕندی پأٹھی جگرٕ نیم عُریان کوچھِ منٛز۔ أسی تہِ أسی تتھےَ پأٹھی مست مدہوش۔ گوناہ ثواب کہِ تصوٗر نِشہِ بے خبر پنہٕ نے رزِ دژسہٕ دِوان۔ سأنی حرکات وُچھِتھ گوٚو جوٗگی اسہِ ژکھِ۔ تٔمی سُند روے اوس نارٕ مٮ۪ن ہیوٗ وُہان۔

''آ...... تھُوہ! نادانو ...... وَرُن دیوتا ہس چھنہٕ تٔہنٛز بے حیأیی کُلیتاً پسند۔ تٔہنٛزٕ یم شرم ناک حرکژ چھےٚ وَرُن دیوتاسٕندٮ۪ن اصوٗلن خلاف اکھ ٹاکارٕ بغاوت۔ توہہِ پیٚیہِ اتھ ڈَنڈ دِیُن''۔

یِ ونان کوٚڈ جوٗگی سرتل کشکولس زورٕ ٹاس۔ اسہِ برٛ وٗنہہ کنہِ گیہِ نارٕ چھل ظأہر۔ اسہِ ووٗل أچھن تیٚمبر ہٕ نال۔ پٮ۪ہری کھٔنڈی یام اسہِ أچھ مٔژراوِ جوٗگی اوس ژوٗلمُت۔ جگرِ لاجہِ عجیب حرکژ کرنہِ۔ سوٗنٛج پنہٕ نٮ۪وزِ تتھو لاثپل نموٗ ستی پٮ۪ن وچھٕ زِلنہِ۔ تٔمی کوٚر سیکہِ غسُل تہٕ پتہٕ گیہِ پھلوأے۔ گُنے ٹِکہِ وأژسوٗ سٕدرٕ بٕتھِس پیٹھ۔ سٕدرٕ منٛزٕ آیہِ اکھ بٔڈ لہر بٕتھِس گُن کھٔستھ تہٕ میأنی جگر وأژِن نالہٕ موٚت گٔرِتھ پانس ستی۔ تِتھےَ پأٹھی یتھٕ پأٹھی سو معصوٗم کاژر کوٚر وأژِن پانس ستی، یوسہٕ کاوٕ شُرٮ۪ن بن مالہٕ کران پٮ۪ن مأری موٚندُنیا جران أس۔



# پڑانہٕ وار

بہٕ اوٗسُس تصوٗرٕ کس کاپِناتس منز آشن ہُنٛد خدا ژھاران تہٕ سوٗ اُس سونہاٗرۍ گاشہٕ تھمبن داوِ ٹُلان۔ سوٗ اُس پتہٕ راتۍ راتس لُکن آنگن برنہٕ تہٕ گیٹ دَگان۔ مےٚ بغاٗر اوس نہٕ تس بچارِ کانٛہہ اکھا بَرِنی یلہٕ تراوان۔ مےٚ اُس سوچہٕ صفس پیٹھ بےٚ شونٛکۍ سوالن ہنٛدۍ آکار وتلتھ یِوان۔ بہٕ اوٗسُس گاشہٕ لِے زن سِیاہ لو برس منز روٹہٕ گژھان۔ سوٗ اُس نصف شبس میاٗنِس آنٛگنس منز لوٕہتس دزمنِس پیٹھ بیہوان تہٕ دوسَو دوسَو ژبلہٕ مبلہٕ زوٗنہٕ گاشہِ پھٕٹی بران۔ صُبحاٚے لوٗس نہٕ سحرٕ پتہٕ تس کہنٛی تہِ موژان۔ تس اوس کرنجلہِ پوٗنی گژھان۔ سوٗ اُس لوٕہتس دزمنِس پیٹھ ڈبکہٕ نٛہناوان تہٕ بڈٕبڈٕ کرٕ بکہٕ دِوان............

"بخٚلِے دزا اکھ! توتہِ ژھے میونُے پڑلنہٕ وار نالی۔ گوڈٕ یُس بیٚیس اتھ دارنس آسہِ تُس کیٛاہ منگِ زِ......! سوٗ اُس زوٗنہِ تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ نےٚ اوس تس کھٹُنگ غم، نےٚ شونگُنگ ہاوس۔ حالانکہٕ سوٗ اُس یاون مُژ۔ جوان یاونس ژھوہ ماران! سوٗ اُس عجیب حرکژ کران۔ منزٕی بنگر بن میٹھی وارا کران۔ منزٕی نستہٕ واجہِ ہتی سیتھ کران تہٕ منزٕ ے روخسارن پیٹھ زُلفن شانہٕ کران۔ یہِ تماشہِ وُچھتھ اوٗسُس بہٕ غوطن گژھان۔ مےٚ اوس زن تہٕ اچھر کسہ کال بدس...... مےٚ اوس

نہ تس کہنٛہ تہ وُنن کیٛت آسان......!!

تَمہِ وۄٹ درٛمنِس پیٹھ پیٛنتہِ پیٛنتہِ پنہٕ نِس رنیامتِس ہلمس منٛز گاش تہ بڈِ

بڈِ ئِج آسمانس کُن وَنہٕ نہِ...........

"سبھی گملے اُٹھالائی ہوں گھر میں

مجھے اب موسموں کا ڈر نہیں ہے"

تہٕ یِی ونان ونان آیہ سوٚ مے نکھہٕ......پتہٕ پاٹھی اوس نہٕ مے تس ستی کانٛہہ تہِ

رشتہٕ۔ نہ پیٛتر، نہ ماستر، نہ ماہتر، نہ پوپھتر......!!۔ تیلہِ کیٛاز اَس سومیٛانے

آنگن برنہِ النہٕ تہٕ ولنہٕ یِوان۔ ووٚنی کتھٕ ونہٕ ہا بہٕ تس......

"ہتے! خدارا کرتہٕ ووٚنی مے پیٹھ رحم۔ مے چھِ پانس خلبہٕ ینہِ داوِ داوِ

کھٔری! یہِ چھ اتفاق زِ تَمہِ راٚتہِ اَس زوٚن تتھے پاٹھی میٛانِس آنگنس منٛز ڈیرٕ

دِتھ یِیلہِ میٛانہِ تارکھ ملہِ پن ژھیٛون......پتہٕ آے تارکھ چھکراونہٕ۔ مے راٚوی

تارکن گرٛنڈ۔ تنہٕ پیٹھٕ چھس بہٕ ئلی مُہمِل لفظن کہانٛی گرٕنچ ناکام کوشش

کران!!"

تَمہِ کوٚر مے وٚچھس ستی چیر......ناگہٕ بلس ئِج وُزنی تہٕ ئِج بڈِ بڈِ کرٛ بکہٕ

دِنہٕ......

"ہتا میٛانِس پرٛلنہٕ وارس ہا کوٚر کھلوٚٹھ۔ مے اَس بس یہے اکھ ارزتھ،

پتہٕ کوٚر رہم داغی۔ کانٛسہِ روٚزِس نہٕ ہاوٚنی لایکھ"۔

"گُس کیٛاہ کیٛتھ پرٛلنہٕ وار!!" مے پرٛژھ تس تعجبہٕ سان۔

"اَے ...... پڑلنہٕ وارہا۔ یُس مےٚ خابن کپٹن کٔرِتھ سُوٚ ومُت اوس"۔

تہٕ یِی ونان ونان دڑ لیہِ سو میانہِ آنگنہٕ منٛز نبر تہٕ ئژ بستی ہٕندبن باتٕہ آنگنی برن دَ گنہِ۔

یِتھٕ پأٹھی اوس بستی ہٕند بن لکن میأنی پأٹھی ہند رِناش گرٛھان۔ لُکھ أسی صُبحٲے یارٕ بل وسان۔ تُرنہِ آبہٕ اُچھن ہُند نارٕ ژھوٚرٕ راوان تہٕ پننہِ پننہِ آبہِ تس پیٹھ تبصرٕ کران۔ مےٚ کوٚڈ تُرنہِ آبہٕ کلہٕ ہیرِ چھوکھ۔ تمہٕ زٕ نفرٲسی تتھ واقعہس پانہٕ وأنی دوٚنژھ ھراوان، یُس تس حسیناہِ پیش آو......

"اِمِس کورِچھ فاطمہ ناو۔ مألِس ماجہِ ہنٛزٕ کُنی خانہٕ موج کوٗر۔ قأبل تہٕ ذہین۔ ایم اے اردو کرنہٕ پتہٕ اُس سو کوربن ہٕندِ بہبودی باپتھ اکھ NGO چلاوان۔ یتھ منٛز سو کوربن معأشی اتھٕ روٗٹ کرنہٕ علاوٕ اخلأقی درس تہِ دِوان اُس۔ کمسے کالس منٛز پژوو فاطمن بحیثیتِ اکھ کامیاب تہٕ ایماندار Social Activests سُند ناو۔ سو گیہِ واریاہ مقبوٗل۔ فاطمہ بنیہِ اخبارن ہنٛز شہ سُرخی۔ ٹی وِی چینلن ہنٛز بریکِنگ نیوٗز۔ کینٛہہ اُسی تس مدرٕ ٹرٛپساشأنی ونان۔ ووٚنی اُس فاطمہ پٔنُن سورُے وقت پننِس NGO ہَس پیٹھ خرچ کران۔ اٲتھی دوران پھٔہلأوِ کٔمی تام بدخواہن یہِ بدافواہ زِ فاطمہ چھےٚ NGO کِس ناوس پیٹھ کوربن استحصال کران۔ سو چھےٚ اِموشنل بلیک میلنگ کران۔ حالانکہِ اتھ منٛز اوس نہ کانٛہہ تہِ پزر۔ یہِ اُس فاطمہ تہٕ تمِی ہٕندِس NGO ہَس خلاف اکھ سأزِش۔



لُکہٕ موٗت گوٚوانہِ گوٗٹ...... پزرٕ زانُنہٕ بغأرٕ ے کوٗرلُکو تس NGO

چلاونس ٹھاکھ۔ تس خلاف آو انسانی قدرن پامال کرنک مُقدِمہٕ چلاونہٕ۔
وُچھان وُچھان گےٚ تس پننی پَردٕ ساری پھیرِتھ۔ وکاس ناوٕ ییمہ جوانن سو
Prapose کرمٕژ اس، ییمہ تس پنُن شریکِ حیات بناوُنک وعدٕ کوٚرمُت اوس،
تمہ ہیوٚتُس پتھ۔ ماسولہِ کینژٕ وشخصو کوٚر نہٕ تس پیٹھ کانٛسہ اعتبار۔ یوٚتام تس بچارِ
أندری سَنہٕ گوٚو۔ اظہارِ کَس ناگراوس لوٚگُس ششر۔ اوے چھےٚ سولُکن آنگن
برنہِ دَگان تہٕ رائتی راتس تنِ تنہا پھیران۔ یِم عجیب حرکژ چھےٚ بِذاتی اکھ ردِ عمل
(Reaction) یوسہٕ فاطمہ پننِس ظُلمس تہٕ جبرس خلاف ہاوان چھےٚ"......دوٚیم
شخصن دِیُت جواب۔

مےٚ لوٚب سوچہِ سُدرس تار......مےٚ آو خدشاتن ہندِس گنڈس شرٛک
مُژرَنہٕ۔ وِکاس ناوٕ بوٚزِتھے آیہِ میأنس کینواسس پیٹھ تمہ سِنز ہأبتناک تصویر
ووٚتلتھ۔ أکِس بڈِس رسوٚک وألی سُند گُنُہ گوٚبرُیس حال حالے أکِس
شرمناک الزامس منز پُلسن گرفتار کوٚر۔ وِکاس......یُس پتہٕ موٚ کینژٕ ودوہو پیٹھٕ
سِیاہ کرتوتن ہنز کہانی ہتھ اخبارن منز چھپان چھُ!!
"کرتہٕ کالی وُچھن بہ سو فاطمہ بچاٚر۔ تس باوٕ بہ یہِ خوش خبر تہٕ دَپس فاطما!
ژےٚ بےٚ اعتبار کرن وألی گےٚ أخر پانےٚ ننگہٕ۔ اللہ کے دربار میں دیر ہے
اندھیر نہیں"۔ بہٕ اوسُس پانسے ستی سوچان۔
ووٚنی اوسُس بہٕ بےٚ صبری سان راژ ہندِس انتظارس...... فاطمس
استقبالس پژاران۔ سیلہِ فاطمہ میانہِ آنگن برنہِ تاس تاس نکہِ۔ یوٚہے چھُ موقعہٕ

ییٚلہِ بہٕ لتس حقیقت باو......!!

نِصف رأژأس زوٚن پوٚرٕشابس منز۔ سأرٕے بُتراتھ اُس سونہٕ سأوِتھ گأمژ۔ زأنی ہُنٛد مس چیتھ اُس مخلوق خوفتہٕ گأمژ۔ کُنہِ اوس نہٕ ستھ یا صدا کنن گژھان۔

''تِمی بدخواہن کوٚر میأنس پرٛانہِ وارس کھوٹن پوٚنسن لیلام''......اُتھی ستی ٹُل تمہِ میانہِ آنگن برنہِ ٹاس ٹاس۔ بہٕ دژاس وٕلی وٕلی نبر۔ مے مُژرووبرنہِ تور۔ فأطمس گرٕم کوم۔ أندری کوٚرم وٕلی وٕلی بیٚیہ برنہِ تور بند۔ فأطمن گنڈٕمے ہیرِ پیٹھٕ بوٚن تام نظرٕ رٕسے پیٹھی آنگنس منز لوٚتس درمنس پیٹھ۔

''لتس کہوگوٚ ویہ!......لتس کہو زِآونہٕ میٚون عار!؟

ہتاتِمی بدذاتن کہو زِدیُت پردہن اتھ میٚون پرٛانہِ وار۔ تم کہو زانن تمچ قدر!؟ میٚون پرٛانہِ وارہا اوس ووٚنی بےٚ داغ۔ مےٚ......مےٚ اوسنا سُہ زوٚنہٕ گاشہٕ چھوکھ کڈِتھ تِمی سٕندے باپتھ تھووُمت۔ تیٚلہِ کیازِ دژ اوسہ تاون زدخودغرض؟ تِمی ژوٚٹ مےٚ آشہِ باغس سگ، میأنس آشہِ باگس ژاو زژر......تِمی بدخواہن ژُھن پیٚتھ ہُنٛد گنڈ یلہٕ، بہٕ ترٛاوٕنس گردِ آبس منز''۔ فأطمس گوٚو اَشہِ ولنہِ سرٛان۔

''فاطما! اوٚش مہ ترٛاو۔ چون پرٛانہِ وار چھ سلامت۔ سُہ گوٚو پانےٚ رُسوا۔ وِکاس چھ قأدخانس منز بندگونہٕ ہن ہُنٛد سزاتُلان''۔

''کیاہ......کیاہ!؟'' فأطمن ....... مےٚ تعجب ساں

"آ......آ، فاطما! یِہ......یہِ چھُ پوٚز"۔ مےٚ کوٚڈۄلی ۄلی چندٕ منٛزٕ سُہ اخبار، یتھ پیٹھ وِکاسُن فوٹوٗ تمۍ سٕندِ بٕن سِیاہ کرتوٗتن ہنٛز عبرت ناک کہاٗنی ہبتھ چھپیوٚ مُت اوس۔ فاطمن پرٕ غورٕ سان کہاٗنی۔ تَمہِ پرٕ سو کہاٗنی دوٚیہِ ترٛیٚیہِ پھِرِ پتہٕ دِیُت تمہِ زمینہِ پیٹھ سجدٕ تہٕ اتھٕ زٕتھوٚ دِتھ تُلِتھ موٚنگُن دُعا......

"یااللہ......پرٛتھ گٹہِ تہٕ زٕھٹہٕ نِش تھاوُکھ پرٛلنہٕ وار محفوٗظ"

مےٚ کوٚر بڈِ آمین تہٕ اُتھی سٕتۍ لگۍ مشیدٕ مینار گرٛزنہِ۔



# تصویر

گرٛ بشمہٕ ژٔنجہٕ منٛز اوس تس ڈل پیٹھ لاران...... پھرٛ بکان پھرٛ بکان
ووت سُہ شہرٕکس بڑس بازرس منٛز۔ دُکاندارس اُس کتھ تام پأٹھی تمی سِندِ پنٛچ
خبر بزٛونہٕ لٔجمٕژ۔ تموٚ تُل شٹرن ٹاس ٹاس تہٕ دُکان گرِکھ بند...... تس اوس ڈل
زخمی سیٖمنہٕ ہِنٛدی پأٹھی پیٹھ دوران...... ڈلس اوس ژوپٲر رتھ دوشانٕے......

ژلان ژلان ووت سُلہٕ شوگہٕ بستی منٛز...... زن تہٕ اُس بستی ہِنٛد بن
لگُن ہاطفیٖن خبرٲنی ہتر۔ تموٚ اُسی بزٛونہٕ آنگنی برٛنٛبن أندٕری ہأنٛکل گرٕمژٕ تہٕ
تژیوٕ کنی اُسی زخمی ڈل تہٕ سُلہٕ شوگنہٕ ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹہٕ وُچھان۔ سُلہٕ شوگہٕ اوس
ووٚنی ڈلس آرٕ برٛژو چشمو وُچھان۔ تس اوس ڈلٕچ حالت وُچھِتھ کرٛہَمماز
ژھنبان۔ سُہ اوس ڈلسے منٛز زامُت۔ ڈلسے منٛز بوٚڈ گوٚمُت تہٕ ڈلسے منٛز کوٚر تٔمی
فرہنگی میمہٕ ستی تہٕ خاندر، یوسہٕ کشیرِ سإٔلس آمٕژ اُس تہٕ تٔمی سِندِس ہاوٕس بوٹس
منٛز ٹھٔہرتھ اُس!!۔

سُلہٕ شوگہٕ تہٕ میم اُسی اکثر ہاوٕس بوٹٕکس ڈالانس پیٹھ سُہ خوبصورت
تہٕ مأری موٚند منظر اُچھو ژٕرژان۔ تم اُسی پیٹھ لوٗلس لوٗل بران...... ژودأہم
زوٗن ییٚلہٕ ننگےٚ نصف رأژ ڈلس منٛز غُسل کرنہٕ ونان اُس، سُلہٕ شوگہٕ اوس
یہٕ مأری موٚند نظارٕ وُچھتھ زنٛن تہٕ وِسنٕ ییوان۔ سُہ اوٚس کاژرِ میمہٕ اتھس

تھف گرِتھ ناوِنَمس پیٹھ انان تہٕ ڈلس کُن اشارٕ کرِتھ ونان:

"Moon---see---beautiful---moon---yes---bathing---Nanga ---bathing----"

چانِی پاٗٹھی سونہاٗری بدن...... چانِی پاٗٹھی ہونگنہِ منز باگ موختہٕ دانہِ ہیوٗ لکھچن...... اُچھ ناٹہٕ کران!!!......Kiss......ہاٗری......yes۔

پتہٕ اوس سُہ ڈلہٕ منزٕ آبہٕ دوس کھالان تہٕ میمہِ ہندِس کاڑرِس مستس چھرِ کاو کران۔ سُہ اوس پتہٕ پھرس میمہِ ہندِس کاڑرِس مستس زاٗلی دِوان! کاڑرِ میمہِ اوس سُلہٕ شوگُن کھئنڈی پھُٹی انگریزی بوٗزِتھ اسُن وِکرِ گژھان۔ Oh wonderful ونِتھ اُس میم سُلہٕ شوگس نالہ متہٕ رٹان۔ مُژھیُل ڈل...... مُژِھج زوٗن...... مُژِھج میم۔ سُلہٕ شوگس اوس یہِ مُژھی جار رُمن رُمن پژ یڈان۔

تَمہِ دوہہٕ بیلہِ کاڑر میم ڈلس ژھوٗٹ تُلان اُس، اچانک پھیر شِکاٗری ڈُبہٕ...... ترٛیہِ دوہہٕ کھاٗ جِکھ چار چتاری میمہِ ہنز سونہاٗری لاش ڈلہٕ منزٕ۔ میمہِ ہنٛدی راونن کوٚر سُلہٕ شوگس تہراج!!۔

سُلہٕ شوگن رُٹ میمہِ ہنز لاش کھوٗنہِ منز تہٕ ودان ودان دوٚپنَس......

"ہاٗری! از گوٚو پزی پاٗٹھی ڈل یتیم۔ اُسی گیہٕ پرٕ ژھینٛگ۔ See......

See...... ڈل بچور Weaping"

ووٚنی کڈِ نہٕ زانٛہہ تہٕ زوٗن نبصف راٗژ زُلفن واش! ووٚنی وسہِ نہٕ زانٛہہ تہٕ زوٗن پان چھوکو نہٕ ڈلس منز......!!

میم کٔرِکھ دفن تہٕ سُلہٕ شوگس اُس بچأرِس تانس میمہِ ہنٛز دَگ تیلان۔ میمہِ ہنٛدی مرگن پھٕژرِ وو سُلہٕ شوگس کمر......!

تمہِ کرٕ یہ کرٕٛ ہوٗٹھ چاأدِشٕ پتہٕ اوس نہٕ سُلہٕ شوگہٕ زانٛہہ تہِ بژ ونٛہم پاأٹھی زوٗنہٕ رأژناوِنمس پیٹھ نیران۔ تس اوس اکہِ طرفہٕ میمہِ ہُنٛد راون تیوٚل ضرب وچھس تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ اُس ڈٕلچ ابتر حالت وُچھتھ تس جِگر ژھینٛان۔ ووٚنی اوس نہٕ تس یہِ دِلخراش منظرٕ ژھوٗ وُچھن برداشت گژھان۔

اوَے ژوٚل تمہِ دوہہٕ سُلہٕ شوگہٕ گرٕ بشمہٕ ژنٛجہٕ منٛز ہاوُس بوٹ ترٛاوِتھ۔ سُلہٕ شوگن یام ہاوُس بوٹہٕ منٛزِ بون قدم ترٛ وو ڈَل لاریاوتَس پتے۔

خأر سُلہٕ شوگہٕ بچوو اوس ووٚنی عجیب گرداپس منٛز ہہنہٕ آمُت۔ تس اوس پتہٕ زخمی ڈل تہٕ بُتھِ میمہِ ہُنٛد مزار! لُکھ اُسی ژوٗرِ ژھیٚپہِ یہِ سوُرے تماشہِ اُچھو ژرژان۔ سُلہٕ شوگہٕ پھیوٗ رِپتھ۔ تُمی روٗٹ ڈل ہلمس منٛز تہٕ سیوٚ دُے ژاوتھ قبرستانس منٛز یتہِ میم دفن اُس۔

سُلہٕ شوگن دُن ڈل میمہِ ہنٛز قبرِ پیٹھ تہٕ ودان ودان دوٚپنَس......

"ہأری! ڈل چھی حوالہٕ...... یتھ چاأنس ڈلس کرِنہٕ ووٚنی کانٛہہ حفاظت۔ تمے رٕچھِن تمہِ بدخاہو ترٛ وو عُریان گرِتھ۔ بچأرِس آب ژوٗٹھس...... رتہٕ داأوی رویس پیٹھ چھبس جہانگیرنی گشیرِ دِیان...... پری محل تہٕ چشمہ شاہی چھِ مرتی پران۔

رنیامُت خاأل ہلم یتھ... سُلہٕ شوگہٕ رولِس خاک مِلتھ قبرستانہٕ منٛز

نبر۔ تس آسہٕ پلوَن ترٕ پَچھِہ گرِتھ! قبرستانس نێبرٕ کنہِ أسی بستی ہٕنڈۍ لُکھ زولانہٕ ہتھ تس انتظارس۔ تِتھے سُلہٕ شوگہٕ قبرستانہِ منزٕ نبر دژاو...... تس کوٚر لُکو گھیرٕ...... زولانہٕ ترٛأوِہَس نالی! ڈیکس تھاوٕ ہَس ''دیوانگی'' ہٕنزٕ لیبل مُرِتھ تہٕ جبرن کوٚر رُکھ بچور پاگل خانس حوالہٕ!!۔



# الاو

تیجس اُس کۆرعاًن تہٕ غاًن پانسے پٮ۪ٹھ گاٚمژ۔ زِن تہٕ راتچ فوٹو کاپی۔ دوشوٕنی ماجہِ کوربن اوس ہوتگنہِ منز باگ موختہٕ داٗنکی پاٗٹھی لکھچِن نظرن وژسہٕ دِوان۔ حالانکہِ ماجہِ کوربن اٚسکی پانہٕ واٗنی داہؤ ری واٗنسہِ فرق۔ انزان ہٕندِ باپتھ اوس سبٹھاہ مشکل یہِ وُنن زِ تیجہِ کوسہٕ چھےٚ تہٕ انجلی کوسہٕ چھےٚ۔

تیجُن خاندار راکیش گوٚ وڈیوٹی دوران حاٗدثٕک شکار۔ پتہٕ لٗج SRO کیمس تحت پنٕس خاندار ہٕندِ جایہِ نوکری، ییٚمہٕ کِنی یم ماجہِ کورِ زسرکاٗرۍ کواٹرس منز روزان آسہٕ۔ دوشوٕنی ماجہِ کوربن اٚسکھ یاونس گژبکھ۔ دوشوٚے آسہٕ پھٔرِس تل تیٚمبرِ بژیہناوان۔ تیجہِ اُس نارٕ گجہٕ ہٕندی پاٗٹھی وُہان۔ تس اُس انجلی تالہِ پٮ۪ٹھٕ نارٕ ٹوک وزان۔ سواُس اُچھن ہٕنٛد نار ژھوراوُن یژھان۔ پوٚز تس اُس انجلی بتھِ اَگ یِوان۔ تُمی ہٕنزن بوچھِ ہژن چشمن گن وُچھتھ اوس مےٚ پژانہِ دِلہِ ہُنٛد سہ بچھِ وُن نظرن تل یِوان تیمی ہٕندِس رولیس پٮ۪ٹھ بوچھِ پھبگان چھےٚ۔

بہٕ اوسُس تیجس دودٕ بوےتہِ۔ دپان مےٚ اوس تُمی ہٕنزِ ماجہِ بٔبہ دود چوٚمُت۔ یہِ رشتہٕ روٗداسہِ برابر ہتی ہتی پکان۔ اسہِ اوس اورٕ یور یُن گژھن تہٕ۔

تَمہِ رأ ژیٖلہِ تیجہِ تس خوبصوٗرت جوانس ستیٖ سون آیہِ تہٕ تس ستیٖ الگ کمرس منٛز شوٗنٛگنک تقاضہٕ کوٚرُن مےٚ گوٚو نُنہٕ وانہِ سۭر ان۔ امہِ واقعہٕ پتہٕ روٗ دُس بہٕ واریاہس کالس خدشاتن ہٕنٛدِس کھُرِس گنٛڈ مُشراوٕنچ ناکام کوٗشش کران۔

تیجن بدٕلووڈیرٕ تہٕ تمہٕ ماجہِ کورِ گیہِ دوٗر کتھ تام شہرس منٛز۔ ووٕنی اوس تیجس تہٕ مےٚ فونسے پیٹھ کتھ گژھان۔ یہِ رأبطہٕ تہٕ ژِھیوٚن دون ترٛہن رتبن۔ ووٕنی اوُسس بہٕ پننس لاشعوٗری صفس پیٹھ تمن ماجہِ کوربن دون ہٕنٛدبن آکارن منٛزی منٛزی رنگ بران۔ تتہِ اُس بےٚ شوٗنٛگ تصویر وۄتلتھ یِوان۔ بہٕ اوُسس پتہٕ تصوٗر کس کاپناتس منٛز روزان......!! اُتھی گرداِبس منٛز آوٚ مےٚ اکہِ دوہہٕ موبائیلس فون......

"ہیلو......!"

"ہیلو......" یہِ اوس گُستام اَن نُون نمبر۔ مےٚ ژوٗٹ فون۔ بیٚیہِ آیہِ رِنٛگ۔

"ہیلو......ہیلو"

"ہیلو......وٕ نو"

"مُبارکے گرِی زِہے"

"ہیلو......کتھ؟" مےٚ وۄنُمس واپس۔

"انجلی ہُنٛد خاندر گوٚو" تمہِ وۄن جواب

''کس ءستی؟'' مےٚ پُرٛژھ تس تعجبہٕ سان۔

''ژٕتسی جوانس ءستی، یُس مےٚ تمہِ راٚ ژ چانہٕ گرِ ءستی اوس''

مےٚ ژۆٹ فون......بہٕ آس سوچہِ ،کس شاٹھس منٛز ہکہٕ لاینہٕ۔

''ہیلو......ہیلو'' فون کیاز ِژۆٹُتھ''؟ تمہِ رلووبیٚیہٕ فون۔

''ہیلو...... نہٕ...... ون...... ون کیاہ چھی وُنُن'' مےٚ پُرٛژھ تس بےٚ غرض پأٹھی۔

''بہٕ چھبس ووٚنی نارٕکوٚندِ منٛز خاب پیٚان'' تیجن دۆپ اسان اسان تہٕ أتھی ءستی ژۆٹُن فون!!



# دید بل

اٗعٕ

تس پھوٗلی چشمن گولاب تہٕ بڑ ژٕرِس منز مُشکو وتمہِ میوٗن اوٗ ند پوٗک......
پتہٕ بدلیاوسماعتہٕ تس اٗیج چشمن وہراتھ۔ پھیرِ پھیرِ پشیے یہِ تس چشمن خوشبوے۔
میأنی سأرِے زمین گیہِ معطر! ووٗنی اوس مےٚ پد بن تل عطرِ ناگ وُزان۔
''گُل بدن!'' مےٚ ژٕج نبسٕگاہ کرٕ ہکھ نیرِتھ۔ تمہِ کھوٚٹ پوٚ ژِ منز پٔنُن
روے تہٕ پہٕری کھٕنڈی گیہِ تس کُنی لارن......بہٕ گابریاس
''خأرِے چھا!''؟......مےٚ پرُژھ تس۔
تمہِ تھووتوتہِ پوٚ ژِ منز پٔنُن روے کھٕٹِتھ ــ مےٚ اوس نہٕ کہیں تہِ بوزُن تگان۔
تس اتھِ لاگنس اوسُم گوڈٕے ٹھاک......
''اِر کھور!'' تمہِ ووٗن مےٚ کُن خشمہٕ ہوٚت۔
''بہ کتھ پأٹھی ہیکہِ اِر کھور أستھ......آدم کتھ بنہِ اِر کھور؟ أسی سأری
چھِنا آدم! یتہِ چھنا تمی ہے آدم سنٛز اولاد......اِدٕ چھبس موج حواؑ۔ حواؑ چھےٚ قتلک
دسلابہٕ۔ گوٚ وتھ قتلس اوس سبب أمی سُنٛدُ ے......باٗیس اتھِ کرنوٗن بوے
قتل......تہِ فِتنہٕ چھُ برابر از تام جأری''۔
تس أسی ودن ہکی گرٕشھان۔ میأنین سوچہِ داون لوٚگ ٹکھ ــ مےٚ ہیوٚت
پٔنُن کانٛپیامُت اتھِ تس دِلس کُن نٔیُن۔ دِلٕ روٚدیہِ پٕھ تِلس پوٗرٕ تھود۔

''بہٕ چھبس زُلیخا'' تَمہِ وۄن مےٚ شرارتہٕ سان۔

''مگر توتہٕ تہِ ماتوٚ گُے یُوسف مولہٕ وُن!'' مےٚ دِیُت تس تأجلی سان جواب۔

''بہٕ...... بہٕ چھبس رحیمہٕ۔ حض ایوبسٕ اُرِم تَمہِ ساتہٕ پیٛالہٕ بردأری، یِیلہِ تس بدنس کیٖمی ؤتھی۔ وفا گوٚ ویوٚ ہےِ ــ مےٚ کِنہِ تمی سِنٛدِ با پتھ پننہِ مس لٹٕر تام''

''اِد سونہٕ سأوی گیگھ نا؟'' مےٚ دیُت تس جواب۔

''مگر...... یِمن کتھن کیٛاہ چُھ مےٚ سۭتی واٹھ؟ ژٕ...... ژٕ کیٛاز چھُکھ مےٚ یِم مثالہٕ دِوان''...... وۄنی پرٛژھ مےٚ تس سبٕھے عأجزی سان۔

میٛون یہ سوال بوٗزِتھ نیہِ تَمہِ ہکہٕ روٚیہِ پپٹھ پوٗژ تھوٚد تُلتھ۔ سو أس وۄنی مےٚ برٛوٚنہہ کنہِ ثوبوٗت۔ نُنہٕ ولنہِ اُس تس بدنس سأرے خوشبوے چھلنہٕ آمژ۔ اُچھن تُل تَمہِ گیٚنٛین سِیاہ اپچھرِ والن ہُنٛد پرٕد تھوٚد۔ میٛون دید بل گوٚ وروشن یِیلہِ مےٚ تمی سِنٛد بن لالن منز پیٚن پان تمی سِنٛدِس وچھس پپٹھ وُچھ تہٕ بہٕ اوسُس تمی سِنزِ بَبہِ ژٕ ہہ ژٕ ہہ دِوان۔ سو أس مےٚ پننہٕ نوٚ نرم اَتھو سۭتی تالہِ پھش پھش دِوان تہٕ مُد رِلیہِ منز ونان......

''دود چیتھو دامہٕ دامہٕ دُرٕ پھلے...... ہو ہو کرٕ یواڑٕ کلے''



# دگہِ رۆس آئنہٕ

سأرِسے شہرس چِیس چِیس پھیرِ تھ تہٕ بٔنیاونہٕ تِس مأرِلس پننہٕ نِس خریدار۔ مایوس گرِٕھتھ آوگرٕ واپس تہٕ گرِ پرُژھس خاندارنہٕ خشمہٕ ہوٚتےٚ......

"ازتہٕ اوٗتھن ژےٚ بُڑ واپس۔ گوڈٕ چھا سوال زِ أمس ہیٚیہٕ کانٛہہ !"

"چأر چھکھا! کأتیاہ چھِ مجبوٗر آسان"...... مہدن دِیُت خاندارنہٕ نرمی سان جواب۔

"تیٚلہٕ کیٛاز اوٗتھن ازتہٕ واپس؟ ۔ازگےٚ برابر اکھ رٕتھ ، اکہِ لٔنڈ یوان تہٕ بیٚیہِ لٔنڈ نیران۔ تیٚلہٕ کیٛازِ گےٚ نہٕ ژےٚ وُنیُستام خریدار میسّر"

"خبر چھما!؟"...... مہدن دِیُت خاندارنہٕ شرارتہٕ سان جواب۔

"جل کرأمس بُڑس کانٛہہ سبیل نتہٕ............!!"

کتھ پوٗرٕ کرنےٚ ژٕلیہِ مہدٕنی خاندارِنی کُٹھس منز دروازس کُنےٚ ٹاس کٔڈِتھ تہٕ پیٚٹھ أندرٕ کنہٕ۔

"یہِ کیٛاہ سأ گرٕھ نہٕ کینٛہہ اُکدٕ کرٕنی ...... یپأرٕ چھےٚ بُڈس مُہنوِ سنزٕ کوٗر، پتہٕ کیٛاہ لوٗبہٕ؟ گوڈٕ چھنہٕ مےٚ فکرِ تران زِ أمی کیٛازِ چھنہٕ ازتام پنٕن مول گنمت؟ یہِ کیٛازِ لٔج میأنی سے مأرلس پتہٕ۔ میأنی سے مأرلس کیٛازِ لٔج یہِ کوٚپأٹھی برٕکرِ؟۔ وونی ہرگاہ نہٕ مےٚ مأرلس خریدار بٔنیاو تیٚلہِ کیٛاہ سنا کرٕ یہٕ!؟...... یہِ چھا بٔنیامُت از

تام زِ کانٛسہِ چھُ پٔتُن مول کُنمُت۔ اُمِس پٔتۍ کیاہ وَنہٕ یہٕ! یہِ چھُ میٲنۍ ہے مٲلِس تقصیر، سُہ گۆو تَمہِ دوہہٕ یٔلی اُمۍ ہٕنٛدِس کارِس خام طماہ۔ یۆ تام پانس ہتۍ ہتۍ یہٕ تہِ وۄلنس...... ازا گرٕ مول کُن، پگاہ ما کٔنِن مےٚ تہٕ پننۍ اولاد؟ یہِ مابنہِ روایت تَس کستام ہٕنٛدۍ پاٹھۍ تیمۍ پٔتُن مول اَتھ برِتھ دٔرِیاو ٹھٔنٛٹھِس پیٹھ دریاوس منٛز ترٛاوُنہٕ باپتھ واتنووتہٕ مٲلۍ دۄپُس......

"پوترٕ! یِیٚتہٕ نَس نہٕ۔ ہیرِ کنہِ ترٛاوُم بون، تِکیازِ مےٚ چھُ پٔتُن مول اُتی نٕے بون ترٛوومُت"۔

نِچۆوۍ اوٚن رَسے مول پٔتُن واپس، تِکیازِ تَس اُس روایت پھُٹراوٕنۍ سےٚ تہِ پرٛزِ یہِ روایت پھُٹراوٕنۍ۔ نِچُے گرٛژھ یہٕ ریوایت دٔرِتھ تہٕ اولاد آسن مالِین کنان...... کس مٲلِس کِنہِ اولاد!! تسۍ مٲلِس ہا ییٚمِس اولاد ہٕنٛدٕ دادِ چشمن گاش لۆس!! تسۍ مٲلِس ہا ییٚمِس پھۆتۍ مۆزوٗرۍ کٔرِتھ شانن وُنہِ ضرب موجوٗد ے چھِ!! تسۍ مٲلِس ہایُس پٔتُن خاب اولادس بَیہِ لیکھان چھُ......!!

"کتہٕ روٗٹنکھ؟"......امہِ کرٕ بکہِ گےٚ مہدس تصوٗر کس ناگس وُزِنۍ بند۔

"دِیتۍ چھس"......مہدن دِیُت لارِ ہۆت خاندارنہِ جواب۔

خاندارِنۍ ورٕلیہِ شرارتہٕ سان آنٛگنس منٛز تہٕ دۄپنس

"کیاہ سوچُتھ؟"......خاندارنہِ ہٕنٛدِس اتھ سوالس اوس مہدس نِش جواب پۆز کتھن موہر تُلنۍ اوس مسلہٕ۔ سُہ گۆو کامیاب موہر تُلنس منٛز تہٕ دۄپنس......

"خریدار چھُ بدس گو......!!"

''مگر.....مگر کیاہ؟''    خاندرلنہِ پُژھ وُتاؤلی سان مہدس۔

''مگر معاوضہٕ چُھ ہنا کڑیوٗٹھ میلان''

''مطلب''    خاندرلنہِ پُژھ بێیہ مہدس۔

''بس چُھ خریدار میلان.....معاوضہٕ چھِ تم، سُہ دگہِ روٗس رُمہِ دار آنہٕ دِوان، یُس پزتھ بُتھس باگنۓ گرِتھ انہار پھُٹراوان چُھ تہٕ اعتبارس کھوٚٹ چُھ بناوان''۔

خاندرلنہِ آیہٕ نہٕ پھرس پننس خاندارٕ سٕنز کتھ سمجھ تہٕ پھٕری کھٔنڈی دوٗ پنٕنس......

''اعتبارٕ روٗس زُوٗن تہِ چھا زندگی!''    تہٕ یی ونان ونان ژلیہِ واپس مکانس منز۔

مہدٕ ژاو خاندارنہِ پتےٚ مأرس وُزناونہِ پوٚت کُٹھس منز......پوٚز بب اوس کرتام شێہلیاٗمُت!!



# کاوِینہِ وول

ہارِ کوٗ ڈُصجاے غابہٕ گرایہِ بُتھس چھوکھ۔ چشمہٕ مُژراین۔ تس بژونہہ کنہِ اوس عالی شان لول وچھ مُژراوِتھ درٕمنٕز چھِٹل آنگُن تہٕ پوشہٕ مرگ ژھالہٕ ماران!

ہارِ بچن آنٛپہٕ آپراوان پھانٛپھلو وہارِ ماری موٗند پگاہ! تمہٕ گوٗر پگہس ژھیٗل سحر، رٕیٗل صبح تہٕ سِر یہٕ زٕژن ہُنٛد بندرِ پچھ گرِتھ انہار......! ہارٕ اس ووٗنی ہارِ بچن تہٕ طوطس ستی شُنیاہس ہیوٗر سبٹھاہ ہیوٗر روٗڈو کرنک سٕژ کران۔ پکھن کوٗ ڈُن واش!

طوطہٕ اوس اُمس نکھے دارِ دمس پیٹھ بہتھ ہارِ تہٕ ہارِ بچن ہُنٛد ماری موٗند وٕہ ہاروٗ چھِتھ ژرژان تہٕ خوش گژھان۔ سُہ لوٗگ لوٕہتس درٕمنس پیٹھ پکٕہکی دلچسپ افسانہٕ گرنہِ۔ اُتھی منز کڈ ہارِ وٗپھ...... تہٕ سوآیہِ سوکھہٕ موکھہٕ گلاسہٕ گجہٕ چھاونہٕ۔ سوآیہِ چھِٹل درٕمنس پیٹھ ٹاس گرِتھ وٕستھ۔ تس آووار یاہہٕ کالی حبس!! ہارِ بچہٕ لگی نوحہ پرنہِ۔ طوطہٕ لوٗگس دِلاسہٕ دِنہٕ۔

بےٛ فُرصت وق اوس ژلان۔ طوطہٕ اوس ہارِ بچن افسانہٕ بوزٕ ناوان تہٕ تمن یہٕ دلاسہٕ دِنٕچ کوٗشش کران زِسائنی ہارٕ کرِ ضرٕ روٗڈو۔ بس ہیوٗر سبٹھاہ ہیوٗر! پتھ پاٹھی روٗ دوٗری ووادن طوطہٕ ہارِ تہٕ ہارِ بچن ہشرٕ پژ اُنٛشتھ گوڈبران تہٕ آبیاری

کران۔ پۆز ہأر اُس کأر نومرِتھ پٔننبن بےٚ سو کھ ہاوَسن ہنٛز کتاب خاموشی سان پران روزان۔

سِر یہِ یام آنگنس منٛز أنہٕ چھپرِ گنڈُن ہیوان اوس ہأر اُس ٹِکے دارِ دمس پیٹھ بیٚہوان تہٕ پانس مرٛتی پران۔ زۄنہٕ رأژ اُس ہأر لوٚہتس دزٛمنس پیٹھ لر تزٛ اوان، پھر لِگلاسہٕ کُجِہ مُدٔے گنڈان۔ پتہٕ اُس سو لبجن اویزان سونہأری گاشہِ تِلمن سوٚمبر اوان تہٕ رِبن سُوتِھ ہارِ بچن تہٕ طوطس نالِہ تزٛ اوان۔ تس اوس زأوِلبن ووزلبن سزٛ یہہ دار وُٹھن پیٹھ اسن تزٛ لیہِ پھبان۔ پۆز وُپھ نہ کرنک غم اوُسس بچارِ أندری کۄران۔ یٚمہِ کنٛی سو لوٚہتس دزٛمنس پیٹھ سونہأری گاش منڈان اُس۔

تھٕکِتھ لۄسِتھ ییٚلہِ ہأر بیٚیہِ أٔلس منٛز اژان اُس سو اُس بوچھِ ہٕش بے خاب لر تزٛ اوان۔ ہارِ بچہِ تہٕ طوطہِ اُسٕ ہارِ ہُند یہِ حال وُچھِتھ بےٚ سو کھ گزٛھان۔ تِمن اوس ہندرِ ناش گزٛھان۔ تِمن اوس نصف رأژ آنگنس منٛز چھٹہِ پوشرن ستی گنڈُن خوش کران۔

ہأر اُس پزٛتھ دوہ صُبحأے اُڈ دَدبن خابن ہُند ہِند ریٛامُت پزٛانہٕ واردارِ دمس پیٹھ تاپس تزٛ اوان۔

یتھ پأٹھی ووت یہِ افسانہٕ ۲۳ر اگست ۲۰۱۳ٕ شامس شےٚ بجے اَند ...... ہأر واتنأو کھ میٚنٛزِ وأرىٔو۔ اکھ...... زِ...... ترٛےٚ...... ژور۔ آ...... ژۄرِم۔ یوٚ ہےَ ژۄرِم قبرچھےٚ سانہٕ ہارہنٛز

صُبحٲے اوس ہارِ ہُنٛد سۄزٕ انہٕ وٲنۍ گلاسہٕ کُجہٕ لنٛجہٕ پھۄ رمُت۔ توبۄ دگسہٕ ستۍ اوس درٕ منٛز آنگن دٕ زِتھ پیۄمُت۔ ہارِ بچہٕ گٔے دَمہٕ پھُٹٕ۔ طوطس کلیہٕ زیو۔ أندرٕ اوس ساپِبانس منٛز مانٛچھ گن گرٕ بزان۔ تہٕ نیٚبرٕ اوس ماحول ماتم سراے۔ اشہِ وانہِ اوس چشمن سۄزٕ ان گرٕ ھان۔ مےٚ اوس بس وُٹھن ہران:

سب کہاں کچھ لالہ وگُل میں نمایاں ہو گئیں
خاک میں کیا صورتیں ہوں گی کہ پنہاں ہو گئیں



# ژیپ تہٕ ژپھ

مندرٕ چہِ ہیرِ کھسان گہِ سرس خابن ژُر چہِ ییلہِ تَمہِ کرشن گوپی ناتھ نہِ کورِ شیلس ہتی ہٕکرِ ماران ہیرِ وسان وُچھ۔ سرٕ اَس پوٚز لیہِ ہٕنٛدِ نیتہٕ گرِ درٛامژ۔ اوُکُن اوس نہٕ تَمِ کی سُنٛد واپس پھیرُ بن جان۔ سوٕ اُژ مندرٕ آنگنس منٛز، زن تہٕ اَس وٚستھ آمژ۔ کرشنُن شیلس ہتی تہٕ پاٹھی بےٚ پرولیہِ پاٹھی نژُن اوس نہٕ سرٕ نہٕ باپتھ اکہِ بڈِ صدمہٕ کھوتہٕ کم کینٛہہ۔ تکیاز سرس آسہٕ کرشنس ہتی خاندرٕ چہِ کتھہٕ یِوان تہٕ سرُن مول موج کاشی ناتھ تہٕ اَرینیٚ اَس یہِ ڈٕلِی زِتہٕ آنکار دِنس تیار۔

خاٗر! سرن دِیُت مندرس اَندرٕ ماتایہِ چرنن تل پان دا رِتھ تہٕ لَج بڈِ بڈِ اَہی کرنہِ......

"ہے! ڈبکہٕ بڈ ماتا! ہے ماج سرٕ سوتی! کرم کر یتھ بہٕ نظرن وُسجار لبہٕ۔ تھف کرُم یُتھ نہٕ رس گژھم۔ یُتھ نہٕ پکھٕ خوش آوے اتھٕ گژھم۔ پتہٕ آسم ساٗرِسے واٗنسہِ سنتاپھ۔ اہنکاٗری چھبس۔ شما کرم، ہمت دِم، یُتھ بہٕ لاٗنس آشہِ ہُنٛد ماٗری موٚنٛد آ کارگرنس ہتی دسلابہٕ کرٕ۔ ہے! زگت ماتا! شکتی دِم، یُتھ بہٕ خابہٕ خجن ہنٛدی ژُر کی نوزُک ژمہِ پیٹھ برداشت کرٕ۔ میاٗنی پتا ماتا چھِ ضعیف، یِنہٕ میانہٕ بارٕ ہتی تم پھُٹِتھ ہِن۔ تمن دِ ہمت، یُتھ تم کمزور شانن پیٹھ

میٖون بورو بتہ اون''۔

سرن سپدٲ وٲہی کٔرتھ۔ تَمہِ رۄٹ شنک کانٛہہ نیا متین اتھن منٛز تہٕ ئِچ پۄٚر رفتارِ سان شنکس پھوکھ دِنہٕ۔ شنک بجاوان گۄ وتس اۄشس تہٕ عارٔقس گٔنے۔ شنک اوس تتھ پاٹھی وزان، زن تہِ اٗس نارِ الاوس بزٔیہہ گنڑان۔ مندرٕ کی سادھوَن دِژ شنکس تھف۔ سرٕ ئٹن وچھس ءستی تہٕ دۄ پنس......

''سیتا چھےٚ پۄتر......گُلاب وٕتھرس پتھ سُلہِ صُبحُک لۄ پھیوٗر۔ چائٔنی سنسکار آیہ چھلنہٕ۔ تیمے دَمہٕ نیر، پنہٕ کۆرٕ ہیرِ وسان وسان خابہٕ ترٛچن سۆ مبراونچ کۆشش کرکھ۔ ماتا گییٔ مہربان۔ نظرن لیۆ کھنے قرار۔ صبرُک سوغات ہیتھ نیر۔ مہٕ گژھ ئلی پریشان۔ شیلا چھےٚ پۄتر گنگایہِ وانکی پاٹھی''

اکھ، زٕ تہٕ ترٛےٚ کران وٕژھ سرٕ ہیرِ پاین تہٕ گرٛشن تام منٛٹن منٛز وٲژ گرٕ پٔنن۔ سرٕ پیٹھی پنہٕ نِس کمرس منٛز، سو اٗس آش تہٕ نااُمیدی ہنٛد بن دون بڈ بن سرحدن منٛز باگ کو پاٹھی ہینہٕ آمژ۔ اَرَسنی ژلیہِ کورِ ٹکلے چایہِ کھوس ہیتھ تہٕ کھوس پلناوان دۄ پنس......

''کۆرٕ! از کیا زِ گےٚ ژیر؟''

سرن دِیُت نہٕ ماجہٕ ہنٛدِس سوالس کانٛہہ تہِ جواب۔ تس اوس چاےٚ چوان باداٗمی چشموٚ منٛزٕ ڈوٚھ پھلی ہوی اۄش پھیرِ وسان۔

کورِ ہنٛز حالت وُچھِتھ گییہ اَرَسنی زیادَے پریشان۔ تہٕ عاجزی سان پرٛژھن ہیٚیہِ کورِ......

"سرَ ے! زُووونٛدمےَ خاأرِ ے چھا...... ژٕ کیاز ِ چھکھ اوٚش ہاران؟"

سرن کوٚر ماجہِ بٕرٛ وٕنہہ کنہٕ اَ دیٚگ سہٕ سورُ ے واقعہٕ بیان، یُس تس مندر ہیرِ کھسان پیش اوس آمُت۔

ماجہِ کور بن ہنٛز بڈٕ بڈِ کتھٕ بوٗزتھ آو کأشی ناتھ وُزِ منٛزٕ پوٚت کھور ے واپس تہٕ لوٚگ اَرنہِ گُن ونہٕ نہِ......

"تُہیٚ کیاہ چھِو ماجہِ کورِ اَنٛز راوان؟"

"کِہینٛہ نہٕ...... یہِ اَس نچ مندر کھٔژٕ مژٕ!"

"اِد اتھ منٛز کیاہ چھُ بحث کرُن لایق؟"

"کِہینٛہ نہٕ!"

"ییٚلہِ نہٕ کِہیں چھُ، تیٚلہِ کیاز ِ بوٗزمےٚ کنٛو کرشن شیلا۔ تیٚلہِ کتھ آسو تُہیٚ ماجہِ کورِ دَل دِوان؟"...... کأشی ناتھن پرٕژھ خاندارنہِ خشمہٕ ہوٚتےٚ۔

"یہِ چھُ نچہِ وُچھمُت کرشن شیلس ہتیٚ مندر ہیرِ وسان!"

"اِد اتھ منٛز کیاہ گوٚو؟"

"کِہینٛہ گوٚو نہٕ" اَرنہِ ووٗن شرارتہٕ سان خاندارس۔

"ژےٚ چھےَ خوشکبتھ۔ پُشہِ گرتھن کوٗرتہِ خراب"

"نہٕ۔نہٕ خوشکبتھ چھُم نہٕ"

"تیٚلہِ۔ تیٚلہِ کیاہ گوٚو۔ بم پھوٚٹا۔ کرٛاس فائرنگ گیا۔ مور کھا کانٛہہ، کِنہٕ ٹریفِک جام گوٚو تہٕ بیمار مۄد بروقت ہسپتال نہٕ واتنہٕ کِنۍ گٔوژھ ٹہٕ ژھرٛ ٹہٕ

کران؟" کاشی ناتھن وۄن خاندرلنہٕ۔

"نہ۔نہ،یِژھ چھنہٕ کانٛہہ ڈٔلیل"

"تیٚلہٕ؟"......کاشی ناتھن پرُژھ ووٚنی بڈٕ ہٹہٕ اَرنہٕ۔

"یہ چھُ اوسمُت کرشن شیلس ستی مندر ہیرِ وسان"

"اِ اتھ منٛز کیاہ گوٚو۔کرشن نےٚ شیلس ستی آسہٕ ہے،تیٚلہٕ گُس سنا آسہٕ ہےتس بچارِ ستی۔اٰخر بوے نےٚ بیٚنہٕ ستی پکہٕ تیٚلہٕ گُس پکہٕ"۔

"کیاہ!"......دوشوٚے ماجہِ کوربو کوٚر کاشی ناتھس تعجبہٕ سان سوال۔

"آ۔آ۔کرشن چھُ شیلس دوِد بوے۔شیلس چھ کرشنٕنی ماجہِ بَبہٕ دود چوٚمُت۔شیلہٕ چھے بایو رۄستے۔اوے چھس کرشن ستی پکان"۔

پانہٕ وأنی أسی بأزتزے یِیےٚ کتھِ کران،أتھی منٛز گوٚو نیٚبرِ کنی وٕزس منٛز کرشن حاضر۔تمی کوٚر کھوٗژ کھوٗژ گلی زِ گنڈتھ کاشی ناتھس نمسکار تہٕ لفافہٕ پلناوان دژ اوپوٚت کھورے واپس۔

کاشی ناتھن مُژ رووٕلی ؤلی لفافہٕ۔لمہِ منٛزٕ کوٚ ڈُن کاڈ۔یتھ پیٹھ موٹو سونہأری اچھر وشوٗبہ دار پأٹھی لیکھتھ اوس......

Sheela Weds Rohit



# زویا

......نتہٕ وتم کتہٕ خوجہِ رزاقنی کُنی کوٗر زویاتہٕ کتہٕ غریب مومہٕ لِشُن نیچو سُلہٕ زونگہٕ ۔اتھ چھےٚ تیژاہ فرق ییژاہ نأید یارس تہٕ پروردِگارس چھےٚ ۔نہ بٹیاو زانہہ مومہٕ لِشہٕ غلام محمد تہٕ نہٕ تمی سُند کُن نیچو سُلہٕ زونگہٕ محمد سلطان ۔امہِ کھوتہٕ تہٕ حأران کُن خبر چھےٚ یہ زِ مومہٕ لِشس وأتی خوجہِ رزاق نس گرس منز ۲۰ ؤری طلبأزی کران ۔امہِ ساتہٕ تہٕ اوس مومہٕ لِشہٕ خوجہِ رزاقنی ژُچ پازان ۔ییلہِ نیٚبری کنی ہؤل گوٚو زِ زویاتہٕ سُلہٕ چھہِ پُلسن دوٚدٕ پتھرِ گرفتار کری مٕتی ۔ دپان دونوٚے اُسی صُبحٲے گرِ کالج دژامتی ۔یمو بدٕلووٚ تے اِرادٕ ،یوٚ تام دوٚدٕ پتھرِ وأتی ۔

یہ خبر پھٔہلے یہ صُبح کہِ گاشکی پأٹھی زِ "بڈِس مُہنوی سٕنز کُنی کوٗر زویاژ ج أکس شِکس لد ہٕندِس نیچوٚس سٕتی ۔ دونوٚے چھہِ پُلسہٕ تھانس منز بند۔امہِ کھوتہٕ تہٕ تعجب کتھ اُس یہ زِ کورِ دیُت پُلسہٕ تھانس منز بیان زِ سو چھےٚ بالغ تہٕ تس چھُ اٰئینی حق بنان زِ سو کرِ پننہِ تقدیرُک پانے فأصلہٕ ۔تس چھُ سُلہٕ پسند تہٕ سو چھےٚ یژھان تسی سٕتی خاندر کرُن" ۔

خبر یوٚ زِ تھے ژوٗل مومہٕ لِشہِ بچورُدی لد گگرٕ ہٕندی پأٹھی خوجہِ رزاق نہِ

گرِتہٕ ژلان تہٕ پھرٛ کان ووت شہر۔ مِسکینِ تہٕ لاچار آسنہٕ کِنۍ اوس نہٕ مومہٕ لِشس کانٛہہ دوست یا رفیق۔ یپأرۍ اُس خوجہِ رزاقس بڈٕبن ایوانن تام رسأیی۔ یمۍ کِنۍ پُلسس زبردست ژٕلہٕ آوزِ تم گرِن مومہٕ لِشس گرفتار۔

وارِیاہ ژھأنڈ دِنہٕ پتہٕ کوٚر پُلسن أکِس سرکأرۍ سِٹورس کژ یک ڈاوٗن تہٕ مومہٕ لِشہِ اوٚنٛکھ اکہِ بڈِ سیمنٹ نارِ منٛز کڈِتھ۔ زدکوب گرِتھ تھوو پُلسن مومہٕ لِشہِ قأدخان چہِ سِیاہ کوٚٹھرِ منٛز بند۔

ترٛیِیہِ دوہہ کوٚر پُلسن عدالتس چالانہٕ پیش۔ صُبحٲے تُل جِجن دٕسلاہسے خوجہِ رزاقُن کیس۔ عدالتس منٛز آسی دوٚ چھِنٛز کھوٚرۍ وارِیاہ لُکھ خوجہِ رزاقس واوکران۔ سُلہٕ زونگنہِ طرفہٕ اوس نہٕ کانٛہہ تہٕ کارروأیی دوران عدالتس منٛز موجوٗد۔ خوجہِ رزاقنۍ وکیلن کوٚر جِجس برٛونٛہہ کنہِ زوردار جرح زِ زُویاچھےٚ سُلن زبردستی ورگلأوِتھ دودٕ پتھرِ واتنأومٕژ۔ لہٰذا گژھہ سُلس سخت کھوتہٕ سخت سزا دِنہٕ یِن۔ امہِ پتہٕ یِیلہِ جِجن زُویاہس پرٛژھ حقیقت بیان کرنہٕ باپتھ۔ زُویاہن وٲن جِجس کأرتھوٚ درٕٹتھ......

"مأئی لاڈ! وکیل ہیٚنز سأرے دٕلیل چھےٚ فریب۔ یِیلہِ زن بزرِیہ چھُ۔ مےٚ چھ سُلہٕ پسند۔ بالغ آسنہٕ کِنۍ چھُ مےٚ أینی حق حأصل زِ بہٕ ژارن پننہِ باپتھ پنُن ہمسفر۔ مأئی لاڈ! مےٚ کوٚرتی یہ مےٚ شرعہٕ تہٕ قانوٗن ونان چھُ۔ مأئی لاڈ! أسی چھِ یژھان پنُن خوشحال پگاہ تعمیر کرُن"۔

دوشوٕنۍ دربن ہنٛز دٕلیل بوٗزتھ دیت آخرکار جِجن زُویاہس حقس منٛز

فأصلہٕ تہٕ سو آیہِ باعزت بٔری کرنہٕ۔ خوجہِ رزاقس یِمے لُکھ واو کران أسی، تِموٕے لٲگۍتس پٔتۍ پٔتۍ طعنہٕ دِنہٕ۔ پھُٹۍ متو کوٗھو وڑا و خوجہِ رزاق عدالت کہِ احاطہٕ منٛز نبر۔

پگاہُکۍ خوجہِ رزاق نہِ گرِ لگن رٔج۔ لُکھ أسی کھیٚچو کھیٚچو تس تعزِیتس پکان۔

کورٹ میرج کرنہٕ پتہٕ أسی ووٗنی دۄنوٕے بٲژ زویا تہٕ سُلہٕ شہرٕ وانٛج وأرِس بِہتھ۔ ؤنی أسی یِم دۄشوٕے ٹیوشن کران تہٕ پنٕن رۄن زۄن پکہٕ ناوان۔

حسبِ عادت أس اکہِ دوہ صُبحٲے زویا گلی منٛزی گوٗرِس نِش یِوان۔ تس پیوٚ اچانک خورشید بُتھِ۔ خورشید اوس پیشہِ کِنۍ پٹوٲری یُیمہِ سببہٕ تِمی واریاہ حرام ۂرکس جمع کۆر مُت اوس۔ اوٚے اوس شاید خوجہِ رزاق تہٕ پننہِ کورِ زویاہس أمی سے خورشیدس سۭتۍ خاندر کرُن یژھان۔ حالانکہِ خورشیدس تہِ أس زویا سخ پسند۔ سُہ اوس تس تیٚلہِ ژھاین پوٚزان۔ ووٗنی گوٚو زویا اس نہٕ تس ہرگز تہِ مازان۔ اورٕ یور پے پتاہ معلوٗم کران أسی ؤنی دۄشوٕے اکھ أکِس سمکھان۔ یوٚ تام خورشیدن زویا ناوِ وأج۔ سُلہٕ بچور اوس پننہٕ ننبے حأرِثاتن پھِیُر دِوان۔

زویاہس گوٚو پارٕ عشق زور...... یُیمہِ کِنۍ سو حیلہٕ تہٕ بہانہٕ گٔری گٔری سُلس سۭتۍ گژھ آسمان کران أس۔ وُنہٕ أس خاندرٕ ج ساگرہٕ تہِ وا تنۍ ، زویاہن

ہیوٚت سُلس جبری کھُلاه۔

خوش فہمی ہِنٛدِس دُنیاہس منٛز دژایہٕ زوٗیا شہر تژ اُوتھ پٔن گام پننس مأژلس یہٕ خوشخبری دِنہٕ باپتھ زِسوچھےٚ خورشیدس ستی نکاح کرنہٕ خأطرِ تیار تہٕ مأژی ہِنٛدِس منٛشس عزت کران۔

دوہ لوسنس بأگی وأتژ زوٗیا پننس گرس نکھہٕ تس اُس نظرن کھےٚ اُلجھٕ۔ تٔمی ہِنٛدِس سونٛچہٕ تلاوس اوس بِشُر لوٚگمُت۔ یام تٔمہٕ گیٹہٕ اندرلتھ تژ اُو، تس الیہٕ پدبن تل زمین۔ سییٚلہٕ تٔمی پٔتہٕ مہِ گیٹہٕ مأژی سُنٛد جنازٕ نیران وُچھ۔



# خرکہٕ پوش

خرکہٕ پوش اوس بازرس منز بڈِ بڈ کرٛیکہٕ دِوان......

''گُلمرگہِ ہٕنٛدی پاٹھی کوٚرُکھ میائنس حُسنس کھوٹِن پوٗنسن نیلام۔ میائنس مأری مُنٛدِس وَنس لأجکھ لیٚتر۔ نظرن پییہِ ہاے۔ پیر وارِ ہٕنٛدی مقدس روٗح ژٔلی کرٛنز ترٛأوِتھ۔ اسلافن ہٕنٛدی پرٛانہٕ وار چھِ گردِ غُسل کٔرِتھ بازرِکس فُٹ پاتھس پیٹھ ڈولان۔

پتہٕ اوس سُہ دوہ دِشکی پاٹھی چوکس منز باگ پُلسہٕ بیٹس کھٔسِتھ بے ترتیب نِرِوامان تہٕ سوار گاڑین، موٹر کارن، سِکوٹر سوارن گُن ونان......

''زبرگوٚو...... دِیُوا کھأ رِکس ٹھولہٕ۔ لُہرأیوٚیم سأری نِشانہٕ یمن منز کشپ ریٚشی سُنٛد اتہاس گُپِتھ چھُ''۔

مےٚ اوس تمن کرٛیکن منز پروفیسر جلیل سُنٛد مزٕ رلبنہٕ یِوان۔ پروفیسر جلیل تہٕ اوس بِلکُل تِتھے پاٹھی اسہِ یونیورسٹی ہٕنٛدِس کلٔہن ہالس منز تأریخ پرناوان۔ سُہ اوس کٔشیرِ ہُنٛد باگہِ یوٚرُت پوٚت کال وبژھناوان واریاہ جذبأتی گٔژھان۔ سوے Body Language، سُے مزٕر، مگر ......

سُہ......سُہ پروفیسر گیاو ریٹائر گژھی تھےٚ لابتاہ۔ میڈیاہس کٔرتمی سِیٹِزٕ گمشدگی

ہنز خبر کیش...... پتہٕ کُس تہٕ کس؟ تس متعلق گیہِ پتہٕ افواہ گرم زِ پروفیسر ژوپ پتہٕ نی فلسفن تہٕ ٹمی کُر آخر کار خودکشی"۔

یتھ پأٹھی اوسُس بہٕ اکثر خرکہٕ پوشس کُن نظر کرِتھے انتشار کِس سہلابس منز ییرِ گژھان۔ مےٚ آسہٕ تمی ہنزِ کرٕ بکہٕ نظرن وزٕ سہٕ دِوان یم سہ پُلسہٕ ہیٹس پیٹھ دِوان اوس......

"ہاتھو! نادانو! سِیاہ چھوٕ سکی پأٹھی چھوٕ تأرتخس سأری میل چھوٕ سان۔ پگاہ ییلہٕ راتک کھاتہٕ کھوٚلو، تتہٕ لبو نہٕ کہیں تہٕ۔ سأری آسو مُفلس۔ توہہِ آسہٕ أکِس أکِس بزمجہ کُجہِ ہنز ژھوپہٕ بےبسی تہٕ گُنبر بدس۔ تہنزن بےٚ ناوقبرن پیٹھ تڑ اون شہرِ کی بےٚ گنڈ ہوٚنی ڈیر۔ پتہٕ کیاہ لُوِ و"۔

سہٕ خرکہٕ پوش کُس اوس؟ امہِ سوالچ تشنگی اُس مےٚ بعضے سوچہِ سٕدرس ملر ٹلان۔ واریاہہِ پھِرِ کوٗشش کرنہٕ باوجوٗد تہِ ہیوٚک نہٕ مےٚ تس بُتھہِ پیٹھہٕ مُنل خرکہٕ تھوٚ دتلِتھ۔ بازرس پھیرِ تھ کوٚت اوس سہٕ شامہٕ پتیٚ گژھان؟ تہِ تو رُم نہٕ ازتام زانہہ تہٕ فکرِ۔ ووٚنی گوٚ وُصجٕ اوس سہٕ بہرحال کہہ بجہ بازرس منز پُلسہٕ ہیٹس پیٹھ نموٚدار گژھان۔

تمہِ دوہہٕ اوس خرکہٕ پوش زیادٕ ے مژرس منز ۔ییلہِ ویتستایہِ اکہِ ہتہٕ وہری ژھوپہٕ پھُٹر آو تہٕ وأریوٚ گرس نیوٚن پھُٹی پھاس کُرتھ۔ تمہِ دِیت وأرِیوٚ گرس اُنگن اُنگن غسُل۔ شہرِ کِس تأریخی چوکس کوٚ ڈُن چھوکھ۔ ویتستایہٕ ہُند مژر وُچھِتھ گوٚ وُلکن پُنن پُنن اُسن مُشی تھے۔ سوٗرے وأرِیوٚ

ترٛوُن عُریان کرِتھ۔ وِیتستایہِ ہُنٛد غضب ناک بُتھ وُچھِتھ اوس ماجن
پانٕے بَن دوددوشان !!!

ییٚلہِ بازرُک شور تہٕ ژھایہِ نٕنگلاوان وِیتستا پننہِ طاقتُک مظاہرٕ کرِتھ
واپس درٛایہِ ۔ تِمن لاشن منٛزٕ آس ؤرکہٕ پوش ہنٛز دالوٗ برٕژ لاش تہِ تتھ پُلسہٕ
بیٹِس پیٹھ ڈولان۔ لُکو چھُنٛج تِمی ہنٛز لاش۔ جامہٕ تلاشی کرنہٕ پتہٕ دراو ؤرکہٕ
پوشس چندٕ منٛزٕ رِنیامُت شناختی کارڈ۔ بُتھِ پیٹھٕ موٹو اَچھروٕ تِمی سُنٛد پےٚ پتاہ
یِتھٕ پاٹھی درج اوس......

"پروفیسر جلیل......شہرِ خاص......حال: دیوان باغ"

مےٚ الیہِ پدبن تل زمین تہٕ حارٕتِکس ناگس ؤج وُزِنی ......!!



# جھنڈے والا

سوٗ اُس ووڈٕنی ...... نیم عُریاں۔ تسِ اُس شمیزٕ ے یٲ ژنالِی۔ تٔمی اوس تس پُنن دٕچھن اتھ وَچھس پیٹھ تھوومُت۔ بتِھس ستی بتھ رلٲوِتھ اُس سوٗ تس خبر کیٚاہ کیٚاہ ونان۔

''ناٹی!!'' ...... جوان کورِ وۄن تس اسان اسان۔ تٔمی کوٗر تس اُدربن وُٹھن بوسہٕ۔ سوٗ اُس تٔمی سٕند بن نکھرن مزٕ تُلان۔

یِم بے شرم حرکژ وُچھِتھ لٔج بُزرگس خوٗنس گربکھ۔ خشمہٕ ہوٚتے لوٚگ سُہ پننہِ خاندارنہِ کُن وَننہِ ......

''وسن نہٕ یتھ خمبرادِ کیٚاہ۔ یِم حرکژ وُچھِتھ آسہِ ابلیس تہٕ مند چھامُت۔ بے حیا جورِ ماچھ پتہٕ خیال زِ دٕ چھِنٕ کھوورِی ماچھِ لگھ سانہِ حرکژ ژرژان؟ یِم کیٚاہ آسن ونان''

''توبہ ...... توبہ۔ یہِ چھ بدلے شہر۔ یتھ شہرس منٛز چھے سڑکن، فُٹ پاتھن، گلیٚ یَن تہٕ کوچن منٛز عُریانگی رقص کران۔ بازرن منٛز چھے نَنہِ ولنہِ بے شرمی ہنٛز نمأیش گژھان۔ زنانہٕ ننگے مردن لباس ــــــــ۔ تی سپدان یِنہٕ سپدُن گوٚژھ!!'' ...... زنانہِ وۄن ...... سان پننس خاندارس۔

''تہٕ لُکھ چھِ اُتھی ترقی، عروٗج تہٕ کمال ونان۔ییٚلہِ زن یہِ انسانیتُک زوال چُھ۔ قدرن تہٕ اصولن ہُنٛد نیلام چُھ۔ اسہِ پوٚشن پنٕنۍ سادگی۔ یتھ عروٗج تہٕ زوال چُھنہٕ اسہِ بکار''......زنانہِ ووٚن خاندارس کُن۔

جوانن تژ وو تَس بےٚ منٛدٕ چھ کورِ شمیز ہٕنٛدِ تِکوٗنہٕ نالہِ کِنۍ پٔنٕن اتھٕ

''روٗگ!!''......کورِ ووٚن تس ہیٚیہِ اسان اسان۔

یہِ بے حیا حرکتھ وُچھِتھ لٔج بُزرگس خوٗنس گربکھ تہٕ لوٚگ شرارتہٕ سان یمن کُن وَننہِ......

''تُہۍ دوٚنوٕے جہنمَس گژھتا! بھگوان، خداے توہہِ ژکھِ گژھتا...... حرام زادٕ......بے شرم آستا''

جوانن تژ اُو بُزرگس نالس تھف......''بوٗڑھا سالا''۔ مےٚ چھڑ وو بُزرگ تَس نِش مُشکلی سان۔ نیا نیا اس شہر میں آیا ہے''......یمن نکھےَ ووٚن اُکی جوانن مےٚ کُن۔

بہٕ اوٗسُس شرارتہٕ ستۍ صِرف وُٹھ ژاپان۔ بہٕ کیاہ وَننہٕ ہاتس۔ تٔمۍ جوانن کُرنہٕ کانٛہہ تہٕ کوٗشش بزرگ بچاونچ!

''ارے بھائی! وہاں ایسا نہیں کرتے ہیں''......مےٚ ووٚن شرارتہٕ سان تس بے شرم جوانس کُن۔

''کہاں! کِس دھرتی کی بات کرتے ہو؟''

''وہاں جہاں عورت محفوٗظ ہے......جہاں غیر محرم لڑکی کی طرف دیکھنا

مُشکِل کیا ناممکن ہے۔اور یہ فعل آپ کا وہاں بڑا پاپ سمجھا جاتا ہے!"

"آپ......!" تمہٕ جوانن وۆن مےٚ تعجبہٕ سان۔

جی میں کشمیر سے ہوں۔اس لئے آپ یہ سارا کھیل بزرگ اور اس کی بیوی کو انوکھا لگا۔وہاں آپ لوگ اس طرح بے شرمی کا مظاہرہ نہیں کر سکتے ہیں۔وہاں پردہ ہے!

کُشیرِ ہُنْد ناو بوٗزِتھ کھۆت بدذات جوانس گلبن رَتھ۔جوان کورِ شمیزِ ہُنْد ہٕکہٕ شیران لۆگ بڈِ بٹہِ مےٚ وَننہِ......

"یہ دلّی ہے۔یہاں سب کچھ جائز ہے۔بوڑھے کو سمجھاؤ۔نہیں تو......!

یِی ونان دِژ اوسہٕ کۄرہتھ......

"The next station is Janday wala, the doors will open on the left"

اعلان بوٗزِتھے ہیٚرٕ سوار بوسکھر کرِنی۔مبٹر وۆن بدِلو ورَفتارتہٕ رسہٕ رسہٕ قرار گرِتھ لٮ۪جہِ سوارِ بون وسنہِ۔



# خاکی

قاۂدِر گرٛٹہٕ اوس ووٚنی ساٗرِسے علاقس منٛز مشہور۔ اِمو جوٗب نہٕ زِ سہٕ کیاہ اوس کانٛہہ لیٖڈر، کانٛہہ پیٖرٕ ڈار، کانٛہہ امیر، کانٛہہ فلسفی یا کانٛہہ شاعر۔ بلکہٕ اوس سہٕ امہِ موجوب سارِنے وِیوٚد تِکیاز تتھ ساٗرِسے علاقس منٛز اوس بس تٔسۍ اَکس آبہٕ گرٛٹہٕ چلان۔ لُکھ آسۍ دوٗر دراز علاقو پیٹھٕ تمۍ سِندِس گرٛٹس پیٹھ پھل ہیتھ واتان۔

تمۍ سِنٛز گُنی کوٗر شریفہٕ آس دوہی دوہس گرٛٹس نیٚبرٕ کنہِ ترٛپہ پھلہٕن گِنٛدان۔ تس اوس گرٛٹہٕ کولہِ ہُنٛد شور سروٗد بخشان۔ شریفہٕ آس جوان، خوبصورت۔ تس اوس قُدرتن زن تہِ پانے زُلفِ خمن سِنگھار کٔرِتھ۔ سِیاہ نرم ریشم ہیوٗ مَس اوس تمۍ سِندِس زاوِلِس کمرس پیٹھ ژٕھٹۍ ہیتھ بیہوان۔ تس اوس دوہے سے چھِٹل فراق نالی آسان، یتھ نالس ساٗرِسے بٹن ژھینٛزِ متۍ آسۍ۔ قاۂدر گرٛٹن اوس کورِ ہِنٛدِ باپتھ یہِ فراق تمہِ دوہہِ مالہِ پیٹھٕ جندٕ گرِس ترٛبن ڈبلن مٔلی ہیوٗتمت۔ سہٕ اوس امہِ فراقچ دلیل پرٛتھ تس شخصس ونان، یُس تمۍ سِندِس گرٛٹس پیٹھ پھل ہیتھ واتان اوس۔ تِکیاز امہِ فراقہٕ جندٕ منٛز اوس تس ڈالر درٛامُت۔ سہٕ اوس ووٚنی ڈالرس رجندس منٛز ہمیشہِ پانس سٍتۍ تھاوان۔ سہٕ

اوس پرٛتھ اَکِس یِہ ڈالر ہاوان تہٕ پتہٕ اوس بڑٕ چاہٕ سان ونان...... "یِہ سوٚنہٕ پوٗنڈ چھُ مےٚ پننہِ خانہٕ ماجہِ کورٕ ہنٛدِ کھاندرٕ باپتھ رٔژھراٲوِتھ تھووُمُت"۔

شریفہٕ اَس بعضے گرٛٹس نکھےَ بالہٕ دامنس تل گانٛٹہٕ وادشُری ہِندی پاٹھی ترٛپہ پھلنِن گِنداں۔ قادر گرٛٹس تِتھےٚ گرٛٹہٕ منٛز نمبر نیرِتھ کورِ ہنٛزن شُری حرکژن پیٹھ نظر پیوان اَس، سُہ اوس خوش گژھان۔ پتہٕ اوس شریفس بڑٕ اسان اسان ونان......

"گِنٛد ووندٕ مےَ پنٛن بدن۔ میٲنی وَنہٕ حوٗر! یِہ قادر لگی چانٛنِن یمن معصوٗم حرکژن بلایہٕ۔ گِنٛد تامتھ یہٕ دِمےَ کھارِ نظر"

پتہٕ اوس قادر پانس دِنن دِتھ گرٛٹس منٛز اژان تہٕ کھارِ منٛز پھل شیران۔

شریفس ییلہِ گرٛٹس پیٹھ کانٛسہِ ووپر مردس کُن نظر پیوان اَس، سو اَس ؤلی ؤلی کھوورِ اتھہِ سٟتی فراق نالس چیرِتھ کران مگر تہِ گرِتھ تہِ اوسِ تٔمی سُنٛد بوٚ رُت وچھ مُژرنہٕ یِوان۔ بعضے اوس تٔمی سُنٛد سیاہ نرم ریشم ہیوٚ مَس تٔمی ہِنٛدِس دوٚدٕ وَچھس وُرن کران۔ اکھ عجیب منظر اوس درٛینٛٹھی گژھان......

"سِیاہ اوٗ برس ژھایہِ زن تہٕ پوٚنم ہنٛز زوٗن"

اکہِ دوہہٕ آو اکھ جوان گری وولا اکھ گرٛٹس پیٹھ پھل گُنہٕ ہیتھ۔ گُنہٕ بوٗن ترٛ اوان ترٛ اوانی پیٚیہٕ تس شریفس پیٹھ نظر۔ تس لوٚگ نظرِ درٛ سہٕ تہٕ بامبرٕ ہوٚتےٚ مُژراوِن گُنہٕ۔ پھل ترٛ ووٗن اندر گرٛٹس منٛز تہٕ بیٚیہٕ درٛ اولارِ ہوٚتےٚ گرٛٹہٕ منٛز نمبر۔ تٔمی ترٛاو شریفس ہیرِ پیٹھ بُن تام نظر یا کے نظرِ تس شریفن حبس ہوش

مُہتھ۔ حیلہٕ تہٕ بہانہٕ کران ووت یہِ جوان شریفس نکھہٕ۔ شریفس گۄ وان زان جوان وُچھِتھ عارقہٕ سرٛان۔ یہِ اُس تس گوڈنچ وِزِ یێلہِ سو کانٛسہِ وو پر جوانس نکھہٕ استادٕ اُس۔ تس اُس سأرِے پانس تھر تھرٕ۔

''ژٕ ے...... ژٕ ے کیاہ چھے ناو؟'' جوانن پرٛژھ لارِ ہۄت شریفس۔

''شریف...... شریفہٕ'' شریفن دیُت جوانس کأرنۄ مرأ وِتھ جواب۔

''ژٕ۔ ژٕ......؟'' پتہٕ تۄگ نہٕ جوانس تس ہێیہِ کہنٛہ تہِ وَنُن۔

شریفن کۄر رکھو ورِاتھ ستی فراق نال بندتہٕ تجبہٕ سان پرٛژھنس......

''جوان! ژٕ۔ ژٕ کیاز گوکھ مےٚ وُچھِتھ حأران۔ زن تہِ ژٕ از گوڈنچ لٹہِ کوٚر چھُہَن وُچھان!۔

''آ۔ آ۔ مول مُرِ نم، از وُچھ مےٚ گوڈنچہِ لٹہِ ژۄہۄت پُرِی پانس بڑ وٕنہِہ کنہِ رٕ بروا استادٕ۔ مےٚ اوس از تام صِرف نانہِ نش پُرِی ہِنٛدی تعریف بۄزِ مٕتی۔ سو جنت گارِنی اُس مےٚ شامس بتہٕ کھبتھ پُرِی ہنٛز ڈلیل بوزٕ ناوان۔ ژٕ ے چھی مول مُرِ نم سےٚ انہار۔ سےٚ سیاہ نرم ریشم ہیوٚ مَس۔ سےٚ زأوِ ئِل کمر۔ تِمےٚ موختہٕ پھٔلی ہوی دند، سےٚ نستہٕ خنجر، تِمےٚ سورملی چشمہٕ تہٕ سےٚ ہونگنہِ منز باگ اُچھ ناٹہٕ کرُون لکھچُن۔ ژٕ ے وُچھِتھ وبگلیا ومیانہِ نظرِ ہُند شِشُر۔ میانہِ وأنجہِ لُج چأنی تھف''۔

شریفن کٔر جوان سنٛدِ تعریف بۄزِتھ ژھوپہٕ تہٕ کُنے ٹکہِ چھُپووُن دیوارس پٔتی کنی پان۔ پان سِکہِ ہنٛز ژھپے گۄ ٹو آنٛکار۔ جوان ژاو ونی

پُرسکوٗن آشہِ ہلم ہیتھ گرٛٹس منٛز ۔ قاۍدر گرٛٹس بڑ وٗنہہ کنہِ اوس جوانس وُٹھن پیٹھ مُد عارقصِ کران ۔ سُہ اوس پھِری پھِری زیوٗ پیٹھ مُد عا انان، پوٚزتس اُس گلہِ زیو گرٛشھان ۔ اوِرچ یوٗرِچ خبر پڑ زِھتھ پُرٛژھ قاۍدر گرٛٹن جوانس تمی ہِنٛدِس کامہِ کارس متعلق ۔ تہٕ جوانن دِتُس وٗلی وٗلی جواب زِ سُہ چھ جندٕ گوٚر ۔ پڑ اٗنی پلوٗ ہوان اِکنان ۔

جندٕ گوٚر ناو بوٗزِتھے آو یکدم قاۍدر گرٛٹس جوان سُنٛد سُہ حُلیہِ اٗچھن دیٚد مان یُس تمی تمہِ دوہہِ ماۍلس منٛز وُچھمُت اوس ۔ تمی کوٚڈ جوان اتھس تھف کٔرِتھ گرٛٹہٕ منٛز نبر تہٕ کورِ کُن اشارٕ کران دوٚپنس ......

''میانہِ تیمس کورِ چھُنایہِ سُے فراق ناٗلی ۔ یُس مےٚ ماۍلس منٛز ژےٚ نِش تژہَن (۳۰) ڈبلن مٕلی ہیوٚت ۔ پتہٕ کوٚڈ تمی وٗلی وٗلی سدرِ چندٕ منٛز سُہ ڈالریُس فراق چندٕ منٛز درٛ امُت اوس ۔ تہٕ دوٚپنس ......

''یہِ چھُم شریفنہِ خاندٕر بایتھ رٔژھراوِتھ تھوومُت''

جوان گوٚو یہِ بوٗزِتھ زیادٕے خوش ۔ وونی گوٚو جوان اوس نہٕ توتہِ تس بڑ وٗنہہ کنہِ پیٚنن مُد عا ظاہر کرنک جرأت کران ۔

جوانن بٔری گرِس گُنہٕ تہٕ نیرنہٕ بڑ وٗنٹھ گٔرن شریفس کُنےٚ نظر ۔ شریفہٕ درٛ ایہِ تس پیٚتےٚ تہٕ گرٛٹہٕ نِش ہنا دوٗر راوٕ تتھ تھوو جوانن یارِ گُلس گُرگُنٛڈِتھ تہٕ بیوٗٹھ شریفس نکھٕ درٛمنس پیٹھ ۔

''مےٚ چھُنا تعجبہٕ تہٕ خوشی تہٕ تعجب ہِہ موجوٗب زِ چانہِ فراق نالکی

ژھینٛزِ متی بٹن چھِ مےٚ گرِ وُنہٕ تہٕ موجوٗدٕ ے۔ مےٚ اُس امہٕ فراقٕچ تلاش تہٕ
خوٗشی چھم امہٕ موجوٗب زِ ووٗنی لاگہٕ بہٕ چاٗنس فراق نالس اکہِ اکہِ تہم ساٗری
بٹن نوٗسرٕ پانٕے۔ چاٗنس ماٗلس سوزن بہٕ پگاہ منٛزِم یور ہلم داٗرِتھ۔ اِدٕ کیاہ،
اُسن مےٚ وُنی کینہہ اجازت"۔

جوانن مُژرووگرِس گنڈتہٕ گنہٕ شیرِ تھترٕ اٲون شریفس کُن لولہٕ ہُنٛز نظر۔
شریفن گنٛڈٕلس برابرتوٚ تام نظریوٚ تام یہِ جوان گرٕ ہتھ روڈِ سڑکہِ پیٹھ ووت۔

شریفہٕ اُس ووٗنی تصوٗرکس کایناتس منٛز آشن بڑٛیہناوان۔ دون محرابن
بڑوٗنہہ کنہِ مناجات پران۔ گنہٕ واٗلی جوانن اوس ووٗنی شریفُن حبس ہوش مُہتھ
نیوٗمُت۔ تمہٕ ناس جنٛگلی وَتہٕ آسنہٕ باجوٗد تہِ اُس شریفہٕ پننس محبوٗبس برابرتوٚ تام
مُدٕے گنڈِتھ وُچھان یوٚ تام تمٕ گنہٕ شیر!!۔

بے پرواے شریفس بڑوٗنہہ کنہِ گے اچانک تمہٕ جوان ژوٗمبرِ ظاہریم
پتٕ موٗکینٛژ وربتو پیٹھٕ شریفس پیچھا کران اُسی۔ قاٗدر گرٛٹنہِ خوفہٕ کٕنی اُسی نہٕ تہم
گرٛٹس کُن وسنس جُرأت کران۔ قاٗدر گرٛٹہٕ اوس قبیلہٕ وول۔ سُہ اوس واریاہ
بہادُرتہٕ تیمہِ کٕنی ازتام شریفہٕ تمن نِش بچتھ روٗز۔ شریفن تہِ اوس نہٕ امہٕ کتھِ
ہُند اِشفا ازتام زانٛہہ تہٕ ماٗلس بڑوٗنہہ کنہِ کوٚر مُت۔ شاید اوٕ کٕنی زِلتس اوس ماٗلی
سُند حیا...... یاشاید اوٕ کٕنی زِلتس اوس ماٗلی سُند بیم۔

ژوشوٕے جوان اُسی خاٗکی وردی لاگتھ یم پانس وٕ نکی پہرٕدار ونان
اُسی۔ شریفہٕ نِس خانہٕ تلاوس لوگ شِشُر۔ آشن ہنٛز بڑٛیہ گیس سوٗری! جوان

کھۄت گُنے دَوِشریفس بچاونہٕ باپتھ، پۄز زِتمو بدذاتو کۄرتس پیٹھ سمتھ حملہٕ۔ اڈٕ مور کرِتھ ترٛ وۄُ کھ بالہٕ دامنس تل تہٕ ژٕلی شریفس پانس ستی ہیتھ۔

گُنہٕ وول جوان اوس بےٚ توژھ پانہٕ شریفنی ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ اَچھو ژرژان، یۄ تام سوتس نظرِ ڈٕج۔ چھیکرس دۄ پنٛس واداں وداں اڈ کجہ زیوٗ......

''کتھٕ ونہٕ قادر گرٛس تمہٕ فراقہٕ بٹن نیہِ ظالمو لوٗٹہٕ یمن مےٚ ازتام راچھ گر!!!



# پہرٕ دار

سُہ اوس خوجہِ ناوٕ مشہوٗر۔ تس اوس سرینگر گلمرگ روڈس لرِ اکھ لوکٹ

دُکان۔ خوجہِ اوس واریاہ وٲنسٕتھ۔ سُہ اوس پننٮ۪ن وٲنسن کہہ دٕہ ونان۔ تمٮ۪

سِندی تم واقعہٕ ٲسی تمی سنٛزٕ کہہ دٕہ وٲنسن تصدیق کران یِم سُہ ڈوگرٕ راجس

متعلق بیان کران اوس۔

خوجن گراکہِ دوہہٕ مےٚ نِش تہٕ تمہِ واتٕھ ذِکر یٮ۪لہِ سُہ گلگت جبرن

بیٚگارِ نیٚو کھ......!!

''خوجہِ اوس دون دوہن ہُنٛد مہرازٕ۔ تس ٲسی خاندرس صِرف زٕ دوہ

گٲمتی۔ یہِ اوس ہردُن کال۔ سزوٗل ٲسی کھلن کرٕ یک ڈاوُن گرِتھ

زمیندارن نِشہِ دٕرِیچ کمٲے جبرن وصوٗل کران۔ سِپاہ تارٕ گیہِ تس آنگنس منٛز

نموٗ دارتہٕ خوجہِ بوزِ نوٗ کھ رازِ سُنٛد فرمان۔ خوجن ہووِیمن مأتزٕ اتھ تہٕ زارٕ پارٕ

کران دوٚپنکھ......

''پاسِ خدا گری تومےٚ پیٹھ رحم۔ بہٕ چھس مہرازٕ''

سِپاہ کتِھ کرٕہن تس پیٹھ رحم۔ تمو گنٛڈ خوجس ہرٕ بن رز۔ شور بوٗزِتھ

دزٲیہِ موٗغلی مہرٕ بن رخت پاٗرِتھ نبر تہٕ سِپہَن بزونہہ کنہِ ترٲوِن پوٗژ

وَہرٲوِتھ۔ ظٲلم سِپہوٚ گریوٗ رلِتہٕ موٗنڈتہٕ خوجہِ نیٚو کھ پانس سٮ۪تی

ظاٗلم سرکار کہِ حکمہِ مطاٗبق تُل خوجن بارٕ دبوُرت صندوٗق نکھس تہٕ سپُد گلگت کُن روانہٕ۔ تمہٕ ناس وَتو یِکھ یِکھ آے تس دہٕ نوٗ ے پُلہٕ ہاٗری کھور گسہٕ تہٕ چھیکرس پتہٕ تس نَنہٕ وورُے گوٚب بوٗر ہیتھ یہِ کریوٗتھ سفر طے کرُن۔

خوجہِ ییلہِ بٕگارِ پیٹھٕ شیٚیہِ (٦) ریٚتی واپس گرٕ ووت، تتہٕ اٗس دُہی ژھیتے گاٗمژ۔ مکانس اٗندی یِکھ اوس دہشت پہٕر دِوان۔ پھٹےٚ متو کوٗٹھو مُژ روو خوجن وُٗٹ دروازس ہاٗنکل۔ تس آو نہٕ اٗندرٕ زٕلری زاٗج وَراٗے تہٕ گگر واجو بغاٗر بیٚیہِ کہیں تہِ لبنہٕ۔ سُہ دژ اواٗتھٕ موٗران ڈٕبکس ژٕنجہِ دِوان وٗلی وٗلی مکانہٕ منز واپس۔ ووٚنی اٗس یہِ خبر نارٕکی پاٗٹھی پھٔہلیمٕژ زِ خوجہِ آو شیٚیہ ریٚتی زِندَ ے واپس۔ لُکہٕ عرصا تھاہ گوٚ وجمع۔ خوجس وُچھتھ اٗسی ساٗری دَم پھٹےٚ۔ اٗخر کار مُژ روو ہمسایے صِدٕ کا کن زبوتہٕ کوٚرُن تس برٕ وٕنہہ کنہِ سُہ کرہٕ کرٕیوٗتھ واقعہٕ بیان ییلہِ تس پتے ظاٗلم سرکاٗری ڈوگرٕ سپہوٗ تمی ہنز ستہٕ راٗ ژہنز مہریٚنی موٗغلی جبرن پانس ستی نیٚہِ۔ یہِ دِلدوز خبر بوٗزِتھ یوٗ تاہ خوجن ہیوٚک تہٕ تیوٗت ووٗ دُن۔

بٕچاٗرِ......موغلہِ ہُندٕ راون تیوٚل اوس خوٗس اٗندری جگر ژٹان۔ تمی ہنز یاد اٗس تس سِیاہ چوٗ سکی پاٗٹھی ظون چوٗسان۔ تمی ہندِس تصوُرکس کاٗینا تس اوس گژبشمہٕ ژٕنجن منز شِشُر لگان۔ اٗتھی حالس منز روٗد خوجہِ موغلہِ دٕہن وٗرِیَن انتظار کران۔ یوٚ تام داٗر آیس ساٗرِ ے چھٔتھ۔

خوجہِ اوس دادس تہٕ کاوس اتھِ موغلہِ گژٕ اوسوزان۔ سُہ اوس پرٕتھ وتہٕ

گتس موغلہِ ہُنٛد پے پتاہ پڑژھان۔ مگر مایوٗس گژھان۔ اکہِ دوہہٕ بوٗز خوجن کتہِ تام زِ تٔمی سٕنٛز موغلی چھےٚ گائیلہٕ شہرٕ کس وارڈ دَہس منٛز بے کسی ہٕنٛدی اَخری دوہ گنٛزران۔ خوجن گرٕ سکھر۔ وَتہِ منٛز سمکھییہٕ خوجس اکھ زنانہٕ ییٚمس موغلہِ ہُنٛدٕ ے ہیوٗ انہار اوس۔ خوجن پُرٛژھ تس سبٕتھے عاجزی سان موغلہِ ہُنٛد پے پتاہ۔ موغلہِ ہُنٛد ناو بوٗز زِتھے وۄتھ تس دَدرایہِ اوٗش تہٕ بوونس سُہ گائیلہٕ یُس موغلہِ پیش آو۔

''دپان سوٗ اَس سَتہٕ رأژ مہرٕ ینٛز۔ ڈوگرہٕ ظالم سپاہو نیوٗ تٔمی سُنٛد خاندار ییٚمس وُنہِ اتھن مانٛز اَدرٕ ے اَس، پانس ستی گلگت۔ امہِ پتہٕ ژور دوہ ژٕلی سزووٗل موغلہِ کتھ تام وأناکھ جایہِ ہتھ۔ ونن واٗلی ونان موغلی گیہِ بدخواہ سزووٗلن نشہِ ژٕلنس منٛز کامیاب۔ سورٕوٗز برابر پانژن رتن وَنن تہٕ بیابانن منٛز پننس معشوقس ژھاران۔ اَخرس گیہِ سو پاگل۔ پتہٕ چھنہٕ پے تس بچارِ کیٛاہ گوٚو!!

یہِ واقعہٕ بیان کرنہٕ پتہٕ کہے کالی گوٚو خوجہِ تہِ رحمتِ حق۔ تٔمی سٕنٛزِ وصیّت مطابق آو سُہ تتھ قبرِ ستانس منٛز دفن کرنہٕ ییٚتہِ بےٚ ناو قبرن ازتہِ خاموشی پہرٕ درچھےٚ۔



# آکھ تہٕ الاو

خٔطجٕ اُس سینما سکرینکی پاٹھی رنگن ہُند سٔہلاب وبتراوان۔ لکن ہنٛدی دِل رٔٹرِناوان مگر پانس گوس نہٕ تاون زٔدنہِ زانٛہہ تہِ سوکھ حاصل۔ تٔمہِ آسہِ نہٕ زانٛہہ تہِ سوکھ سوچھ ژوٚٹ کھیٚمژ۔ وٕہ وٕری برٕونٛہہ ییلہِ تٔمی ہٕنٛدِ خاندرٕچ کتھ اسدِس ستی آیہِ، خٔطجہِ کرے یاو کیاہ، زِیہِ خاندر گوٚژھ نہٕ سپدُن۔ پوٚز کہنٛی چلیاس نہٕ۔ اتھ تہِ اوس وجہ زِ خٔطجہِ ہُند ماجہِ دوٗراوس زہنہٕ گرے پٔننہِ پیٚترٕ بینہِ جلہِ وعد کوٚرمُت زِ بڈٕ تھ دِیہ سوٚ مٕی ہٕنٛدِس نچوٚس اسدِس ینٛتھر۔

خٔطجٕ اُس حُسنہِ کنٛی ہوٗرتہِ کتھا۔ شوٚد تہٕ صاف کھٔمن کھبنہٕ ستی اُس سو صحتہٕ کنٛی پٹھأنی تہِ کتھا۔ تس آسہٕ بُتھی روٗخو پیٹھٕ نارٕ چپاٚٹرٕ ووتھان۔ مگر شری بوچھِ اُس بٔچأر چھوٕر چھورٕ کران۔ دوٗ رِتہِ اوس یہِ غم اندری کرٕ ہنماز کوٗران۔ سو موٕیہِ اُمے ہہمہ ستی۔ "ہانٛثھِ گُر" وٕنی وٕنی آسہ زنانہٕ خٔطجہِ گٔدی کران۔ خٔطجٕ اُس لُکن ہُند گیلُن اندری لللہٕ وان۔ اتھ برعکس اوس اسُد پٔننٛسے شوقس مُتی گوٚمُت۔ سُہ اور پرٕتھ وِزِ کأم کرنس ستی آوٗرروزان۔ تس اوس نہٕ اولادنہٕ آسنگ رٔژھ تہِ افسوٗس۔ سُہ اوس دوہ دبن وو پرٕ زنانن ستی گُزاران، زنانن ستی وُڈرٕ ژوٗرس گٔوھان۔ کٔژھس منٛز کرٕ نجل ہیتھ ہندِ نیران۔ تٔمی ڈوٗرِس منٛز زنانن ستی گبوان۔ مأنٛزرأٹرن تُمیکھ نٲروأیتھ ژھالہِ ماران۔ بعضے نُسوٗع ہٕنٛدی پاٹھی

حرم خانن منز زنانہٕ رخت پأرِتھ بیہوان۔ مگر زانہہ تہٕ گوس نہٕ تمی ہٕندی پأٹھی پننہٕ شرمناک غلطی ہُند احساس! یٖمیُک افسوس خلجہٕ وچھ بل کُس الاوس ہر دِوان اوس۔ کأنسہٕ جوانس کُن وُچھِتھ اوس خلجہٕ پھوٚر دٕہ دٕہ گزٕ وٕتھتھ گژھان۔ سوٗ أس اتھویستی گاش موٗران! تس اوس اوٗش پھٹان۔

رِکتھ تام پأٹھی پیوٚ اکہٕ دوہہ صُبحأے خلجہٕ یاد زِ از چھُ تس خاندرٕچ اکوٗہم سالگرہ۔ تمہِ کوٚر پننہٕ ویٚسہِ توشس فون۔ کأشی نأتھنی کوٗر توشہٕ أس خلجہٕ جگری وبس۔ یہِ ڈٕلپ زِ ہمراز۔ توشس تہٕ خلجہٕ اوس اکے وٕرِیہِ خاندر گوٚمُت۔ خأرفون رٕٹتھ آیہ توشہٕ ٹکے پنٕژ زِ نکہٕ ہتھ خلجہٕ ہُند گر۔ آنگن برنہٕ اَژُونے کوٚرنس بڈ آلو...... ''خلجی سالگرہ مبارک''۔ خلج وژایہِ ویٚسہِ ہنٕز کژبکھ یوٗ زِتھ وٕلی وٕلی نبر۔ بژاندس پیٹھ یام تس توشس تہٕ تمی ہٕندین دون نِکن پیٹھ نظر پٕیہِ، تس لوٚگ وُتھنے پیٹھ لفظن شِشُر۔ توشہٕ وأژ خلجہٕ نکھٕ۔ تمہٕ رٕٹ خلج نالہٕ متہٕ۔ خلجہٕ اوس واریاہ وُنن کیُٹ، مگر تمی ہٕندین لفظن ہُند شِشُر وبگلیاو وارٕ وارٕ تہٕ یتھ پأٹھی آیہ لفظ چھلہِ چھلہِ کنکرہٹ بژاندس پیٹھ چھکراونہٕ۔ لفظن روو خلجہٕ معنے! توشہٕ گیہ پریشان۔ توشن نِیہِ خلج تھف کٔرِتھ اندر......! اشہِ وانہِ آو خلجہٕ أچھن ہُند سوٗرے سورمہ چھلنہٕ۔ پہٕری کھٕنڈی دم سنبھأٗلِتھ دوٗپنس...... ''توشے! از گٔے اسہِ خاندرس برابر اکوٗہ وٕری، یمن اکوٗہن وٕرِین منز وُوٗن مے خابن ہُند اکھ تھان۔ امارن ہُند رنگ بستہٕ کوٚرمس! شوقہٕ داوِ دیُتمس وِژلِت ـــ مےٚ اوس آرزو زانہٕ پگاہ کرِ یہٕ یہٕ مأرِی

موٚ ند تھان تس ماجہِ تحفہٕ رٕنگی پیش، یوٚسہٕ میٲنِس رویس پیٹھ پھبنگان چھےٚ۔ میٲنی موج چھےٚ اخبار چہِ شہ سُرخی ہٕنٛدی پاٗٹھی صُبحٲے رنگن منٛز ووتلتھ یِوان تہٕ شامس ژُوٚ ؤ تِس پیٹھ لتہٕ مونٛجہِ گرٛشہان۔

توشہِ اُس پننہِ وِیسہِ ہٕنٛدی دردناک ہاوس محسوٗس کران۔ سوٗ اُس خطجہِ ہٕنٛز اندرِم دَگہِ دار ماجہِ ہٕنٛز ژھرٛ ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ ژینان۔ مگر تس نِش اوس نہٕ تس تسلا دِنہٕ بغاٗر بیٚیہِ کینٛہہ تہِ موجوٗد۔ خطجہِ دِلاسہٕ دِوان ووٗن توشن تس......

" ووٗنی نہ بٕی گیہِ نہٕ ناوٕیرِ تھ! ژٕ ہٕی چھکھ وُنہِ تہِ جوان۔ چاٗنی رنٛگ ہٕی چھِ وُنہِ تہِ چمکدار۔ یِمن رنٛگن ہٕی چھےٚ ازتہِ سوے تیٚہ، یوٚسہٕ یِمن اکوٚہ ؤری برٛونٛہہ خاندرٕچ گوڈنچ راٗژ اُس"

یِ ونان دژ ایہِ توشہِ پٔننی زِ نکہٕ ہتھ گرٕ کُن۔ خطجہِ گنٛڈ تس بیٚیہِ حسرٕچ کُنی مُدَے، یوٚ تام توشہِ برنہِ نبر دژ ایہِ۔

اَسُد آوٚ ژاٹہٕ ہالہِ پیٹھٕ واپس۔ تس اوس از گوڈ نکہِ پھرِ رویس اِلہِ پوٗش گوٚمُت۔ زن تہِ اوس تس از اکوٚہ ؤہری احساسی تھرِ بامُن دژ امُت! تمہِ ترٛووٗ پشمین شال خطجہِ برٛونٛہہ کُن تہٕ وِدان ودان دوٗپنس......

" از دژاس خطجی کھوٚٹ! یتھ پشمین شالس چھ رنٛگ بستہٕ غلط گوٚمُت! ووٗنی لوٗنہٕ یہِ کھٔنڈ ہارتہٕ"۔

خطجہِ گیہِ غوطن۔ نظراہ گرٕن اسدس ہیرِ پیٹھٕ بون تام۔

" کمن غوطن گیٚکھ؟"...... اسدی پرٛژھ خطجہِ ودان ودان۔

''تتھ شالس گیاوتَمے رأژنوقُص ظأہر''...... خطجہِ دِتُس جواب۔

''کتھ...... کتھ گۄوتَمے رأژنوقُص ظأہر؟''............ اِسدی پرٛژھ

بیٚیہِ خطجہِ تعجُبہٕ سان۔

''تتھی شالس یُس چانہِ ماجہِ جلہِ ماسہِ مےٚ تَمہِ ساتہٕ پھیکن پیٹھ ترٛوو، ییلہِ بہٕ زانپانہٕ منٛزٕ چأنِس بڑانِدس پیٹھ نبر وڑالیس۔ تہٕ گوڈنچے رأژِ ییلہِ مےٚ شُکرانہٕ نماز ادا کرنہٕ باپتھ شال وہرأوِتھ ترٛوو، تتھ اوس منٛز باگ آمہٕ تاوٕ آکھ نیان''۔

خُطجہِ ہُنٛد جواب بوٗزِتھ گیہِ اسدِس کُنی لارن تہٕ دوٗپنس......

''سُے آکھ چھس بہٕ درجگر ازتہِ للہٕ وانِ۔ میأنی مألی اوس دراصل پننہٕ سأنِ ہتی وعدٕ کۄرمُت زِ بُڈِتھ کرِ سہٕ میٚون خاندر تَمی سٕنٛزٕ کورِ روزی ہتی۔ پۄز تَمی پھُٹر ووسہٕ وعدٕ۔ تِکیازِ روزی أس نہٕ چأنی پأٹھی مالدار۔ تِس روزی تہٕ گۄوتَمے دوہہٕ خاندرا کوٗہ ؤری بڑونہہ۔ تَمی سُنٛد زِیٹھ نیچو چھ ازِ انجینٔر''۔

خُطجہِ روٗٹ اُسدٕ نالہٕ متہِ تہٕ دۄنوَے آے نبتھٕ ننہِ زمینہِ پیٹھ چھکرٕنہٕ۔



# فراقچ دگ

سو اُس کوچھ منز سونہٲری شام ہتھ کٔدلہٕ ٹھٔٹھِس پیٹھ ہتھ بے فُرصت ژٲلوِنس آبس کُن مُدٲے گٔنڈِتھ وُچھان۔ لارِ لدقہرِ دریا اوس تس وُچھِتھ بعضے خمان تہٕ بعضے تٔمی ہٕنِد بن نوزُک انگن ترٲش ہوان۔

''کأتس کالس سولِو یہ سونہٲری شامس! سِیاہ شب چھس اپارِ ہتھ سرٛانہ کُٹھِس ژھایہِ زاگہِ ہتھ! تَمِہ دوہہٕ تہٕ کوٚڈ تَمِہ تیتھے پٲٹھی یتھی کٔدلہٕ ٹھٔٹھِس پیٹھ سونہٲری شام پوٚژِ تلہٕ نبر۔ کاژرِس مستس وأ جنس کنگنی۔ تَمِہ ہیٚرِتس وانکہٕ پٲرنہِ۔ اپارِ آیہِ اَمے سرٛانہٕ کُٹھِ منزٕ سِیاہ راتھ نیرِتھ تہٕ کوچھِ منز نیٚون اُمِس سونہٲری شام تھپہِ تہٕ ترٛوُن اَمے کٔدلہٕ ٹھٔٹھِ پیٹھ بون ژٲلوِنس قہرِ دریاوس منز۔۔ مےٚ چھ پوٚرِ پٲٹھی یاد سونہٲری مس اوس پتہٕ خبر کأتس کالس آبس پیٹھ پیران۔ سو...... سو سِیاہ راتھ چھےٚ ازبییہِ سرٛانہٕ کُٹھِس ژھایہِ ہتھ سِیاہ زُلفن شانہٕ کران۔ تس چھےٚ ازلے سونہٲری گاشس ہتی رِش۔ مےٚ چھ خدشہِ گژھان یہِ ڈٲ گن نیہِ وٗنی جگرِ وَچھِ تلہٕ سونہٲری شام تھپہِ پتہٕ لیکھبس سیپنہٕ صفس سِیاہ سفر تمن ساسہٕ وادمان ہٕنڈی پٲٹھی یمن بیٚیہِ تلہٕ شُری رأے۔ یمن دوٚرِ رُک سفر سِپر کران وَچھس وَٹھ گوٚو...... یمن خواب پیران تعبیرس

أدرٕ کھل گیہِ !!"۔

سوچہِ پچہِ راد مینان اوس مےٚ ہوٚنز راوان تہٕ راد ژھوٹان۔ جِگرٕ اُس میٲنے گاٹِج اکھ شرمدار کوٗر۔ تس اُس سونہاٲری شامس ستی سخ لۓ۔ سو اُس عموٗماً اَمہِ کِس انتظارس منٛز ژِھہن شُمار کران۔ بعضے کاٗنی شیران تہٕ بعضے ڈَب سجاوان۔

جِگرِ ہِنٛز یِمہٕ حرکژ آسہٕ لگن عجیب باسان، پوٚز حقیقت اُس بدٕلے۔ بذاتی اوس جِگرِ ہُند مول فیاض شیخ اکھ ٹھیکہٕ در۔ یہِ کٲدل تہِ اوس تٔمی ہے ٹھیکس۔ یِمہِ دوہہٕ اتھ کٲدلس تیار گوٚھنہٕ پتہٕ رِبن ژٹُن اوس تمے دوہہٕ اُس جِگرِ ماٗنزِ راتھ تہِ۔ فیاض شیخ رُوٗد ژیرتام پرٛژھن رُخصت کرنس ستی آوٗر۔ یوٚ تام سونہاٲری شامن تہٕندِس آنگنس منٛز ڈیرٕ ترٛووٕ۔ سونہاٲری زٕ ژن ہُند زوٗل اوس سأرِسے مکانس زن تہِ مہریٚنہِ ساز کران۔ فیاض شیخ تِتھے پٔنِس آنگنس منٛز ژاو، سونہاٲری زٕ ژوٚ آوتس سدر نال جرنہٕ......

"پگاہ کُس کرِ یتھ سونہاٲری شامس خرید اٗری! پگاہ وُنی کنبس آسہِ یہِ لٔر تہٕ آنگُن دِیان۔ کوترن ہُند گٹر گوں گٹر گوں گژھ خاب۔ ہارِ پرن نوحہ...... کتی جہِ چھو کوٗن نہٕ سونہاٲری گاشہٕ پان"

فیاض شیخ گوٚو اُتھی رگرٕ دِ آبس۔ سُہ آو ٹاس کُرِتھ سنگلاخ فُٹ پاتھس پیٹھ چھکراونہٕ۔ بتھس گوس الہِ پوٗش۔ فوری ڈاکٹری جانٛچہِ تلہٕ نٔنیاو زِ فیاض شیخس اوس ہارٹ اٹیک گوٚمُت

مائنزِ راتھ گیہِ ماتمس منز تبدیل۔ ماجہِ رؤس کؤر آیہِ ظُلمات چِھن گٹن منز ہینہٕ۔ فِکرِ ہُند رنگ بران خابہٕ دورِ پیٹھ پینٛز ژھینٛتھ۔ جِگرِ بچارِ آو گاشہٕ بلس گٹہٕ پچھ بدس۔ سو گیہِ پھلوا ے!!۔ تنہٕ پیٹھٕ ییلہِ تہٕ سونہاری شام جِگرِ ہنزِ ڈَبہٕ پیٹھ وسان چھ سو چھےٚ زن تہٕ گرنہٕ یِوان...... تس چھُ ہوش حالے راوان۔ تس چھُ قرار راوان تہٕ پتہٕ چھےٚ سو ٹِکے فراچ دَگ ہبتھ کڈلہٕ ٹھٕٹھس پیٹھ بیہوان۔ گاٹنٹہٕ واد گُڈس (Toy) سونہاری زُلفن شانہٕ کران...... میٹھی وار کران یُس تس مالی جنت گارن خواجہِ ہِند ڈیڈ تلہٕ اجمیرٕ اؤنمت اوس ییٚلہِ جِگرِ ماجہِ جنت گارنہِ ہِندِس سایس تل کھو چھ کرنہٕ پتہٕ گوڈ نِکی قدم کڈی تہٕ پکُن ہیوٚ چھ۔



# ژٔنڈ

گرٛیشمہٕ ژٔنجہِ منز اَسی اکثر لُکھ گرے روزُن پسند کران۔ خالے اوس کانٛہہ یُس میٲنی پأٹھی مجبوٗر اوس۔ سُہ نچوٗر اوس اتھ تاپہٕ کرٛالہِ منز سرٛان کران۔ تَمہِ دوہہٕ اَس گرمی زیادَے تیٚہہ۔ واوِ ہُکی اَسی زن تہِ روٗٹہٕ گاٮ۪متی۔ جاناوار اَسی آلِنے منز بُسہٕ آمٕتی۔ مےٚ اوس نہٕ پانس بغأر بیٚیہِ تہِ کانٛہہ نظرِ گژھان۔

تارٕکول ڈٕژم اوس منز باگ سڑکہِ لرِ پیوٚمُت۔ تَمہِ منزٕ اوس گری سَببہٕ تارکول پانے نیران تہٕ ٹٕلی ٹٕلی سڑکہِ پھیران۔ زن تہِ اوس کالہٕ سَرُ پھ سڑکہِ گردلبوٗنہِ وونی آلہِ منز دژامُت۔ مےٚ اوس تارکولس منز برٕندے کھوبانہٕ بند گژھان۔ کرٕیٚہنہِ سڑکہِ رادینان مینان اوس مےٚ منزِل دوٗران۔

"خدایا! رحمتِ باران ترٛاو۔ لُکھ، جانوٗر تہٕ جاناوار آے گرمہٕ تاوِ منز قرِ پھلین ہندی پأٹھی تونہٕ"۔

یہٕ اوسُس بس یوٗہے دُعا کران...... مےٚ کوٗر پھری پھری دوٚیہ ژورِ لٹہِ یوٗہے دُعا۔ سڑکہِ دٕچھنہِ طرفہٕ ٹھٕٹھس نکھے گوٚو بڈ آمین۔

مےٚ ٹھٕہر وو قدم۔ پانس دٕچھِن کھوٚوٕری دِژِم نظر۔ گُنہِ اوس نہٕ کانٛہہ۔ "مُنٛدِ نبن بأگی گُس ہنکہِ اُستھوٚ تہٕ تاپہ صحراوس منز"۔ یہٕ گوٚس ترٕٛبن

ژُرِہَن۔

''شیٚہلاوعأرق، دِدَم''

''أیہِ مظہرِ جلال، پھرٚ یِٹھ کریٛا تھس۔ پھوٚر چھُم داہ داہ گرزلان''۔

یِ ونان گوس بہٕ زیبہٕ ماسہِ نکھٕ۔ زیبہٕ ماس أس ازتہِ اوترٕ کی پأٹھی می ہنٛز لاش کوٚ چھِ منٛز رٕٹِتھ تس نوحہ پران۔ مےٚ ژٕج کھورَ وتلہٕ زمین۔ قمیض ہنٛدِ دامنہٕ سٟتی بٔتھِس عأرق صاف کران پرٛژھ مےٚ زیبہٕ ماسہِ......

''ہیے مأسی! کأتِس کالس پکناوِہَن ژٕ یہِ می پانس سٟتی؟''

''گوٚبرٕ! یِتِس کالس تِم سأری اکہِ اکہِ مزارس ساوَکھ یِمو میانہِ روزی ہُنٛد دامن داغدار کوٚر۔ پتہٕ ساون بہٕ می پانس لرِ۔ یِتھٕ پأٹھی گژھِ اکھ کہأنی مکمل''

''ہیے مأسی! مےٚ نےٚ فِکرے تران ژٕ کیاہ چھکھ ونان''...... مےٚ وٕدُن زیبہٕ ماسہِ عأجزی سان۔

''گوٚبرٕ! تِم بدخواہ أسی انسأنیتس خلاف بغاوت کرنہِ دژٕ امتی۔ تِمن آونہٕ افسوٗس تہٕ واوَیلا بغأر بیٛیہٕ کینٛہہ تہٕ حأصل۔ انسأنیتس خلاف بغاوت کرن وألی چھِ أخر رُسوا گژھان۔ تِمن چھےٚ دوہٕل ووہوان تہٕ روتُل لبِل کران۔ تِمن بدخواہن چھےٚ راتھ ٹو پان۔ سو کھ تہٕ قرار چھکھ کاںٛہ گژھان''۔

ماسہِ وٕدُن می ہنٛزِ لاشہِ کفنس میٛٹھی وارا کران۔


مےٚ کوٚر زیبہٕ ماسہِ عأجزی سان سوال

"گوٚبر! آدمی روپہِ شیطان۔ انسانیتس لوٗٹھ کرنہِ دژ اعتی"...... ماسہِ دِیُت خشمہٕ ہوٚت جواب۔

"کیاہ......!؟ مےٚ پرٛژھ ماسہِ تعجُبہٕ سان۔

"آ......آ...... می ہنزِ لاشہِ کُن اشارکران وۄن مےٚ زیبہٕ ماسہِ......

"گوبر! تیمِس روزی کُس قصوٗر اوس؟ یہِ اُس انسانی قدرن ہنز پاسکدر...... حسین وجمیل اُس۔ شرم دار اُس! ۔ مائلی ماجہِ اُس بچاٲرنم ژٕم گاٲلتھ پرناوِمژ۔ نوکری اُس کران تہٕ پنٛن گرٕ اُس پکناوان۔ پنٛن ہاکھ بتہٕ اُس کھوان۔ قاسم میرنس نچوٗس ظہوٗر میرس آونہٕ یہِ خوش، سُہ لوٚگ سیٚودتہٕ ساد کوررِ رنگہٕ رنگہٕ ستاونہِ۔ حرام دولتس پیٹھ پلن وٲلی شُری چھِ حرام زادٕ آسان۔ تٔمی حرام زادن گرٕ پنٛنی کینٛہہ ساتھی ہتھ روزی اکہِ دوہ اغواء، ییلہِ سو شامس دفتر واپس گرٕ کُن یِوان اُس۔ تَو پتہٕ گیہِ روزی لاپتاہ۔ سارِےبستی گیہِ دُہی ژھبتےٚ۔ آخر کار لٔبکھ پیٹھی ٹٕھٹھِس تل روزی ہنز شمیض، یتھ ترپچہِ گرِتھ آسہٕ ۔ شےٚ ربتھ گژِھتھ تہِ لوٚبکھ نہٕ تٔمی سُند پےٚ پتاہ، پوٚز روزی چھےٚ وُنہِ تہِ لاپتاہ۔ پٔنٛنی، پرٛدی تہٕ ہمسا ے چھِ تٔمی سِندِس مٲلس ماجہِ از تہِ اَپزی دِلاسہٕ دِوان۔ تم مظلوٗم باٗژ چھِ از تہِ روزی ؤٕنی بر وۄتھ ترٛاوِتھ انتظار کران۔ صُبحاے چھےٚ بتھ چھلنہٕ برٛونہہ گوڈٕ تٔمی سنٛز دوکھ لد موج پننہٕ کوررِ بزاندس پیٹھ بڈ آلو کران...... روزی...... میانٛی خانہٕ موج کوٗری...... کتہٕ پیٹھ ہم...... یوٚت ژٕری کیاہ زِ گےٚ؟ ژےٚ بغار چھےٚ اسیہ لبِ کھینہِ یوان، چہٕ چھ تس تاون

ژدی نہِ اوٗشس تہٕ عارٕقس گٔنے گژھان۔ تس بچارِ چھٕنہٕ اَتھ وَتھے یِوان کانٛہہ کأم کرنس۔ مول چھس کلہٕ پوٚش أچھن دِتھ أچھو ڈوٚٹھ ہاران۔ پُلسس یِوٚ دوَے اغوا کارن ہُنٛد پے پتاہ معلوٗم تہٕ اوس مگر قاسم میرن کوٚر پنٕنہِ حرام کمایہِ ستی انصافس سودا۔ پُلسہٕ گوٚو کورٹ تہٕ معلوٗم سٕنٛدِ جایہِ گوٚو تھانس منٛز نامعلوٗم سٕنٛدِ ناوٕ FIR درج۔ تم نامعلوٗم گٔے نہٕ ازتام زانٛہہ تہٕ معلوٗم"۔

زیبہٕ ماسہِ ہٕنٛزٕ زیوٚ ظہور میرُن ناوبوٗ زِتھے الکیہِ مےٚ کھورن تل زمین، تِکیا زِبہٕ اوُسس گرِتمی سٕنٛدِس جنازس منٛز شموٗلیت کرِتھ دژ اُمت۔ ظہور تہٕ اوس پنٕنس مألس ماجہِ ہُنٛد خانہٕ مول گٔنے أچھ گاش۔ اکہِ بچہِ وراثتُک مألِک۔ یُس نشیلی دَوہَو یوٗت ذلیل اوس کوٚرمُت زِتمی سٕنٛدِس کرٕ ہنمازس اوس پھٕٹہٕ پھٕٹہٕ گومُت۔

"ہیے ماسی! سہٕ امیرزادٕ موٗد"......مےٚ ووٗن زیبہٕ ماسہِ۔

"وأصلہِ جہنم گوٚو"......ممی ہٕنٛزٕ لاشہِ کفنس میوٗٹھ کران دِیُت ماسہِ جواب۔

"کرُن وُنی یہِ لاش دفن"......مےٚ ووٗن ماسہِ عاجزی کران۔

"تیلہِ کرن......!!" پتہٕ گیہِ سوخاموش زنتہٕ تس لفظے رأوی۔

"کر......کر......تیلہِ؟" مےٚ پرٛژھ زیبہٕ ماسہِ۔



"ییلہِ مےٚ خدایےٚ تمی سٕنٛد بن تمن دوٗن ساتھین ہُنٛد تہٕ نتیجہٕ ہاوِ۔

پتہٕ۔ پتہٕ کرن بہٕ رزوی پیٚتھی ٹھٕٹھِس تل دفن۔

''روزی!''......مےٚ پرٕژھ ماسہِ حاًرأنی سان۔

''آ......آ......روزی۔ تمہِ کوٚرمی ہتٕزِ لاشہِ کُن اشارٕ۔ بہٕ تھاوٕ پتہٕ تس قبرِ شاندس پیٹھ لوح لاًگِتھ، یتھ رَتہٕ میلہِ روزی ہتٕز کرب ناکھ کہاًنی لیکھتھ آسہِ۔ تاکہِ یٚیمہِ سڑکہِ نیرن واًلی مُساًفر کھمن نہیب تہٕ عِبرت رٹن''۔

''زیبہٕ ماسہِ کُس چھُ پاگل ونان! زیبہٕ ماس چھےٚ میأنی اٚرِنہِ مال۔ ماسہِ چھُ لفظن موختہٕ ہران۔ مےٚ......مےٚ پزٕ ووٕنی واپس نیرُن تہٕ بستی منٛز اعلان کرُن۔ یُتھ نہٕ ساًکانٛہہ اکھا یِیٚتہٕ یورمیانہِ اٚرِنہِ مالہِ پاگل وٕنِو...... زیبہٕ ماسہِ ہنٛدِس سفید مستس منٛز چھُ گاشہٕ سَرگِتھ''۔

مےٚ گٔر تصوُرکس تھانس نِوسرِ کیپٹن تہٕ ساًدروار کہاًنی سُوتھ آس بستی منٛز واپس۔



# عکسِ پرواز

"لچھِ بدٕن شُرٕ بن ہئٕز چکھ تہٕ دَگ...... ساسہٕ بدٕن شُرٕ بن ہئٕندی آدٕمی کرٕ ژٕز...... تاپٕری سکھ، صحراو، سنکِستان دزان! گنٛڈک دُہ تہٕ جوان آمہٕ تأوی خواب! انہٕری شن کور بن ہئٕندی بےٚ توژھ بوچھِ ہٕتی بدن! دَہن لچھن معصوٗمن ہئٕندی بےٚ ناو قبرستان!! مہاجر مجبوٗر ماجہِ! سیاہ کھنگر! اڈٕ ڈی رٕنیأمتی ءخمہٕ! ءخمن منٛز ژھو کیوٗ مُت چھتہٕ گیر! أہنٛز ارے! بُزرگ...... بیمار تہٕ کرٕ ءلی راتھ!!

مےٚ أسی ببڈ روٗمس منٛز آدٕمی قد، أنس پیٹھ یِےَ عکس بار بار وٕ تلِتھ یوان۔ بہٕ اوسُس بیٚیہِ ہہ دِتھ أنہٕ وُچھان۔ مےٚ أس نبتھٕ نٕئی شُری، خوفزدٕ روے تہٕ روین پیٹھ زندگی پھبنگان لبنہٕ یوان۔ بہٕ اوسُس بیٚیہِ أنس ہہ دِوان، اشہِ وانہِ روٗ مالہِ ءستی ترٛتھ کران۔ مگر مےٚ أس شُرٕ بن ہئٕندی ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ کرٕونٛ أڈی جہِ کرٕ ژٕز لبنہٕ یوان۔ مےٚ دِیُٹ أنس پھش، نیم عُریان ضعیف موج أس پننِس نبتھٕ نٕس شُرِس وُچھس ءستی رٕٹتھ۔ تَمہِ أس تس پنٕنی کھوٕ ری بب أسس ءستی لأجمٕہ...... نےَ اوس ماجے بَبہِ دوٕد نیران، نےَ أس شُرِ ہے ژٕ ہہ دِنِس ہمّت ییِوان۔ تے ہو۔ آنٛس وون مجبوٗر نظرن ہُند مِیٗل

گرٕھان تہٕ أتھۍ ستۍ خمبرِ باراں وسان ۔ موج أچھوڑ وٹھ ہاران ۔

"مگر یمن معصوٗم شُربن کُس تقصیر چُھ ! یمن لچھِ بدبن شُربن ئمو لیوٚ کھ موکھس موت ، یوٚچھِ تہٕ بے بسی ؟"

مےٚ لوٚگ سوچہِ بنہِ دزٕ سہٕ ۔ مےٚ کوٚڈ اَشہِ وانہِ نظرِ چھوکھ ۔ مےٚ وُچھ اکھ مہاجر لبنائی خوتوٗن أکس باروٗ دڈھیرس نکھہٕ انجام نِشہِ بے خبر الاوزٕ ألتھ پننین لوکٹین أٹھن شُربن رِکیت کھین تیار کران ۔ یہِ حال وُچھِتھ پھٹۍ مےٚ وُسوأسی ...... عأرقہٕ ئری گوس ...... مےٚ ہیوٚت بیٚیہ سوچہِ پلوملِہ ٹُلُن ، نیٚبرٕ گوٚو گُنئ ہوٗل ۔ شور بوٗ زِتھ اوس مےٚ پھوٚر داہ دٲہ گز ژلان ۔ دارِ داسس اَتھٕ دِتھ دِژ مےٚ نیبر کُن نظر ...... گانٹھ أس تِکہ تِکہ پوٗتِس پنجن تل زُوکڈان ۔ کوٚ کر بچأرأس کُلِس گوڈس تل زنگہٕ تچھان ۔ سو أس گُرٕت گُرت گُرٕت گُرِتھ گانٹھِ زازٕ پارٕ کران ...... یوٚ تام وُچھان وُچھان گانٹھِ پوٗتِس زُوکوٚڈ ۔ یہِ غمناک منظر وُچھِتھ أس خأطِ دبد پٔنُن وَچھ دَگان ۔ سو أس گانٹھِ ہوٚل گنڈِتھ ووہ وان ۔

"گانٹھہِ ہُنز ظُلم ...... کوٚکرِ ہنز زھرٕ تہٕ ژھرٕٹ کرٕنی ...... خأطِ دیٚدِ ہُنز گانٹھِ ووہوُن ...... ہوٗل ٹُلُن ...... تتھ مُلکس منز چھ یی سپدان ۔ موجی زانہِ اولاد دود ...... نتہٕ چھا أنس کشف آسان ؟"

پأنی پانس ستۍ کتھٕ کران گوس بہٕ بیٚیہِ آدمی قد ، أنس بڑ وٕنہہ کنہِ اِستادٕ "ییمہِ لٹہ کرٕ أنہٕ ضرور یأنی منزِ شُن پأروُی ۔ میأنی صوٗرت أنہِ بڑ وٕنہہ کُن"

بڑٲرِس آیہِ ہنگہٕ منگہٕ لٹھ۔ ژٕمی لگاوٕ ٲنس ہیٚرِ کنہِ طاقچس پیٹھ دوشہ پوشہِ گملہٕ آوٹاس کٔرِتھ ٲنس پیٹھ وٕستھ۔ ٲنس گوٚو کرٛ وپُس۔ یڈ نؤس منز یہ شیشہِ کھنجہِ میانِن پدٕن أندی پکی جمع...... بہٕ نَمیاس یون گُن۔ مے ژٕ ج کھورَ وتلہٕ زمین...... میانہِ شکلہِ ٲس باگنےَ گاٮ۪ژ!! میانٕ صورت ٲس کرتام شیشہِ کھنجن منز چھکرَ نہٕ آمٕژ مُلکِ شاہٕکی پأٹھی!!۔



# شہرِ ظُلماتھ

آب اوس کمچِہ کران تہٕ کرٕہَن مازس اٗس دگ تیلان۔

خوٚجس ژاوناک (Knock) کرنہٕ بغارٕے آنگن برٕ آب اندر۔ تٔمۍ گٔری بٔنگلس بر بند۔ آب سیدیاو داربو کِنۍ بٔنگلس گُٹھمن اندر۔ وُچھان وُچھان کڈ آبن ہیرِ مِس پوٚہرس تام ژٹھ۔ آب بیوٚٹھ عالیشان ریشمی قالینن پیٹھ اطمینانہٕ سان تھکس !!

خوٚجس کوٚر عقلہِ جواب۔ تس اوس دٕچھنۍ کھوٗری فقط اوٚبرٕ ڈینجہِ نظرِ گژھان۔ تس اوس ہنہِ ہنہِ طوطہٕ کلان۔

خوٚجتۍ زٕ نیچوٕ اشفاق تہٕ الطاف اٗسۍ پن پٔننۍ بےٚ توژھ عیال موٚٹھ ہتھ تژ یمس پوٚہرس سلیبہِ پیٹھ آیرٕ فورس کِس امدادس پژاران۔ تِم اٗسۍ خوجہٕ تہٕ خوجہِ بایہِ ہٕندِ حالہٕ نِشہِ بے خبر۔

آب اوس وٕنی تژ یمس پوٚہرس پوٚرٕ جبرٕ وٗتہٕ سان پلن کران۔ شہرس منز اوس ژوٚپأرۍ ہاہا کار۔ یہِ اوس مشترُک سماع!!۔ اَلنفسی...... اَلنفسی...... مأژس نہٕ گوٚبرٕ ہشز پےٚ...... کورِ نہٕ ماجہِ ہشز...... بأے گوٚوبأیس نِش تہٕ یار یارس نِش جُدا!!۔ سیلابن ...... تل شُروٗ ہٕدٕ تھ۔ ہابتناک منظر

وُچھِتھ اوس انہٕر ۍشن کوربن پانٕۍ وچھِکۍ جامہٕ تَرگٔژھان۔ دارِ کۍ لگۍ لار تہٕ لارِ کۍ لگۍ دار۔ کم کم مسوٗلی بدن ننٛگاوۍ آبن۔ کٔمن کٔمن أنہٕ خانن تژ وُن پھُٹنۍ پھاس گٔرِتھ۔ کٔمن مائژِ گُلبن مٔژھن رَب !!۔

خوجہِ اوس یہِ کربناک حال أچھوژرژان۔ تٔمۍ گٔر کانٛپٕیا متوٗ اَتھو خوجہِ بابہِ اتھس چیرِ تھپھ تہٕ جانِ عزیز بچاوان وأتۍ تم ترٛیمہِ پوٗہرِ چہِ سلیبہِ پیٹھ۔ سِلیبہِ تام واتنس أسۍ تٔمن دون بأژن گٔژ تام قدمے کڈٕنۍ۔ ہوأیی فوجُک چوپرگوٗو سلیبہِ ہیرِ ـَکنۍ نموٗدار۔ اشفاق تہٕ الطاف گٔے پننۍ عیال ہیتھ چوپرس منٛز سوار۔ خوجہِ اوس شُربن پننہِ کمزور ماجہِ کُن اشارٕ کران۔ اولادن روٗدنہٕ مأجِس ماجہِ ہُنٛد کانٛہہ غم۔

خوجہِ بابہِ گوٗو حالِ بدوُچھِتھ شاک۔ سوآیہِ ٹاس گٔرِتھ سلیبہِ پیٹھٕ بون چھٕکرَنہٕ۔

وٕنۍ اوس خوجہِ ہِنٛدِس عالیشان بٔنٛگلس گُرُٹ ووٗنۍ أندرٕ نبر غُسل دِوان۔ خوجس أس أچھن دژ یتھمان خاندارنہِ ہنٛز لاش۔ تٔمہِ عالیشان بٔنٛگلچ برٔبأدی یُس خوجن وُمرِ زمینہٕ دژ الژ گٔرِتھ کموومُت اوس تہٕ پننۍ بے کسی وأنٛج کترٛاوان !!

خوجہِ آوسَرٕ وِکۍ پأٹھۍ منٛز باگ پھُٹِتھ۔ تٔمۍ ہِنٛز آش آیہِ تاسہٕ پٹٕمن ہِنٛدۍ پأٹھۍ چھٕکراونہٕ۔ تس ژھوکیہِ وٕدۍ وٕدۍ ہکۍ تام۔ سُہٕ اوس سِلیبہِ پیٹھ اَتھو تہٕ کھورَ وآسمانَس پٹھ وۄڈٕنس بہارن کُن ہاوان۔ تٔمۍ ہِنٛدۍ آلوأسی

کرتام زِنیاٲمتی !!۔

خوجس سوتیہِ زندگی ہنز بڑ اتھ ۔ تٔمی رٔٹ پننہِ خاندرانہِ ہنز لاش نالہِ متہِ۔آب رٔد برابر تتیس کالس خوجس کمچہِ کران ،یوٚ تام تس شہہ ہِندرس ژٕر پھٹ !!

اٲخر کار گیہِ ۱۲؍ستمبر ز ساس ژھوداہ تمن باٴژن دون ہنز لاش تہِ تتھ کھاتس منز درج۔ یتھ منز تمن ہتہٕ بزن لاشن ہُند اندراج اوس یمن ظلماتن تہراج کوٚر!!



(نوٹ): شہرِ سرینگر اور گردونواح میں ۸؍دسمبر ۲۰۱۴ء سیلاب کی تباہ کاری سے متاثر ہو کر یہ کہانی رقم ہوئی۔

# ظُلماتھ

تس اوس وُٹھن پیٹھ نارٕ الاوشولان۔ وٲری وادٕ وپیٹھ روٹہٕ گٲمژن تمن کنٮ۪ن اوس نہٕ توتہِ تہٕ عکس گژھان۔ یۄ دوَے یمن کنٮ۪ن ہُندروے نارٕ بڑٕیہٕ ٔستی رنگنہٕ یِوان اوس توتہِ أسی نہٕ آثار دڑ ینٹھی گژھان۔

یمن کنٮ۪ن متعلق چھےٚ وار یاہ کتھہٕ مشہوٗر۔ اکھ روایت چھےٚ یِتہٕ زِ کنہِ وَن چُھ دراصل اکھ خوشحال بستی أسمژ۔ دپان امہِ بستی ہٕندی لُکھ أسی واریاہ مغروٗر گٲمتی۔ آنگنن منز أس گوٗنہن لادی گٲمتی۔ شرمہِ ہٕندی جامہِ أسی تارتار گٲمتی۔ وتن أس بے حیأیی پہرٕ در۔ شامہٕ پتہٕ أس دوسن ژھایہِ شہہ گژبزان! مظلوٗمن ہٕنز أہنژ ارَے اوس نہٕ کانٛہہ بوزان۔ ییمہِ کنہٕ تس مٲتس دِل سخ اوزُردٕ گوٚو، یُس اتھ بستی منز اکثر یِوان گژھان اوس تہٕ تمن اوس وِزِ وِزِ توبہٕ کرنہٕ باپتھ ونان۔ مٲتی کرِ کم کم کرامژ بستی منز، مگر تمن گُمراہ گٲمتین لُکن گوٚو نہٕ توتہِ کانٛہہ اثر۔ أخرس دِیُت مٲتی اتھ بستی شاپھ۔ بستی ہٕندی سأری لُکھ گےٚ وٕڈسی!!

خأر حقیقت کیٛاہ تہِ أسی تن، پزر چھُ یی زِ سأدا میرٕ نی کوٗردِلؔ أس یمن کنٮ۪ن زنتہِ مٲتی گٲمژ۔ از اوس تمہ عادتس خلاف زنتہ بغاوت کرٕمژ۔

یہِ اوس سوٗنتھ کالُک ژھوکہٕ وُن شام تہٕ سِیاہ ٹۄرنی راتھ اُس سکھر کرنچ تیاری منز آوُر زُلف شیران۔ شہرِ پیٹھٕ اُس لاسٹ بس دوہٕک آخری پھیر ہیتھ بڈٕ منزٕ سان روڈٕ پھٔلی ماںڈان پکان۔

اُسی دوۅے یار غفار دوکُر تہٕ بہٕ اُسی بس سٹاپس پیٹھ دوہ دِشکی پأٹھی چہل قدمی کران تہٕ اکھا کی سُند دوہٕک بُنن گزرن گنٕز راوان۔ تام پییہِ غفار دوکرِس گنہِ وَنس کُن نظر۔ تس لگی پدبن تل عأرقلی ناگ وُزنہِ۔ تس گیہِ وُٹھن پیٹھ پھِسرا ے ظأہر!

"غفارا !! خأرے چھا؟" مے پرٕژھ تس

"از گیہِ مے یژ کالی سو کتھ سرٕ۔ از گوٚ وو مے تصدیق۔ پکھ۔ پکھ وٗلی وٗلی ژیر گوٚو، لاسٹ بس چھےٚ ازنان سِٹاپ پکان!"

"ژ...... ژ کیاہ ونان؟ مے کیا زِنہِ فِکرِ تران۔ ژے کیا زِ لوگتھ وٗل شوٗل وَنن؟" ...... مے پرٕژھ بییہِ غفار دوکرِس تعجبہٕ سان۔

"خأرے چھم ...... وٗل شوٗل چھس نہٕ ونان۔ مے اوس تیلے عمہٕ پنچس نِش بوٗزمُت زِ یتھ کنہِ وَنس منز چھےٚ شامہٕ پتٕ اکھ بلاے پھیران۔ سو چھےٚ وِہر بدلاوان۔ کر، کرہُتھ کنہِ وَنس کُن نظر۔ وُچھ سو بلاے چھےٚ ازپٔری روِیس منز نموٗ دار گأمٕژ" ۔ غفار دوکرِس اوس عأرق ژھینچہِ وسان۔

پزر گوٚو یہِ زِ بہٕ تہٕ کھوٗژُس حالانکہِ بہٕ چھُس وأنجہِ موٚٹ مانہٕ یوان۔

مے گُر بڈ کرٕ بکھ......

"دِلے! ہہ أیہِ مظہرِ جلال، یوٗت ژٕر چھا..........."

یاتہٕ گرمےٚ دِلِس کرٕ بکھ، نتہٕ پٮ۪یہ سو مےٚ برٛونٛہہ گن وأتتھ، ئژ مےٚ گن بڈِ بڈِ وِننہٕ!

"بیٚتہِ چھِ میٲنی سأری رشتہٕ دار، ہمسایے، حق دار...... حأران مہٕ گژھ! یہ چھےٚ میٲنی بستی۔ ہہ۔ ہہ چھ میوٗنے ہمسایے أکِس بڈِس کنہ پلن گن اشارٕ کران دوٗپ دِلن......

"ہہ چھُ جعفر میر، عمرِ چون غریبن رَتھ، ہٕگلی ناس کھیٚیہ کھیٚیہ کھأژن یڈ۔ ہو...... ہو چھےٚ ننہٕ کأشی ناتھنی کوٗر، یوسہٕ انہٕرِ شی پانژٕ ہینس مُہنِوس ستی ژٕج۔ تمہ سنز موج کأکنی موہہ اُمے ہہہ ستی"۔

بیٚیس أکِس کنہِ پلس گن اشارٕ کران ووٗن دِلہِ مےٚ تِتھےٚ پأٹھی چھِ سأری بیٚتہِ تم لُکھ یِم نہٕ أچھ پٹھ مُچھ ژٕروان أس، تِمن گوٗ وٕٹھ۔ بہٕ چھس مُنزِی مُنزِی یِمن ستی مُلاقاتس یِوان تہٕ یِمن پننی سِیاہ کرتوٗت یاد پاوان"۔

باخدا دِلن وُنن گوٚو مےٚ زن تہٕ کلہٕ پیٚٹھی۔ مےٚ گرتس اُتھس تھف تہٕ کڈٕم وارٕ وارٕ گنہِ وَنہٕ منزٕ نبر۔ غفار دو کرِس اوس نہٕ توتہٕ بیٚہوان زِیہ کیٚاہ گژھ سأدامیرِ نی گُنی کوٗرِ دلٕ آسنی، یوسہٕ حسنہ سر أس۔ مگر لانہِ اوٗسس تاوٕن ژِ دِنہِ وٕرلیکھتھ۔ اوٕے آیہ ژورن ہیرن کھسِتھ تہِ واپس۔ حالانکہِ بچارِ تھٕز تعلیم تہِ أسن پُرٕ مرٕش۔ شُری بو چھِ اوسنس پارٕ پارٕ کوٚرمُت۔ پننی کیٚو پرٕدی أسِس پامہٕ دِوان تہٕ ہانٛژھ ہوٚ کھٕر ووٗنی گنڈٕ کران۔ یہِ نام بچارِ اندرٕی ستہٕ گوس۔

''یتھ کنہِ ونس منز چھےٚ فقط ژھایہِ ژھاین بژبکان۔ یتھ میانہِ بستی منز چھُ واوخمان۔ یہِ کنہِ وَن چھےٚ میٲنی بستی۔ یِم کنہِ پل چھِ میٲنی لُکھ۔ یہِ چھبس تیٚمے کنہِ وَنچ کوٗر۔ یوٚہے چھُ میون وأریوٗ تہٕ یوٚہے چھُ میون مالِنُین''۔

زیرک آسنہٕ باوجوٗد آو غفار دوکُر خدشاتن ہنٛدِس کھٕرِس منز ہہنہٕ۔ تس گوٚ ووٗتھن پیٹھ سوالن ہُنٛد بوٚڈ انبار جمع۔

کنہِ وَن نِشہِ ہنادوٗروأ تتھ کوٚ راسہِ ٹھُہراو۔ أسی أسی تتھ نمہٕ ناس گامہٕ وِتہِ پیٹھ صِرف تزیےٚ۔ غفار دوکُر، دِلہِ تہٕ بہٕ۔ مےٚ زیوٗ دِلس اَتھ منزِ لالٹین تہٕ تمی ہنٛدِس بتھس کُن ہاوان دوٗہم غفار دوکرِس......

''لُکھ چھِ ونان دِل چھےٚ دیوانہٕ گاٹہٕ۔ نہ۔ ہرگز نہ۔ دِل چھےٚ دیوتما ازتہِ افلاطوٗنس زندگی ہنٛدی سبق پرٕناوان۔

امہِ پتہٕ دژاے أسی تژیٚشوَے پننِس منزِلس کُن......!!



# رفوجی

تمہٕ اُسی گژتام کانٛہہ نیاٗمتی بدن خٕمن ژھایہِ اکھاُ کس نِش موتُک درد ناک رقص بیان کران! پیوٚنددارٕ خمن اٗندی پٔکی اوس دہشت پہرٕ در۔ جہازُک شور بوٚزِتھے اُسی تمٕ خمن اندر ژمان تہٕ بڑِ بڑ مناجات پران۔ بےٚ توژھ ماجہِ آسہٕ شُر بن وچھس ستی رٹان۔ شُری اُسی پوٚ ژِتل کلہٕ کڈِتھ ماجن ہُن حسرٕ تچ مُدٔ ے گنڈان تہٕ بڑیوٚ ڈ کڈان۔ پھرٕ ڈی گاٗمتین جاناوارن ہٕندی پاٗٹھی اوس ماجن وُٹھین پیٹھ دُعاوٕ ٹسی گژھان۔ تم اُسی لاچار، بوچھِ ہٕتی تہٕ بےبس مخلوق فاقہٕ پھرِ پنٕنین لاشن چوٚکی ڈٕری کران!!

زاٗنب اُس یمو ے منٛزٕ اکھ ترٕ ہ (۳۰) وٕرِش زنانہٕ ییٚمی سُند خاندار یوٗسف کینٛہہ دوہ برٛونٛہہ تمہِ وِزِ شہرس منٛز شہید گوٚ ویٚلہِ سہٕ شیٖر خوار اصغرنہٕ باپتھ دٕوا ژھاران اوس۔ اصغر اوس شین رتٕن ہُندی یوٗسفس گوڈنیُک اولاد۔ یُس تمہِ وقتہٕ زخمی گوٚ ویٚلہِ نارٕ گولہ تہٕندِس آنگنس منٛز پھوٚٹ۔

زاٗنب اُس خمو منٛزی پٔنُن زخمی شیٖر خوار اصغر ہتھ پھیران۔ معصوٗم اصغرس اُس زخمن دگ تیلان۔ سہٕ اوس ماجہٕ ہنٛزِ کوچھِ منٛز زنگہٕ تچھان۔ موج اُس یہِ کربہٕ کڈھ بوٚٹھ منظر وُچھتھ فقط وچھ دٕگان! یتہٕ اُس زٕنب پٔنٕنی کھوٚدٕر

بَب زخمی اصغرس اُسس منز ترٛ اوان۔ پۆز زخمی شیر خوارس اُس نہٕ ببہٕ ژٕ ہہ دِنس ہیمتھے یِوان۔ زٕنب یِتھےٚ شور بوزان اُس سو اُس معصوٗم اصغرس ؤلی ؤلی بێیہِ تل ژ‍ۄ رِرٹان۔ زخمی اصغرس اوس زخمن خوٗن دوشان۔ رٕچ دار اُس زٕنبس فراکہٕ نالہٕ اندری وَچھ وزلاوِتھ شلوارنر بوٚکنی بون وسان۔ زٕنب اُس رَسے تارکول سڑکہِ پپٹھ بیہوان۔ تمٕی سُند بےٚ سوکھ بدن اوس شورٕ تاوِ سڑکہِ پٹھ وہراونہٕ آمتس تارکولس لارِتھ گژھان!! وزُل رَتھ اوس سیاہ تارکولس پٹھ ژٕر پھِ چالہِ ہۆل ہۆل ژلان۔ زن تہٕ بێیہِ کستام بدنصیب معصوٗم اصغرس ٹوپہ زاگان۔

یہِ منظر کوتاہ ہابتناک اوس؟ زٕنب اُس پہری کھٕنڈی تارکول نشہِ پێن سوختہٕ گوٗمُت پان چھُڑاوان تہٕ سڑکہِ اکہِ پاسہٕ اِستادٕ روزان تہٕ بڈٕ بڈٕ سڑکہِ کُن مخاطب گرِتھ کڑبکہٕ دِوان......!!

"ڈاکھ گژھی نےَ میٲنی پاٹھی۔ ژھایہِ کھاوَل! ڈاکھ گنی! ژٕ آسکھ میٲنس تیمس معصوٗم اصغرس پژاران! ننگلاوِہن!؟ رَٹھ! یمہٕ چھےَ رایہ۔ امہِ کھوتہٕ تہِ آستہٕ بوچھِ ہژ! توتہِ ماواتکھ میانہٕ بوچھِ!!"

زٕنب اُس پتہٕ گُنے ٹِکہِ اکہِ بعضے زخمن منز پننس خاندارس وِدان۔ بعضے پننس زخمی اصغرس۔ بعضے اُس سو اکہِ اکہِ زخمن منز پننہِ تس انہِرشہِ بێنہٕ ژھاران، تیمس یزیدی فوجن جبرن موج بنہٕ ٹک ادھیکار چھینتھ نیوٚ!! سو یِلہ کہیں تہِ لبان اُس ہپتہٕ اُس سوٗ پنُن زخمی شُر ہتھ سخت

روڈ پھلین پیٹھ لرتز اوان۔

کربلٕچ سِیاہ شامن ترٛ ووسیکِستانس منٛز ڈیر۔ وونی اُس ٲخمن منٛز ژھوپہ، حسرت تہٕ ژھوکیاٗمتی چھتہٕ گیر۔ زخمی بیمار اصغر ہتھ گیہٕ زاٗنب اُکس ٲخمس نکھ، یتھ منٛز چھمنہٕ سِیاہ لیاٗے کُرتھ لال ٹین دزان اوس۔ اتھ ٲخمس منٛز اُس پٔنژہ (۲۵) وٕرِش اکھ جوان بے زُو زنانہٕ خدیجا۔ تیمِس وقتُن رہتھ اوس پننس عُمر رسید زخمی ماٗلِس زخمن مہلامہٕ کران۔ یہِ حال وُچھتھ گوٚ وتس کینژَس کالس پتُن غم مُشتھے۔ دوٚیمہِ ٲخمہٕ منٛزِ اُنھر ارے بوٗزِتھ پیوٚ وتس پتُن خاندار یاد۔ تَمہِ روٗٹ اصغرؔ وَچھس ستی تہٕ کُنی باکھ ژٕھٹِن......

''نادلاپےٗ میانہِ یُوسوفو ولو''

اَمہِ پُر دردآوازِ ستی آیہِ خدیجا مُشرَنہٕ۔ تَمہِ رٕٹی یم دوشوٚے ماجہِ پٔتھر لٔج زاٗنبس وَننہِ۔

''بیٚنی حوصلہٕ تھاو! میوٗن عرفہٕ ژٔندٕ رضرٗور...... پتہٕ کرٕ بہٕ تس اکبر ناو...... میوٗن اکبر ہیٚیہِ ضرٗور تمن بدخواہن بدلہٕ۔ اُکِس اُکس خوٗنہٕ قطرس ہیٚکھ حساب''۔

''نہ۔ نہ۔ بیٚنی، تہٕ مہٕ سپدِن...... تہٕ مہٕ سپدِن''

''کیاز؟!'' خدیجہ ہن پُرژھ زاٗنبس تعجبہٕ سان۔

''تِکیاز چاٗنس اکبرس ساون تم بدخواہ شورٕ ڈھیرس پیٹھ تہٕ تس ڈھال بناوِتھ ہُمر اون خٔنجہٕ تہٕ لِشن پیٹھ میاٗنی اُٹھی کربلٕچ شام وسحر بدس!!''

خدیجہ تہٕ زأنب أس پانہٕ وأنی اکھأ ـکس تسلاہ دِوان۔

کُنۍ ٹاس گوٚو۔ سیٚکہِ وُٹِل گیہِ نبس پیٹھ ژوپأری نموٗدار۔ پتہٕ ووٗل قبرستان چہِ خاموشیٖ ٹھمن أندی پٔکی ژوپأری نال۔

صُبحٲے ییٚلہِ کرٕئی بِہ پھوٚل۔ کلن سیاہ رِبن گنڈِتھ أس جوان لاشن شناخت کران......!!

ترٕمن لاشن منٛز أس خدیجہ، زأنب تہٕ معصوٗم اصغرٕنی لاش تہِ۔ اتھ رفوجی کیمپس پیٹھ اوس یہِ اِسرأیلی ظألم فوجک پأنژِم میزأیل حملہٕ!!



# لاخأر

تٔمۍ سُندر روپہٕ بدن اوس سِیاہ میگڈم ژادرِ منز موٗژیا مُت۔ سو اُس ہرنہٕ چشمو تار کول ہاران! مےٚ اُس پدبن تل حأرٕ تکی ناگ وُزان۔ یام بہٕ تس کُن نظر کرٕ ہا......!!

"حأران لگہِ نہٕ گژھن......کرد َماہ قرار"

"یہٕ ...... کیٛاہ؟" مےٚ پرٛژھ تس حأرأنی سان۔

"یہٕ چھُ ابنِ آدمس دستوٗر......میأنس احسانس بدلہٕ تٔمۍ سُندر دِعمل"......

تٔمۍ دِیُت عأجزی سان جواب۔

تس اُس سِیاہ تِلہٕ دامنس بےٚ ترتیب سِیاہِ موختہٕ پھلین ہُند وولُت گرِتھ۔ دوٗر سِیاہ علم ہتھ درٛاہتی عزادار باسان۔ تٔمۍ ہٕنزی پِستان اُسی ماتم سرایہِ ہٕنزی وُ جارٕ گُنبد باسان۔

"میأنہِ مُسافرٕ! لکیہِ تھوٚ کمُت آسہٕ ہم"......اتھ رٕنیا متِس آلوٗس منز کأژاہ مائے اُس گِیتھ...... باللہ! مےٚ اُس یو چھِ ژلان۔ دوٗر دوٗر تام اوس نہٕ کُنہِ کانٛہہ نظرِ گژھان۔ نہٕ آدم تہٕ نہٕ آدم زاتھ۔ پتہٕ وُزنووُس بہٕ تمہِ کرٛ بکہِ......!!



"پھٹہٕ وانگنہٕ! وُنہِ چھِی میون دود پرٛاٗ آژن لورے!"

امہٕ کرٚ بکہِ پھُٹرٚ اُ و میانہِ سوٚنچہِ وَنٛج خاموشی۔

''تنہٕ کتہِ اوسُکھ؟''

''بہٕ اوٚسُس شہر پرنہِ گوٚمُت'' ...... مےٚ دِیُت موٚغلی پوٚپھِ جواب۔

''وۄٕ گھلی کیاژِ آکھ ...... کرقرار۔ ٹانگہٕ وأ لی بس آسہِ پکان۔ شیہلاو

عأرق تام ...... بہٕ کڈَ ے أندرٕ گرسہٕ ِگلاس''۔

موٚغلی پوٚپھِ کوٚڈ أندرٕ ؤلی ؤلی گرسہٕ ِگلاسہٕ۔ مےٚ نیوٚ أکی ہے شہَس

منٛز سوٗرٕ ے گرُسہٕ ِگلاسہٕ چیتھ۔ مےٚ اوس نہٕ حسرت بغأر موٚغلی پوٚپھِ وَننہٕ

خأطرٕ کہیں۔ میانہِ گامہٕ کِنہِ آکارن اوس پھیش آمُت۔ دأن کھہہ، ڈوٚن

وار، گونڈہار، وِیرِ وار، بوٚنہِ شیہجار، نیچہِ مأدان، ناگہٕ پوٚکھر تہٕ یارٕ بل اُسی

دِیان۔ یِیتہِ نَس ریٚشی ڈوٚم گاہکی گیٚن صُحأ ے سوٚمبراوان اوس۔ تتھ سرسبز

مأدانس منٛز اوس از گاش ژھاین بزٕبکان۔ سرکأری لرِ آسہٕ ؤنی لبہٕ تام

وبسر یامٔژ۔ لرِاویزان ٹینہٕ بوڈس اُسی کھَیہِ ژٕدی گرٕ ہتی۔ از نئ اوس تھج

نار بن منٛز منمن ہُندسہٕ مأرِ موٚندساز ے کِنہِ گژھان۔ نئ اُسی تمہٕ زٕیچھِ

لچہٕ گرِتھ جاناوارٕ ے آنگنن پیٹھ گُھ کران''۔

''امہٕ کاکنہٕ کنٛز الکہٕ بأنٛی ساز ہتھ مومہٕ زِنس کھوٹنن پوٚنسن''

''گوڈٕ ژنے کیاہ اور سَٹن؟'' موٚغلی پوٚپھ وۄن مےٚ تعجبہٕ سان۔

مےٚ پوٚو موٚغلی پوٚپھِ تمہِ وَتہِ ہُند دودیادیوسہٕ میانہِ لوکچارٕ میأنس گامس

گُن گژھان اُس۔ تیتھ دٕجی کھووٗرکی تہٕ منٛز باگ دژمن اوس۔ تیٚلہٕ

اوس۔ یتھ وَتہٕ پپٹھ ننہٕ وورُے پکُن خوش کران۔ دزٕمنٕز کانجہٕ آسہٕ تل پد بن میٹھی
کران۔ واو گڑ ایہٕ آسہٕ گُلریز پران"

"پوترٕ! تتھ سأرِے گیاوتَمے دوہہٕ پھُنٕز پھاس ییٚلہٕ بستی ہنٕد بولکو شہرٕ
پپٹھٕ سُہ دزٕ ینٹھا کھسالہٕ اوٗن تہٕ اسہٕ کرے یاواتھٕ وأے وأے تتھ استقبال۔

"انجن آیارو ڈدَبایا......تنہٕ کتہٕ اوسُکھ بایا ہو"

موٗغلی پوٗپھ ماوَنہٕ ہے بیٚیہٕ کینٛہہ۔ تَمہٕ بۆزٕ ٹانگہٕ وألی بسہٕ ہٕنٛز ہارن۔
سو گیہٕ نبسٕ گا تھوٚ دوٗتھِتھ۔

ٹانگہٕ وألی بس آیہٕ ماجہٕ ہُنٛد وَچھ موٗران۔ مےٚ وُچھ دید و...... ماجہٕ اوس
چھوکن تارٕ کول پشپان!۔



# گتھ کرپنِنس آستانس

تس ہیۆ کھ أچھومنز آستان۔ سُہ اوس بجہِ ڈیڈِ تل لگن أچھن ساران!
ییٚلہِ نہٕ تس کہیں تہٕ لبنہٕ یوان اوس۔ پتہٕ اوس سُہ پھلو أے ہیۆ گرٛشھان۔ سُہ
اوس بجہِ ڈیڈٕ ہنٛدبن ہیرِ پاوبن پان ووتھران۔ تس اوس اوٗشس تہٕ عاٗرقس
گُنۓ گرٛشھان۔ پتہٕ اوس سُہ بڑبڑِ لگن گُن ونان......
"ہیے! ہیے لگو! مُشِتھے گوٚو ییٚلہِ میأنس آستانس تہٕ گتھ أسِو
کران۔ مےٚ ژٕ روُ کھ نہٕ سُہ آستان أچھن منز۔ یوٚ تام تہٕ یأ گی گو۔ تمن
کوترن ہنٛدی پأٹھی یمن پرٛتھ لرِ ہنز یکلٕ تہٕ بام پنہٕ نےٚ باسان چھ!......اِد با
یہ خوش گرٛشھو۔ ؤنی گوٚ ومیأنی اکھ کتھ تھأوِ و یاد، اکھ وِز واتہِ ضرور ییٚلہِ توہہِ
میأنی پأٹھی أچھن منز آستان نابُد گژھ! پتہٕ......آ۔ پتہٕ گرٛشھو تہٕ تہِ میأنی پأٹھی
پھلو أے"۔

نمتھ (۹۰) بہار چھاونہٕ پتہٕ تہٕ بٹیاونہٕ حُسنہٕ زانٛہہ غلام حُسین۔ بزرگ
آسنہٕ باوجوٗد تہِ أسی لگھ تس حُسنو ونان۔ مےٚ چھ بب ازتہٕ ونان زِ حُسنن گرٛی
سأرِ ہے وأنسہِ عاٗش! یپأری اوس سُہ جانہٕ مرگ ہأردیِڈ گُنۓ نچو۔ ستو کوربو پتہٕ
دشہٕ تہٕ رٕچھِ گنڈی گنڈی زامت! زمین زِراعت تہِ اوستھ سبٹھاہ۔ حُسنن

موول مہٕدی میر اوس وَڑدِوان۔ مےٚ چھےٚ ڈلیل بوزٕ ناوان۔ تھٕج کاد آسہٕ ہے یا
ننٛبٕ کاد۔ گامٕی گامے اوس مہٕدی میرس بتس پیٹھ کادِس گرٕشھان۔ ہاٲر دیدِ ہُند
قصابہٕ گنٛڈُن چھ ازتہٕ گامس منٛز مشہوٗر۔ دپان ہاٲر دیدِ یوسہٕ ساگلر گردِنہٕ نالی
آسان اُس۔ تتھ اُسی سَتہٕ رٕنگی کرٛانک مُرتھ۔

یوٗ تام مہٕدی میر زِندٕ اوس حُسنس گیہ نہٕ خانہٕ ماجرس کانٛہہ کمی۔ تٲمی ہِنٛز
کأم اُس تِلہٕ پٲزار لاگتھ بیرِ بیرِ پھیرُن تہٕ مُہنوٗ بن نظراہ گنٛڈراہ تھاوُنی۔
گرِچ باتے کأم چوٗ چارٕ وٲے سرچاوُنی اُس طلبہٕ مُہنوٗ بن مَتٕہٕ۔ یوٗ تام خانہٕ
موول آسنہٕ باوجوٗد تہٕ اوس نہٕ حُسنس اکھ دأنی تہٕ رِکبر یا گمان زِبہٕ کیاہ چھس
بڑِس زمیندارس سُند گُنے نیچو۔

حُسنہٕ اوس پرٛتھ رأژ شونگنہٕ برٛونٛہہ پننہٕ ماجہ ہاٲر دیدِ تگارِ منٛز کھور
چھلان۔ سُہ اوس تس پانے بستر شیران۔ حُسنن آسہٕ نہٕ زانٛہہ تہٕ پننہٕ خاندارنہٕ
بُتھ پھیٖرِ مُت۔ یا تٲمی ہِنٛزِ زیوٗ آسہٕ نہٕ زانٛہہ دژ اُمت زِرٕحت چھےٚ ہانٛتھ۔
حالانکہِ منٛزی منٛزی اوس سُہ گاٹھس پیٹھ زنانن نِشہٕ پانہٕ تہٕ بوزان "حُسنس چھےٚ
ہانٛتھٕ گُر باگہِ آمٕژ"۔ اِد اکہِ کنہٕ اوس بوزان تہٕ بیٚیہ کنہٕ اوس ترٛاوان۔

حُسنہٕ اوس پننہٕ نمتھ (۹۰) وُری شہِ ماجہ روز وشب خدمت کران۔ تٲمی
تھاوُنہٕ ماجہِ خدمت کرنس منٛز کانٛہہ تہِ پرٕگی۔ ہاٲر دبد اُس حُسنس دُعایہِ خاٲر
کران...... "ژےٚ گوٚبرٕ بہار"۔

ماجہِ ہِنٛدِس دُعایہِ خاٲرِس چھےٚ اجابت آسان۔ شیٹھٕ وُہرِس حُسنس

دیُت خدائن اولاد۔ پنژ وَنزاہ (۵۵) ؤرِش رٕحت بنیہِ موج۔ امہِ باوجوٗد تہٕ گےٚ نہٕ حُسنس ماجہِ ہٕنٛدِس محبتس منز کانٛہہ کمی۔ منٛزی منٛزی اُس تس مأیِلس جنت گارِ ہنٛز یادسوچہِ تلاوس تلاطُم تُلان !!۔ پتہٕ اوس سُہ کأتِس کالس ماجہِ مُدٕ ے گنٛڈِتھ وُچھان۔ تس اوس تسلا گژھان۔

سوٚ أس شبِ برٛ بسوارِ، ییٚلہِ رٕحتہِ حُسنس نِشہِ اجازت طلب کوٚر......!!

"کوٚت دزا ایکھ؟"...... حُسنس پرٛژھ خاندارنہِ تعجُبہٕ سان۔

"آستان گژھہٕ"......رٕحتہِ دِیُت خاندارس ؤلی ؤلی جواب۔

"یہٕ کیاہ چھےٚ دَجہِ گنٛڈِتھ"...... حُسنن پرٛژھ خاندارنہٕ۔

"یہٕ چھم تہرِ موٗڈھ"......رٕحتہِ دِتُس لارِ ہوٚتےٚ جواب۔

"رٕحتی! ژٕ...... ژٕ کرمیأنِس آستانس گژھ"۔ ماجہِ کُن اشارٕ کران ؤن حُسنن خاندارنہٕ۔ پتہٕ یُس تہٕ دُعا چانہٕ زیوٚنیرِ، تتھ آسہِ اِجابت"۔

نیک بخت خاندارِنی آسنہٕ کٔنی کتھٕ پأٹھی پھٹراوِ ہے رٕحت پننِس خاندارٕ سُنٛد حکُم! سوٚ ژایہِ رَسےٚ واپس۔

وأنٛستھ آسنہٕ کِنی اُس ؤنی رٕحت دبد دوہ کھوتہٕ دوہ کمزور گژھان۔ حُسنہٕ اوس ؤنی پنُن سورُے توجہ ماجہِ کُن دِوان۔ گرُک کارٕ اُس رٕحت تہٕ طلبہٕ مُہنوی سنٛبھالان۔ حُسنہٕ اوس ماجہِ کھیاوان چاوان، کلس کنٛگنی کران۔ حتیٰ کہٕ تمی سُنٛد پیشاب بانہٕ تام پانےٚ تُلان۔

ہأر دبد گیہِ پٔنٛژنَھ (۹۵) ؤری وأنٛس کڈِتھ رحمتِ حق۔ (اناللہ

وانا الیہِ راجعون )۔ ماجہِ ہنٛدی راونن کوٚر رٔنس سۄر۔ تس اُس جِگرس دگ تیلان۔ سۄزانہٕ پچھِ پیٹھ ماجہِ ہُنٛد آخری دیدار کران گٔنڈی گلہٕ حُسنن تہٕ باکہٕ ژھٹان اوس ماجہِ ونان......!!

''میٲنۍ وفادار موجی! سفید لٔٹھس وٕلتھ چانٛس محرابس بۄز وٕنہہ کنہِ گنٛڈہٕ ہا بیٚیہِ اکہِ لٹہِ نماز...... چانٛس محرابس نکھےٚ چھُ میانِن خوبصورت یادن ہُنٛد روضہٕ آباد! یتھ آشہِ لےٚ لیکھتھ میانہِ دِلچ سِپارچھےٚ!! چانٛس آستانس گتھ کران دزام پزتھ اکھ مُدعا۔ یوٚہے وضوتہٕ یہےٚ اُس نماز میٲنۍ !!



# تلاش چھُ جاأری

مےٚ اُس حاأرتہٕ ِکس ناگس وُ زِنی لگان زِ کنٛزس منٛز ِکتھ پاُٹھی آسہٕ تِمہٕ پیٚتر بیٚنہٕ زِ ڈوٚنی موٚہلس کش کڈان۔ تِمن اوس دوگ تُلنہٕ ستی مازس الہٕ الہٕ گژھان۔ تِہنزِ بتھی لبہٕ آسہٕ امبری ژوٚنٹھکی پاُٹھی زن تہٕ نار ژھٹان۔ توہہِ گرد اُس تِمن سیاہ بُمہٕ کمانن تہٕ اچھِ روالن ووٚلٕت کران۔ زن تہٕ کینٛہ واسس پیٹھ رِکھن منٛز ووہ تلاونہٕ آمژ ماأری منٛز تصویر۔ دوٚنوٚے پیٚتر بیٚنہٕ آسہٕ کُنے چالہٕ ڈالہِ کُنی ،قد تہٕ کُنۍ انہار۔

زاُنہٕ تہٕ زیبہٕ آسہٕ تِمن دوٚن باۓ بارنٛن کُنۍ اُچھ گاش۔ اوٚے اوسُکھ سنٛخ خانہٕ ماجر۔ کاُنسہِ اوس نہٕ یِمن بوٚمبرُن ئِگس تہٕ کوٚرمُت۔ دوٚنوٚے آسہٕ ایم اے پاس آسنہٕ باوجوٗ دتہٕ سادٕ منوش۔ دوشوٚنی اوس روین پیٹھ زوٗن گھان۔

تِمہٕ باۓ بارِنی زِ جٔلی بٹ تہٕ سٔلی بٹ اُسی اکھاُ ِکس کھوتہٕ چالاک۔ دوٚنوٚے اُسی مُدبّر تہٕ دانا۔ تِم اُسی دوٗر اندیش۔ اوٚے اُسی تِم کوربن ِکیٚت شریف گرٕ ژھانڈان۔ تِمن اُس بار ِکردارٕ لڑکن ہنٛز تلاش۔

کارِ قدرت! ژورن وٗرِین لگاتار تلاش کرنہٕ پتہٕ تہٕ گوٚونہٕ یِمن پیٚتر بیٚنٛن لاأنی گنٛڈ۔ یپارٕ و آسہٕ دوٚنوٚے ببنہٕ نہٕ شباب ِکس آخری پڑاوس کُن

پکان۔ شرمدار کوٗر کس وَنہٕ ہن! ونہٕ ہن پن پننہِن ماجن۔ مگر تمہٕ واتٕ اکھ أکِس پتے تَمہِ وقتہٕ مزار بل ییٚلہِ یم پیٹر ببنہٕ نہِ زِ زنانہٕ کالجہِ بی اے فائینلس پران آسہٕ۔

یہ چھُ عجیب اتفاق زِمیأنی پأٹھی اوس یمن دوٚشوٕنی ببنہٕ نہِن سونٛتھ کال سخ ٹوٹھ۔ دونوَے آسہٕ سونٛتھ کالس وُڈٕ رکھسان تہٕ شامہٕ پتہٕ سونہأری زِ ژوٚستی نال جران۔

تَمہِ دوہہٕ اوس نَب الوٚند۔ ییٚمہِ کِنہٕ نہٕ یہ سونہأری زِ ژن ہُند رقص وُچھنہِ وُڈٕ رگوس۔ امیُک افسوس اوس مےٚ رأتی راتس وأنجہِ تِلہٕ کرٛوٗژھ پھیران۔ رأتی راتس روٗدُس یہ لرِ پھرِنی دِوان تہٕ تارکھ گنٛزراوان۔ صُبحأے آسہٕ مےٚ أچھ دزان۔ مےٚ اوس یارٕ بل تہِ دِیان باسان۔ امہِ دوہ صُبحأے گوٚو نہٕ مے یارٕ بلس پیٹھ پانس بغأر بیٚیہِ کانٛہہ تہِ نظرِ۔

"کیاہتام واقعا چھُ سپدُ مُت ...... کیاہتام ذٔلیل چھےٚ گأمژ"

یہ لوٚگُس پأنی پانس ستی سوٗنچنہِ۔ یہٕ آس خدشاتن ہُند ہلم برٕتھ گرٕ۔ گرِ اوس پولیس آمُت۔

"مےٚ چھُ یقین زِ یہ چھےٚ جُمہٕ گلوانی کأرِستأنی۔ تِکیازِ جُمہٕ گلوانس گوٚو کوٚت کالس یمن دون بأے بارنہِن سٕڑ کہ پیٹھ کِس زمینس پتہٕ۔ تس چھُ یہِ زمین شور ہُس لرِ یوان" ...... ببن وۄن ماجہِ

موج وُژھس در جواب ...... "مگر یمن کور بن کُس واٹھ چھُ اتھ

زمینس ہتی ؟''

''آ......آ۔ واٹھ چھُ۔بڑ سرٕ وٗن واٹھ''

بنٕ وٗن ماجہِ تہٕ جلی سان......

''اما کیاہ سناواٹھ'' ......ماجہِ پرٕژھ بس تعجبہٕ سان......

''یموٗ بأے بار نوٗ چھُ یہِ زمین بذأتی یمن کور بن ہنٛدِ ناوٕ بیہِ کوٚرمُت۔ ییٚلہِ نہٕ کورے روزٕ کُنہِ......!!''

پتہٕ ژٕٹ بنٕ کتھ۔شاید پیٚیہِ تس مےٚ کُن نظر۔اِدٕ تمو کوٚرناFIR درج۔ مےٚ پرٕژھ بس......

''پلسن آسہِ لا کھرٕ ٹھرٕ جمہٕ گلوانس نش۔تمہٕ ہاوِن اتھ چھیکرس ''لاپتاہ'' کیس۔وا ے کم کم شداتہٕ سِکندر، کم کم خوتونہٕ گئے ازتام گمشدگی ہنٛدِس خاتس منٛز درج۔گُس تہٕ کس؟''۔ماجہِ وٗن مےٚ کُن سنٛبھِ مایوٗسی سان۔

''جمہٕ گلوان چھُ رشوتہٕ وول تہٕ آسوٗدٕ حال شخص۔ سأرِسے وأنسہِ کھوٚتمو ہُکلی ناس......تمی سُند وانگ کھاتہٕ چھُ شرمناک حرکژٕ ہتی داغوٕ تھ......مگر تس خلاف کیاہ زِ گوٚ ونہٕ ازتام کانٛہہ تہِ جرٕم ثابت؟ شاید اوٚ کُنی زِ تس خلاف چھُنہٕ کانٛہہ شہادت تارنس جرأت کران......تمی چھُ پولیس چاوِتھ تھوومُت......تس چھ بڑبن بڑبن افسرن تہٕ منسٹرن ہتی لچہِ واٹھ......سُہ چھُ الیکشنس منٛز منسٹرن فنڈ تہٕ افسرن رشوٕ دِوان......سُہ چھُ أتھی تپالہِ لوٗ گمُت!!''

مےٚ اُسی وٗنی یتھی ہوی وار یاہ سوال اِحساسی سرس وأر لگ انان۔یوٚ تام

برابرا کھؤری گۆو، پۆ زز اُنس تہٕ زیبس دڑ اونہٕ کُنہِ پے پتاہ۔

جُلی بٹس تہٕ سُلی بٹس لوٗسی پاد۔ پڑتھ ڈیڈِ تل اوسُکھ سے رٕنیامُت جُملہٕ بار بار بوزُن پیوان......

''تلاش چھُ جاری''



زمینس ہتی؟"

"آ......آ۔ واتھ چھ۔ بڑٕ سرٕ وٕن واتھ"

بِن وٕن ماجہِ تہٕ جلی سان......

"اما کیاہ سناواتھ"......ماجہِ پرٕژھ بِس تعجبہٕ سان......

"یموبٲے بارنوٚ چھ یہِ زمین بِذ اَتی یمن کورِن ہٕندِ ناوِ بیہِ کوٚ رمُت۔ یپلہِ نہٕ کورے روزِ کُنہِ......!!"

پتہٕ ژٕٹ بِن کتھ۔ شاید پیٚیہِ تس مےٚ کُن نظر۔ اِدِ تمو کوٚ رنا FIR درج۔ مےٚ پرٕژھ بِس......

"پلسن آسہِ لاکھرٕ ٹھ جُمہ گلوانس نِش۔ تمہٕ ہاون اتھ چھیکرس "لاپتاہ" کیس۔ واے کم کم شداد تہٕ سکندر، کم کم خوتونہٕ گٔے از تام گمشد گی ہٕندِس خاتس منز درج۔ کُس تہٕ کس؟" ۔ ماجہِ وٕن مےٚ کُن سبٹھے مایوٗسی سان۔

"جُمہ گلوان چھ رشوتہٕ وول تہٕ آسوٗدِ حال شخص۔ سأرِسے وأنسہِ کھوٚتمو ہُکلی ناس......تمی سُند وانگ کھاتہٕ چھ شرمناک حرکژ ہتی داغوِتھ......مگر تس خلاف کیازِ گوٚ ونہٕ ازتام کانٛہہ تہِ جُرم ثابت؟ شاید اوٚ کنی زِ تس خلاف چھنہٕ کانٛہہ شہادت تارنس جُرأت کران......تمی چھ پولیس چاوِتھ تھووِمُت......تس چھ بڈِبن بڈِبن افسرن تہٕ منسٹرن ہتی لچہِ واتھ......سُہ چھ الیکشنس منز منسٹرن فنڈ تہٕ افسرن رشوِ دِوان......سُہ چھ اَتھی تپالہِ لوٚ گمُت!!"

مےٚ اُسی وٕنی تِتھی ہوی وارِیاہ سوال احساسس منز وأر اگ انان۔ یوٚ تام

برابرا کھؤری گوٚو، پوٚ زز اٲنٛس تہٕ زیبس دڑ اونہٕ گُنہِ پےٚ پتاہ۔

ژٲلی بٹس تہٕ سٲلی بٹس لوٚسی پاد۔ پرٛتھ ڈیڈِ تل اوسکھ سےٚ رٕنیامُت جُملہٕ بار بار بوزُن پیوان......

''تلاش چُھ جٲری''



# ترٛاس

ریٚہہ اُس عذابس...... ساریٚے کوٹھس اُس زن تہٕ گاشہٕ گٹہٕ گأمژ۔ أندرِم خام لبہٕ دارِ درواز اُسی دِیان۔ میأنِس وُدأسی نبس پٮ۪ٹھ اُس سِأہی خاموشی بڑبکان...... نیٚبری اُس وأنا کھانہٕ گٹہٕ زال وہراوان...... واو اوس گربزان...... گُلِمن ہُنٛد کڑبکہٕ نادتہٕ شی شی اوس دارِ پٹِمن ٹاسرارے تُلان!!

مےٚ اوس نہٕ نیٚبرِ مہٕ طوٗفانُک بیم۔ مےٚ اوس تُمۍ سِنٛدِ اوٗش دَدرایہٕ ہُنٛد خوف...... یُس میأنِمن آمِمن خابن تہراج کرِ ہے۔ بہٕ اوُسس راتہٕ کی پأٹھی تنہا۔ بڈ روٗمس منٛز ہٕتھ تتھ شانٛدٕ گنٛدس کُن تھلہٕ تھلہٕ وُچھان، یتھ وورٕ گگروجایہٕ جایہٕ زدٕ گری متی اُسی۔

تَمہِ کوٚرنہٕ ازتام زانٛہہ تہٕ مےٚ بڑونٛہہ کنہِ موج بنہٕ ٹُک اظہار۔ نہ اوس تس موج بنہٕ ٹُک شوق۔ تمۍ سِنٛدِ وچھکی ژأنگی اُسی ووٕنی سوختہٕ گأمتی۔ میأنِس وتھرِنی پلوٗس گےٚ باگنۍ۔ میانہِ خابہٕ ینہٕ لوٚگ کیوٗم! تُمۍ سٕنٛز سرد مہری اوس سہ المناک حأدثہٕ ڈکھِ ییمیُک نہ تَمہِ زانٛہہ تہٕ مےٚ رٕنش ازتام اِشفا کوٚر مُت اوس۔

بہٕ اوُسس ازتہٕ دوہ دِشکی پأٹھی کاغذ تِلمن پٮ۪ٹھ تسمبر بن بڑ بہناوان۔ میأنِس قلمس اُنہ لفظن رٕنج!! بہ مُروّتہٕ شب اوس ووٕنی میأنِس بڈ روٗمس

منز ڈیٖر شیران۔ میانٮ۪ جلٕی ژایہِ ازتہِ دروازس ناک (Nock) کرنہٕ بغاٮ۪رے خشمہٕ ہوٚت گٔژھس منز ............

"کأتِس کالس......؟" جلہِ کوٚرنہٕ شرارتہٕ ستی اڈلیوٚک جُملہٕ پوٗرٕ ......سوٚ ژھ بسترس منز۔

"یِمن لبن چھُ وٕتھ وار گومُت۔ کأتِس کالس!! اسہِ کأتِس کالس چھُ یہِ کربناک حال اُچھوڈیشُن ؟"

"یوٚ تام دٕمن ہالہِ ہُند پھوکھ پوشہِ" مےٚ دِیُت جلہِ ؤلی ؤلی جواب۔

"تمہِ رأژتہِ اوس تِتھے پأٹھی نیبرٕ انہِ گوٚٹ گرٛزان۔ واو اوس تِتھے پأٹھی خمان ییلہِ اسہِ وٕچھ دگان، اتھ موٚران کُنجہِ مرٛؤأریوٚکُن رخصت کوٚر۔ سو میانٮ۪ زِٹھ بینہِ کٔنج دژایہِ بہار چھاوٕنے۔ سوأس ووٚنی لوٚ ۂژے اولے ییران تمی سُند اول آو پیٛٹھتہِ پیٛٹھتہِ ؤستھ......!!

جلٕی آیہِ از گوڈنچہ لٹہِ مُژرٕنہٕ......

"کُنجہِ ستی کیاہ سپُد؟" مےٚ پرٛژھ جلہِ۔

"زِتھر اوس پوٗرٕ شابس منز...... کوکرباںگہِ کڈ ڈولہِ کُہرٕ وٕکُنجہِ ہنزٕ ڈٕوٚلی وایان تہٕ گرٛایان۔ بانڈن ہنزٕ ترٛ ے جمأژ آسہٕ توٗرٕ مہرازس ستی۔ جُمہٕ واتُل اوس اُسہِ منزٕ نارٕ لمبکھ کڈان تہٕ گتکس گِندان۔ کتہٕ بریس ژوٚر! کم کمہٕ تھی تس ستی گتکس گِندنہٕ۔ اڈِ کانٛہہ سپر ٹھہرے نہٕ جُمنہِ شمشیرٕ ٹاسس۔ سُہ شادِیانہٕ مشہٕ نہٕ مےٚ ہرگزتہٕ توٚ تام، یوٚ تام نہٕ بہٕ کُنجہِ نِش ولتہٕ۔ مہرازٕتہِ اوٚس نہٕ لوٚکہِ پایک

کینٛہہ۔ سُہ اوس لٔٹھٕ خانُن خانہٕ مول گٔنزٲش گاش۔ تس اَسی ساٲری پنٛنی کیو پرِ دی

"اکہٕ نندُن" ونان۔

یہِ جوٗری اَس محبت تہٕ اخلاصہٕ رٕنگی ساٲرِسے علاقس منٛز مشہوٗر۔ تمام جورِ

آسہٕ تِمن دوٚن بأژن کُن وُچھِتھ رشک کران......!!

خاندرٕ پتہٕ دوٚہ یہِ وَہُری سوٗز خدایَن یِمن دوٚن بأژن اولاد۔ ناو کوٗر رَہس

اکبر......تس کوٗر لٔٹھٕ کانن پانے اکبر ناو تہٕ جلال الدین اوٚسُس ونان......

"سون محمد اکبر جلال الدین کرِ ساٲرِسے راج"

لٔٹھٕ خانس اوس یہِ جُملہٕ زیوٚ پٹھ آسان۔ میانہِ بیٚنہِ کٔتجہِ تہٕ تُمی ہٕندِس

خاندارس اوس جلال الدینس منٛز زُو تہٕ جان۔ یِم بأژٕ اَسی تس پوٚت ژھاینٕ وٕنی

دِوان......یِمن دوٚن بأژن اوس جلالس منٛز روٗح۔

تمہِ دوٚہہٕ ییٚلہِ جلالس مول کوچھِ منٛز پولیو قطرٕ چاونہِ سینٹرس کُن نوان

اوس......گنہِ باران گوٚو......لُکھ ژٕلی محفوٗظ جاین کُن۔ ژٕلہٕ ژٕژیچہِ منٛز آو جلال

مألِس کوچھِ منٛزٕ بون وٕستھ۔ جلال گوٚو لتہٕ مونٛجہِ۔ اکہِ نندنِس اَچھن

درٛیٹھمان دِیٚت جلالن ژھرٛٹہٕ ژھرٛٹھ کران زُو۔ میأنی درد دِل بیٚنہِ کٔتج موٚیہِ

تمے ہہہہ سَتہٕ تہٕ اکہٕ نندنس موکلیہِ اَچھن ہٕنز بینأیی!!

"تِتھی واقعہٕ چھِنہٕ دوٚہے گژھان۔ زندگی ہُند دوٚیم ناو چھے پژھ۔

زندگی چھے وومیذِ پٹھ قأیم"......مے ووٚن عأجزی سان جلہٕ۔



"یہٕ چھِنہٕ تہٕ ژھان ژٕےنِس ژھینہٕ گژھن۔ میون ہمراہ، ہمسفر،

ہمراز، دِین وۄدُنیا پھکھ ژٕرے"

"مگر......مگر ژٕلی میانہٕ جذبات!؟ اَچھن ہُنٛد نار، کتھٕ ژھورا؟"

میون یہِ سوال بوٗزِتھے کھاژ جَلہٕ کلہٕ پیٹھیٖ لیٖف۔

بے مُروّت رأژ کوٚرازتہٕ میانہٕ اشہِ وانہٕ ستیٖ وُضو۔ راتہٕ کی پأٹھی ہیٚتی مےٚ خاب شانٛد تہٕ بےٚ خاب ترٛ اوٚم لر۔

کوکرن دِژ بانگ۔ اتھٕ بُتھ چھٔلتھ پٔرمےٚ نماز۔ بہٕ گوس نمازِ نِشہِ فارغ۔ اوٚ تام اَس گاشہٕ تھٔمی کتہِ کور ابساونہٕ آمتیٖ۔ پوٚز ژٕل اَس وُنہٕ تہٕ بستر سے منٛز دراز دِتھ۔ مےٚ وُزناوژٕل......آلو آلو کرنہٕ پتہٕ تہٕ ییلہِ نہٕ ژٕل بیدار گیہِ مےٚ تُل تس وٕلی وٕلی بُتھِ پیٹھٕ وُرُن......مگر۔ مگر!!

ژٕل اَس کرتام شیٚہلیاٚمُژ!!



# سوال

بادِ صبا اوس رُخصتس چمنن پھیران۔ مشید مینار آسۍ وٕنی خاموش۔ سادھو اوس مندر وارِ منز سو کھ ہیتھ شنکس ژٕ ھ کران۔ یارٕ بل سر انہٕ کُٹھی آسۍ شانت۔ تمن آسۍ بروٕتھی۔ رادھے ناتھ اوس یارٕ بل پوٗزا کٔرِتھ واپس گرٕ ٔ ن وارٕ وارٕ پکان تہٕ پانٕسے ٕ ستۍ بڑ بڑِ ونان......

"ژٕ اہہِ بھگوان ژٕ اہہِ بھگوان"

"تُہی مہرا کیٛاہ پانٕسے ٕ ستۍ کتھٕ کران"...... مےٚ پرٕ ژھ رادھے ناتھس۔

"رِکھیں نسا رِکھیں نہٕ۔ پکھ پکھ پانس"...... رادھے ناتھن وٕ ن مےٚ لارِ ہوٚ تےٚ جواب۔

رادھے ناتھن تھاو یونہِ شیرِ تھ یُس تٔمی کرٕ ھ تٔلی ژٕ وومُت اوس۔ تٔمی مُژ رووٚد جہِ گنڈٕ تہٕ لوٗگ یارٕ بل دِرٕ ری پوترٕ بن پیٹھ جاناوارن پھل ژٕ اونہِ۔ تٔمی موکلوو جاناوارن پھل موٚٹھ ژٕ اوِتھ تہٕ پانہٕ بیوٗٹھ ٹھٕکس پیٹھ۔ رادھے ناتھن آسۍ جاناوار تام یِٲ گی بناوی ٕستۍ۔ کینٛہہ آسِس پھبرن دامنس ژٕ وٕ نژِ ٕستۍ لمان۔ کینٛہہ آسِس پھیکین پیٹھ بیہوان تہٕ کینٛہہ آسِس گتھ کران۔

"کھیٚیو...... کھیٚیو پھل پھوٚل آرامہٕ سان۔ کاٗتیاہ ساد چھوٕ۔ تِتھے پاٗٹھی گژھ لکس بأگِتھ کھیٚن۔ وٕنی گوو اکھ کھ وٕ نو...... مانٛی تَوِہ چھو توہہ

رادھے ناتھنۍ وصیت ۔ پننس میر اُنس کرِی زبو تھے پاٗٹھی راٗچھ۔ پنہٕ زانٛہہ تہٕ پنُن پوٚت کال مُشراٚیوٚ ۔ تتھے پاٗٹھی تھاوِی زبو پنُن پرٛانہٕ وار ژھراٗوِتھ۔ پنہٕ زانٛہہ پنُن آسُن مُشتھے گژھو۔ پتہٕ لوِ ونہٕ سائنی پاٗٹھی کھئنڈ ہارتہٕ ۔ پنہٕ زانٛہہ تہٕ آدم ذاٗژ پٮٹھ بھروسہٕ کرِو...... یمو ہاوس ہنٛز منڈی منز پننہٕ ماجہٕ نیلام کوٚر، توہہٕ کیاہ بوزِنو...... ترٛاہہٕ...... ترٛاہہٕ۔ ہے مہاشوا...... ہے زگتھ ماتا......دَیا کر"

رادھے ناتھ لوٚگ تیز تیز قدم ترٛاونہٕ ۔ بہٕ یوٚدوَے تس سبٹھاہ قریب اوسُس تہٕ تمۍ ہنٛز سارے کتھہٕ بوزان تہٕ اوسُس ، پوٚز تس اوس نہٕ میٚون کانٛہہ تہٕ پرواے۔ نےٚ پرٛژھ مےٚ تمۍ زِ بہٕ کیاز چھس تس پتہٕ پتہٕ پکان۔ وٕنی ییلہٕ بہٕ بسرے آس، مےٚ کرٛتس نرِ تھف تہٕ سبٹھے عاجزی سان پرٛژھمَس......

"ہیے...... ہیے مہرا! تۄہی کیاز چھِو صُبحاٗے صُبحاٗے یوٚتاہ گیر گاٗمتۍ؟ خاٗ......خاٗرے چھا؟"

رادھے ناتھن دِیُت نہٕ توتہٕ مےٚ کُن کانٛہہ توجہ تہٕ لوٚگ وارٕے تیز پکنہٕ۔

"مہرا! تۄہی کیاز چھِو جاناوارن نِش آدمۍ ذاٗژ ہنٛز غاٗبتھ کران؟......

بہٕ...... یہ مہرا چھُ پاپ ۔ بوٚڈ پاپ ۔ غاٗبتھ کرن وول مہرا چھُ پننس مُردباٗے سُنٛد ماز کھوان!!"


رادھے ناتھس کھوٚت یہ بوٗزِتھ شرارت۔ تس کھوٚت گلن رَتھ۔

تُمی کوٚر ٹھہراوتہٕ لوٚگ مےٚ کُن ژکھِ سان وَننہٕ......

"مالِیا! کتھ چُھکھ وَعظ پران۔ پانس چھےٚ واز رگاےٚ مژ۔ نیر نیر پانس، وٗنی چھی آدن...... پالیس پےٚ، یِنہٕ میانی بأش گژھی تہٕ کٕہ پأٹھی یکھ آوٕلِنس منز ہینہٕ"۔

"توتہِ مہراوتم کیاہ دلیل چھےٚ"......مےٚ پرٗژھ نرمی سان رادھے ناتھس۔

"کأژ ہن کتھن دِکھ واٹھ؟" رادھے ناتھن دِیُت بیِٚیہِ خشمہٕ ہوٚتے جواب۔

"توتہِ وننہٕ مہراواقعہٕ کیاہ چُھ؟"......مےٚ پرٗژھ رادھے ناتھس بیِٚیہِ زارِ پار کران۔

"یتھ مالہِ وَسن کھمبرِ۔ زمین گژھِ ہانٹھ۔ رِکہیں بوِنہٕ۔ پتہٕ آسہِ نہٕ اسہِ نِش اکھأ رِکس تعزیت کرنہٕ بغأر رِکہیں تہِ۔ لرِبنن ماتم سرایہِ۔ جاناوار آسن نوحہ خوأنی کران۔ زگتس راوِ پہچان...... سأنی شناخت گژھِ ختم...... سأنی پرٕ زنتھ کھبن شلرِ تأریخی کتابن منز! اسہِ گژھ پتہٕ تہمنٕے قومن ہنٕز ونن یہُند پتھ کال دفن گوٚو۔ پتہٕ آسہِ محکمہٕ آثارِقدیمہ کھنڈراتن پیٹھ سأنی بےٚ معنی عبارت ژھاران"۔

میأنِس احساسس شہرس گیہ دِنن۔ مےٚ پرٗژھ رادھے ناتھس وٗنی پھٹےڑ متو کوٹھو......

"توتہِ مہراکرتم زنأنی یا بہ کیاہ پو؟"

میٚون بار بار اَکھ سوال بۄ زِتھ وۄتھ رادھے ناتھس اۄش دَدرایہٕ تہٕ ودان ودان وۄنُن ......

''مالِیا! شُبو جی یَن ترٛ وو ماجہِ ہِنٛدِ ذریعہِ زۄج۔ کلہٕ پوش۔ پۄژ۔ شیٖنہِ لاٹھہ تہٕ ترنگہٕ زاٚروانس منٛز داوس''

یِی ونان تُل رادھے ناتھن ڈبکس ٹاس ٹاس تہٕ ژاو بستی منٛز۔



# عِبرَتھ

......تہٕ سورُے شہراوس اَکِس بڈِس ڈسٹ بِنس منز! شہرٕ کی ساری ہوٗنی اَسی تتھ اَندی اَندی دٕرِکن ہٕندی پاٹھی اَلاٗنٛدی گاٗمتی! رنگ برنگی ہونی......

سفید، کرٕ ہِنی، ووزِلی، سوٗری، ڈبہٕ ہاری، چھٹل......کینٛہہ اَسی ڈسٹ بِن ہسے منز بِہتھ......تہٕ کینٛہہ اَسی ڈسٹ بِن نِشہِ پانٛژھ شےٚ گز دوٗر تتھ تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ غالبن اَسی تِم تتھ پہرٕ در......!!

یہ چھےٚ تِمن دوٚہن ہٕنز کتھ ییٚلہِ عزیز وگےتہٕ کوٗر جٕلی گرِ انٹرویوٗ دِنہٕ کہِ غرضہٕ دژ ایہِ مگرتورٕ آیہِ نہٕ واپس۔ واریاہ تلاش کرنہٕ پتہٕ تہِ دژ اونہٕ جلہِ ہُنٛد کُنہِ پےٚ پتاہ۔ حاراٗنی ہُنٛد مقام چھُ یہِ زِ جلہِ ہٕنٛدِ خاطرٕ گوٚ ونہٕ بازر بند......!

کانٛسہِ کوٚرنہٕ ہرتال! کانٛہہ گوٚ ونہٕ پریشان! نہٕ نظماوسو کانٛسہِ شاعرن......! نہٕ گر کانٛسہِ شاعرن تس پیٹھ مرثی۔ میڈیاہن گرِ سو کیٚش۔ پتُن واٹہِ گوٗل کوٚڈہس تہٕ منساوِکھ۔ تِمہِ ژھوٗکی پاٹھی یُس چوکس منز باگ تتھ بڈِس ڈسٹ بِنس منز اوس۔

بہٕ اوسُس ہوٗنین ہُنٛد چپ چپ کارِ منز بِہتھ کنو بوزان۔ اتھ ڈسٹ بِنس نکہٕ اَسی عجیب منظر دٕراٗپیٹھی گژھان۔ ہوٗنی اَسی رتہٕ پڑاژن لبوان۔ بعضے اَسی کینٛہہ ہوٗنی باقہٕ ہوٗنین پُشتس بٕڑٕ کھِتھ ڈسٹ بِنس منز ووٗٹھ

تڑ اوان۔

تتھ ڈسٹ بنس نکھ اوس ہۆنِمن ہُنٛد ماکہٕ لۆگمُت۔ اکھ ڈَبہٕ ہور ہۆن آوڈسٹ بِن منٛز ہکہٕ کھسِتھ۔ تس اُس چانٛٹس منٛز خۆنہٕ بُرٕژ کپر چھل!! پانٛژھ داہ ہۆنی تہٕ ہونہِ چھُٹے یہ تس پتے۔

''یمن ہۆنِمن کیاہ تُتہٕ مانٛچھ چھُ اتھ ڈسٹ بنس منٛز؟''...... یہ اوسُس پانٛی پانس پھری پھری یہ سوال پرٕژھان۔ اکھ اَکس پتہٕ ژٕلی اکہِ اکہِ ساری ہۆنی تہٕ پۆتُس اوس اکھ کمزور جۆژ رۆس ہۆن ڈسٹ بِن منٛزٕ نیبر نیرنٕچ ناکام کوشش کران۔ ہۆنی ہنٛز ژھرٕ پتہٕ ژھرٕ ٹھوٗچھِتھ آوٕ تس پیٹھ رحم۔ مےٚ پیوٚو بیب بصرہٕ سُنٛد سُہ واقعہ یاد، یمس حج کرنس تاخیر گوٚو مگر ہۆنی چاوِن صحرا اوس منٛز تریش۔ پتہٕ گوٚو امنہٕ کس شہرس منٛز ندا ''بیب بصرہٕ سُنٛد گوٚو حج قبوٗل''۔

یہ ووٗتھس ٹِکے کارِ منٛز بون تہٕ کُنے دِوِ ووتُس اتھ بڈِس ڈسٹ بنس نکھ۔ ژٕرِی وٕٹھ تہٕ کھولُم سُہ جۆژ رۆس ہۆن تہِ ڈسٹ بِن منٛزٕ ہیوٚر۔

میانِس سوچہِ صفس کُرٕ کمی تام مِعتراض! نتہٕ الیہِ مےٚ پدبن تل زمین یام مےٚ ہۆنِس اُسس منٛز جلہِ ہنٛز رتہٕ غوطہٕ دِتھ ڈگری سرٹفکیٹ وُچھ۔ یتھ پیٹھ جایہِ جایہِ ہۆنِمن ہنٛدی ثبوت ژٕپی موجوٗدے اُسی!!



# ڈبہٕ ہأر

لگہٕ گرن پھٕتی موٗ زوٗری گٔری گٔری أسی وٕنی رزاقس بچأرِس پھیکی تام گسہِ آٔمتی۔ غریب موٗ زوٗر آسنہٕ باوجوٗ دتہِ اوس تٔمی ہنٛزِ دیانتدأری ہُنٛد چرچہٕ۔۔۔ سأرِسے علاقس منٛز۔ سُہ اوس نہٕ کایان۔ أتھی حلال کمایہِ پیٹھ اوس تٔمی سُنٛد کُنے نیچوٗ زأہِدتہٕ پران۔ زأہِد اوس پرٛتھ وٕری یہِ اول یِوان۔

تَمہِ دوہہٕ ییلہِ رزاق تھٔکتھ ژھیٛنتھ شامس موٗ زوٗری کٔرِتھ گرٕ ژاو، ٹیٹھی چایہِ پیالہِ ژومبرٕ چیتھ وۄن تٔمی زأہِدس......

"زأہِد! ژٕ پَر......مےٚ چھُ شوق ژٕ گژھکھ ڈاکٹر بنُن۔ پٔنٛنی یہِ لُرتام تھاوِ یہٕ ،گروچانہٕ باپت"۔

"ابا! مُطمئِن روز......چأنی بے مثال ڈولت واتناوِ مےٚ عرشس تام۔ کامیأبی بنہِ میٛون مقدر" زأہِدن وۄن مألِس درجواب۔

نیچوٗی سُنٛد جواب بوٗزِتھ گوٚ و رَزاق حأران۔ تٔمی پرٛژھ تعجبہٕ سان زأہِدس۔

"گوٚبرٕ! پہرٕ ،آنگن وارِ تہٕ ڈبہٕ ہأر گاوِبغأر کیاہ چھُ اسہِ نِش۔ چون مول چھُ اکھ غریب موٗزوٗر۔ ڈبہٕ ہأرگاوِ ہُنٛد قرض ووٚتھ مےٚ کسا مسانکھٕ"

''ابا! ژٕ نِش چھےٚ سو دولت یتھ نہٕ کانْہہ قیمتھ چھ!''

''گوٚبر! ژٕ کتھ چُھکھ دولت وَنان؟'' ...... رزاقن پرٛژھ بێیہِ تعجبہ سان نیٚچوٗس۔

''پرٛتھ اکھ مول موج چُھ امہِ دولتہٕ ستیٚ مالا مال آسان۔ وٕں گوٚو گُس مول موج یِکتھٕ پاٚٹھی کرِ یہِ دولت خرچ۔ امیُک دار و مدار چھ دوٚن چیزن پیٹھ۔ نمبر اکھ اولاد سُنْد تابعدار آسُن، نمبر ز مول موج گرِژھ رُت آسُن''۔

''گوٚبر! ژٕ کیاز چُھکھ نہٕ صاف صاف ونان زِ یہٕ کیاہ ہیکےٚ ژٕ دِتھ۔ مےٚ نِش کوٚسہٕ دولت چھےٚ؟'' ...... رزاقن پرٛژھ بێیہِ زاہدس۔

''دُعا ...... ابا! چانہِ دُعا کرنہٕ ستیٚ واتہٕ بہٕ منٛزِلس۔ ماٲلِس ماجہِ ہُنْد دُعا چُھ اولادس منٛزِلس واتناوان۔ ژٕ کر دُعا۔ بہٕ پرٛاوٕ ضروٗر منٛزِل۔

زاہدُن جواب بوٗزِتھ ووٚتھ رزاقس دَدرایہِ اوٗش۔ کپر ژادرِ ستیٚ اوٗش صاف کران دوٗپُن زاہدس ......

''چانہِ ماجہِ موغلہِ جنت گارنہٕ تہٕ اوس یوٚہے اکھ خاب۔ تَمہِ کٔرنہٕ مےٚ زانْہہ پننہِ ذاتہٕ باپتھ کانْہہ فرمایٔش، ماسِوائے گاوِ ہنٛز ...... یہِ ڈبہٕ ہار گاوانہٕ نووُنس بہٕ تَمہِ صِرف چانہِ باپتھ۔ دوٗپُن زاہدس گرٛھسم دوٚدِ قطرٕ آسُن''

''ابا! حوصلہٕ تھاو۔ ووٚتھ بناو وُضو۔ دِنماز سجدٕ'' ...... زاہدن ووٚن ماٲلِس تسلا دِوان۔

پگاہ اوس اینٹرنس باپتھ فارم برنک اُخری تاریخ۔ زاہد تہٕ اوس

أ رکس لأنہِ منز پننہِ وارِ پژ اران۔ لأنہِ منز واریاہس کالس اِستاد روزنہٕ پتہٕ
وأ ژ زأہدس وأ ری۔ زأہدن پلنو وکلرکس گُن فارم۔ کلرکن دِژ فارمس نظر تہٕ
ژ کھِ سان کوٗ رُن زأہدس یہِ وُنتھ فارم واپس زِ......

''سٹیٹ سبجکٹ سرٹفکیٹ جایہِ چھُنہٕ اَنڈر پژ اسبس نوٹ چلان''۔

زأہدن کوٗ رکلرکس یہِ وُنتھ زار پارٕ زِ ''تمی چھُ سٹیٹ سبجکٹ باپتھ تیٚلے
تحصیلدارس Apply کرٕ مژ''۔

أخر کار کوٗ رکلرکن زأہدس ترٕ ہَن (۳۰) ساسن روپین ہُنٛد تقاضہٕ۔
أتھی سِتی دِیُت نَس پننہِ گرُک ایڈریس تہِ۔ زأہد ووت نچور پھرٕ بکان
پھرٕ بکان گرٕ...... گرِ بوزٕ نووُن مول سورُے واقعہٕ۔

اولادٕ دود، کتھ دِیہ ہیے مأ لس سو کھٕ بیہنہٕ۔ رزاق ژاو وُلی وُلی گانس
منز۔ ڈبہٕ ہأ رگاوِ کرٕن گدٕ أمس تھف تہٕ غفار دژ الس گوٗ ویورَے گاوہتھ۔
رزاقن کنٕ غفاردژ الس سو گہِ مولہٕ گاو۔

ترٕ ہ (۳۰) ساس روپیہِ ہتھ ووت زأہد کلرکس گرٕ۔ روپیہِ حوالہٕ کران
کوٗ رزأہدن کلرکس نش گاو کنہٕ ٹک سُہ غمناک واقعہٕ تہِ بیان۔ کلرکس گوٗ ونہٕ
توتہِ کانہہ اثر۔ تمی کوٗ روُلی وُلی زأہدُن فارم لیپ ٹاپس پیٹھ لوڈ تہٕ بامبرٕ ہوٗتے
دژ اودفتر گُن۔

دوٗ یمین وومیدوارن ہنٛدی پأ ٹھی ووت زأہدس تہِ رول نمبر سِلپ
بیترٕ۔ زأہدن یام لفافہٕ مُشرو وُ تس گوٗ وأ رۍ تہٕ بسٕ ران سیٖلہِ تمی رول نمبر سِلپہِ

پیٹھ پننِس ناوس بجایہِ ''ڈبہٕ ہأرگاو'' لیکھِتھ وُچھ۔ زأہدآوٹاس کُرِتھ زمینہٕ وِکرَنہٕ تہٕ تس گوٚ ورُمن رُمن گُمہٕ سرٛان!!



# حیا

سوٗ اُس حیا بند بلکُل کٔشیرِ ہٕندی پأٹھی!

تس آسہٕ رویس خیچہٕ پرٕ و ووتھان۔ اَملہٕ میرٕنی کُنی کوٗر حیا۔ سوٗ اُس پننس مأیِس ماجہِ کیاہ سأرِسے قبیلس اُچھن ہنز ٹھنڈک وَندُک شیہجار۔ اعلیٰ تعلیم حأصل کرنہٕ باوجود تہِ آسہِ ہے نہٕ تَمہِ زانٛہہ تہِ کأنٛسہِ وو پرمردس کُن نظر ترٛ اُوہمٕژ! دردِ گام بستی ہٕندی لُکھ اُسی تمی سٕنزِ گاٹہٕ جأری ہنز مثال دِوان۔

املہٕ میرس اوس زمین زِراعت سبٹھاہ۔ تس اوس وٕری علاوٕ بتہٕ نیران۔ تٔمی سٕنز خاندارٕنی عشہِ اُس توسہٕ کتان۔ سو تہِ اُس پٕنٛنز آنہٕ ژورزینان۔ "حیا کورِ کیاز ِکرنہٕ نوکری یا تس اوسنا نوکری کرنٕک شوق ِکنہٕ سوٗ اُس نہٕ نوکری کرٕنی یژھان؟" پزر گوٚ ریہ زِمے میوٗل نہٕ زانٛہہ تہِ یمن سوالن جواب۔

کوٗر چھے اُخر وو پرمال آسان۔ اوے اُس ووٗنی املہٕ میر نہِ گرِ منٛزِم یار بن رٔج لگان۔

۱۲ ستمبر ۲۰۱۴ء جُمعہ دوہ کُڈ سُہلابن ہتہٕ برزن بستی ین ہٕندی پأٹھی دردِ گام بستی تہِ ژھٹھ۔ سُہلابن دیُت نہٕ یمن ترٛبن بأژن گرِ نیرنٕک موقے، یوٚ تام آب یٔہنٛدِس مکانہٕ کِس دوٚیمِس پوٚہرس تام سید یاو۔ ٔدِچھن کھوٗرٕ

اوس ژوپأری آبے آب دژ ییٹھی گژھان۔ کمن کمن رنگہٕ مندور بن اوس پھُٹی پھاس گژھان۔ کمن کمن بجن بوٗنمن اُس مُلہٕ پژاٹے گژھان۔ جاناوارن گیہِ وُپھ مشتھے۔ ہرد رأشی موٗٹھ گبونے۔ شمن طرفن گوٗ وانہٕ گوٗٹ۔ ساسہٕ بُدی انسان گے لاپتاہ!!

املہٕ میرتہٕ تسنز خاندارنی عشہٕ اُس آبن گوڈے پانس ستی کتھ تام بےٚ ناومنزِ لس گن ییرِ وألیٕ متر !

حیا ییٹھ کأنی پیٹھ یکلہِ نالہٕ موٗت گرتھ برابر تژ بن دوہن، یوٚ تام آب وسان وسان گوڈنکس پوہرس تام موژیاو۔ مکانس منز یہِ کینژھا داش نداش اوس، سُہلا بن اوس تتھ تہراج کوٚ رمُت۔

تژ بن دوہن ہنز فاقہٕ حیا اُس دالوگٹھِ دارِداسس پیٹھ بےٚ توژھ اُچھو یہِ وحشتناک منظر اُچھوژ رژان۔ سوٗ اُس نہٕ کأنسے کینژھہ منگان۔

ازاوس تس برابر وُہہِ وُہری خیٚمک پرِدِ تُلُن۔ یہِ اوس تس مأ لس ماجہِ ہنزِ راونہٕ کھوتہٕ تہِ بوٚڈ عذاب۔ این، ڈی، آر، ایفکی اہلکار ژاے بوٹ (Boat) ہتھ تس مدد کرنہٕ باپتھ آنگنس منز۔ یمو اہلکارو منزٕ پژژھی اُکی اہلکارن تس کینژھہ سوال۔

اپنا نام بتاو؟

جی! حیا

عُمر؟

جی! ۲۵سال

تعلیم؟

جی! ایم،اے،سوشالوجی

شادی شُدہ؟

جی! نہیں

اپنے والد کا نام بتاو؟

جی! غلام احمد۔Nic Name(اَملہٕ)

عُمر؟

جی! ساٹھ سال

پیشہ؟

جی! گھریلو کام

والدہ کا نام بتاو؟

جی! عشمی بیگم

عُمر؟

جی! ۵۵/سال

بستی کا نام؟

جی! دردِگام

محلہ؟

جی! میر محلّہ

لاپتاہ لوگ؟

جی! میرے ابُو ممی!!

آپ کو ہمارے ساتھ بوٹ (Boat) میں چلنا ہوگا؟

جی کہاں؟

محفوظ جگہ۔ جہاں ریلیف کیمپ ہے

جی! میں نہیں آسکتی ہوں!

بہن! آپ کو آنا ہی پڑے گا۔

جی! مجھے کچھ.................!!

ہاں ہاں بتاؤ چُپ کیوں ہوئی۔ کیا کچھ پرابلم ہے؟

جی میرے پاس چادر نہیں ہے۔ سیلاب نے ہم سب سے کچھ چھین لیا!!

بہن چادر مِلے گی!

لیکن......!!

لیکن کیا!؟

اوڑھنے کے لئے جگہ نہیں ہے

ریلیف کیمپ! ہاں ہاں وَہاں آپ کو نئی چادر اور اوڑھنے کے لئے جگہ ملے گی۔

تٔمۍ اُس نہٕ ازتام کانٛسہِ [illegible] گٔن نظرتہٕ آ [illegible] نہ اُس تٔمہِ ازتام

کأنسہِ غأرس بڑ وٗنہہ کنہِ ژادر تجمٕژ۔ ازاوس تس امتحان!

تمہِ گنڈنبس کُن کُنی حسر تچ مُدَے۔ اتھٕ ژتلِن تھوٚ دتہٕ ودان ودان موٚنگن دُعا......

"یااللہ! ازکرمیأنس پردس رأچھ۔ میٖون حیارَ چھ"۔

دُعا کران کرانۍ آیہِ حیاد أن کُجہٕ ہندی پأٹھی منز باگ پھُٹتھ۔ سوآیہِ دارِداسہِ کِنی آنگنس منز ہِکہٕ لاینہٕ۔

این ڈی آر ایف کیو اہلکاروٚ تجٕ حیاؤلی وٗلی بوٹس (Boat) منز تہٕ فوراً واتنأوکھ نزدیکی ریلیف کیمپس منز۔ ڈاکٹری جانچ کرنہٕ پتہٕ پیوٚ ریلیف کیمپس منز تعینات ڈاکٹر عاصِفس أچھو خوٚنِ باران ہاران اعلان کرُن......

"Haya is Dead"

حیا چھےٚ مورد۔ ریلیف کیمپس منز ووٗتھ محشر!!



# بخشش زہم

خاندارنہِ ہٕندی بے وق مرگن تۄ وواصغرخان پھٹرِ تھ۔ ووٚنی اُسی تتھ بجہِ حویلی منٛز صِرف یمے زٕ مالی پٲتھر روزان۔ تِمی منٛزا کوٚہ وٕرِس کوٚر خورشیدٕ تہٕ پانہٕ اصغرخان۔

اصغرخان اوس اکھ کاربٲری شخص۔ تِمۍ اوس واریاہ کاروَ ہرومُت۔ ساس منٛز آسہٕ تس اسامہِ۔ تِمی منٛز سارٕے کھوتہٕ بڈٕ اسامی اُس سُہ نزدیکی فوجی کیمپ یتھ سُہ اُلفہٕ پیٹھ تییس تام پرٛتھ کانٛہہ چیز سپلے کران اوس۔ کھاتن ہٕندی کھاتہٕ اُسی بٕری بٕری۔ اُندرِمہِ حاجۍ اُس رزاق میرٕ سے یاٚ ژٕخبر۔ سُہ اوس ہیڈ مُنٛشی۔ وِگرایہِ باپتھ اوس الگ کارَنٛدٕ، ییم اسامین نِشہِ پرٛتھ آتھوارِ دوہ وِگراے انان اُسی۔ اما پوٚز ییوٚتاہ مالدار آسنہٕ باوجوٗد تہِ اُس خورشیدس مالی سُنٛد ظون سیاہ چوٗسکی پاٹھی چوٗسان۔

خورشید اُس جواب تٕترِ کہِ تاوٕ پوٚرٕ پاٹھی پَینہٕ آمٕژ۔ سوٗ اُس پان بٕنٛزران۔ ......اتھہِ موٗران۔ تس اوس اوٗش پھٹان۔ اصغرخان اوس کورِ ہٕنٛز ییم سارے حرکژ محسوٗس کران۔

اصغرخانس آسہٕ بجہِ بجہِ اسامہِ صِرف اَکے مقصدٕ دِوان زِ تس پزِ کورِ گرِ پیٹھ

اَنُن ۔حالانکہِ سہ اوس پانہٕ تہِ یِی سوٗنچان ۔ووٗنی گو وڈِ چھنہٕ ازتام کاںٗسے مس کوسمُت ۔اِی کنی تھاوٗ تمی یہِ کاںٗم اسامین مٹہِ۔

پزر گوٚ ویہِ زِ اصغر خان اوس ووٗنی پرٛتھ راتھ ژپنِس سوچہِ کس گرٛ افس پیٚٹھ تس جوان ہنٛدی ماریٚ مٔندی آکار وٕ تلاوان یُس تس گرِ شوٗبہِ ہے۔ یُس خورشیدس ماجہِ ہُنٛد راوُن مُشراوِہے تہٕ ماںٛلی سُنٛد پیارتہٕ ماے ہاوِہے!!۔ بعضے اوس اصغر خان کورہِنٛدِ باپتھ سوچہِ رادس کپٹن کران تہٕ ماریٚ مٔندی خاب سُوان۔ محل خانس زوٗل کران ۔بجہ سرٛکہِ پیٚٹھ گرتام سأرِہٕے سرٛکہِ چوٗنہٕ وَتھراوان۔ بعضے خورشیدس قندٕ کاریٚ زانہٕ پانس پانےٚ نکھ دِوان ۔ ہرتھ پاٹھی اوس اصغر خان پرٛتھ راتھ ژپنہِ خابہٕ دورِ پیٚٹھ نُوی تہٕ سرتازٕ خاب ییر ان!

مگر تمہِ راتھ ژس پُدنہٕ تہِ !!

تمہِ راتھ ییلہِ فوجی کیمپس پیٚٹھ حملہِ گوٚو ۔راتی راتس روٗ داوِ یور گولین ہُنٛد تبادلہٕ سپدان ۔بستی ہنٛدی سأری لُکھ ژمیہِ أندرَے پننین آلین منٛز پھرٛ یٹ گائتمن جاناوارن ہنٛدی پاٹھی ۔سأرِے بستی گیہِ گاشہِ گٹہٕ۔

صُبحاے ییلہِ گاش پھوٚل اصغر خان دزٛ او کھوٗژی پنِس آنگنس منٛز ۔أتھی منٛز گوٚ وٕ مُشید پیٚٹھ اعلان......

"بستی ہنٛدی سأری لُکھ ،لوکٕٹ بٔڈی ،مردوزَن سمن مُشید وارِ منٛز۔ کانٛہہ اکھاہ کرِ نہٕ بستی ترٛاوِتھ ژلنچ کوٗشش......فوج چھ سأرِے بستی گیرٕ گرِتھ"۔



مُشیدِ وارِ منٛز اوس کریہٕ منظر دزٛاٹھی گژھان ۔ جوانن پیٚٹھ اوس تشدُد

سپدان۔ اصغر خانس گوٚو نہٕ یہِ برداشت۔ یِیمہِ کِنۍ تمۍ اتھ کربہٕ کرِ یوٗٹھ ظُلمس خلاف آواز تُج...... امہٕ کِس ردِ عملس منز تھووُسہٕ وردی پوشو پولسن گنڈِتھ تہٕ تس أچھن درِ یٹھمان کرِتھ تمۍ سنز جوان کوٗرِ عُریان......!!

کورِ ہنزِ کرِ بکہٕ بوٗزِتھ اوس بے بسی مائلس کرِ ہنماز ژھبنان۔ اڈِ کجہِ زیوٚ وۄن ودان اصغر خانن پننہِ لاچار کورِ......

"کوٗرِ بخش زبم"..................

تہٕ أتھی سۍ تۍ وچھن ہمیشہِ ہمیشہِ خاطرٕ أچھ!!



# بے اعتبار

اتنے چہرے تھے اُس کے چہرے پر
آئینہ تنگ آکر ٹوٹ گیا

شازیہ اُس وُنی یہ شعرا کثر پانسے ستۍ گنگراوان۔ سوٲس پنٛنِس پرٛتھ کلاسس یہ ڈُپِٹی زِ تہٕ شعرٕ ستۍ ڈسلابہٕ کران۔ ترٛہہٕ (۳۰) بہار چھاوِتھ تہٕ اُس شازیہ گُلاب پوشکی پأٹھی اسان تہٕ مُشک ژھٹان۔

شازیہ اُس پنہٕ نِسے قصبس منٛز اَکِس ہائر سیکنڈری منٛز اردوٗ پرٛناوان۔ سوٲس قأبِل، ذہین تہٕ خوبصورت آسنہٕ باوجوٗد زمینہٕ ہنٛدی پأٹھی نرم۔ سو اُس نہٕ وُنہٕ کانٛسہِ ہنٛزِ ہیرِ کھوٗ ژمُژ۔ اوٚ کنٛی اُسی تمی سنٛدِس ماٲلس ظہور میرس لُکھ بہٕ گوگُل گسہِ انان۔ منٛزِم یأری اُسی تس نُنہٕ گُری تہٕ تِلہٕ تلاوہاوان! ظہور میرٕ نی خانداریٚ نی رأج اُس منٛزٕ ے ٹلان۔ ظہور میر اوس تس جلدی گرٛ اُنٛز گرِتھ خاموش کران۔ رأج تہٕ وأ ژنہٕ مارٕ نی۔ اَخر بچأر کورِ موج اُس نا!!

ظہور میر اوس پیشہِ کنٛی اکھ ایماندار ٹھیکہٕ در۔ دیانتدأری تہٕ شرافت کنٛی اُسی تس لُکھ عزت کران۔ سُہ اوس جہان دیدہٕ تہٕ کنٛہ رِدٕ ہِ پیٹھٕ تس نِش

لُکھ مشوَرٕ باپتھ یِوان اُسی۔ ؤنی گوٚو وپنہٕ ووڈِ چھا از تام کائنسہٕ مس کوسمت۔ اوَے اوس سُہ پننہٕ کورِ کیٚت جان منٛزِم یور ژھاران۔ ''جوان اَنہٕرش کوٚر چھےٚ مائلس ماجہٕ تالہٕ پیٚٹھ دزٕوٗن ٹوک آسان''۔ اکہٕ دوہ اَنی ظہور میرن شازِیہٕ ونی وبس گلثوم گرٕ بُلاوِتھ۔ تس اُس کامٕ مٕٹہٕ شازیہ خاندر کرنہٕ باپتھ تیار کرٕنی۔

گُلثوم روٗ زرأتی راتس شازیہ ہَس پران۔ گِہے اکھ مثال تہٕ گِہے بیٚا کھ مثال دِوان۔ یوٚ تام سحر تہٕ پھوٚل تہٕ مُشید مینار گژھنہٕ لگی۔ پوٚز شازیہ ہن دیُت ویسہٕ ہتس کتھس کُنےٚ جواب...... ''مےٚ چھُ خاندر ناوس ستی نفرت''

جواب بوٗزِتھ گَیہٕ گلثوم مایوٗس تہٕ عاجزی سان پرٕژھنس......

''وجہ؟''

خاَر! یٖیلہٕ گلثوٗمن شازیہ زیادے مجبوٗر کر۔ تمہٕ کوٚر سُہ کربہ کژ یوٚٹھ واقعہٕ بیان، یُس تس ستی ترٛےٚ ؤری برٛونٛہہ پیش اوس آمُت۔

''یعقوب ناوی اَکی امیر زادن یٖیلہٕ شازیہ ہَس نِش برملا پننہٕ محبتُک اظہار کوٚر تہٕ آخر کار کوٚر دوشوٚی فاَصلہٕ زِ تم بنن اکھ اَکس ہمراہ۔ پننس فاَصلس عملی شکل دِنہٕ خاطرٕ کوٚر دوٚنوٚی برٛسوارِ دوہ اَکس مقامی ہوٹلس منٛز دوہلہٕ زِ بجے سمکھنُک فاَصلہٕ۔

برٛسوارِ دوہہٕ سُلہٕ پیٚٹھےٚ ہیوٚتُن شازیہ ہَس اضطرابس ہن ہن ہُر بر گوٗھن۔ ہوٹل کینہٕ منٛز اُس تس انتظارِ ژاکھا اکھ گرٕ کوہ مارانس اَٹہٕ کرُن

باسان۔تس اُس یعقوب صائبنی سوکتھ بار بار کنن گژھان......

''شازیہ! ژےٚ بغاًر چھس نہٕ نامکمل۔ یِنہٕ خدارامےٚ تڑاوکھ۔محبت گژِھ رُسوا''

یعقوبنی آواز اُس شازیہ ہَس کنن گژھان۔اُتھی منز پیوٚ واکھ جوان واٚتِتھ۔پرٛژھنہٕ کرنہٕ بغاًرِ ے ژاوسُہ شازیہ ہَس نِش کیبنس منز......

''حاًران لگہِ نہٕ گژھن'' ......تمی ان زان جوانن وۄن شازیہ ہَس

''ژٕ......ژٕکُس چُھکھ؟ شازیہ ہَن پرٛژھ عاًرق ووتھراوان جوانس

''بہٕ چھس یعقوب صائبُن فرنڈ (Friend)۔سُہ چھ دراصل آوٗر۔بہٕ چھس تمی سنٛز یہِ شیٚچھ ہیتھ ژےٚ نِش آمُت زِ تمی چھےٚ میٲنی بینہِ کُلثوم خاندرٕ باپتھ Prapose کرٕمژ''

بِنہِ ویٚسہِ کُلثوٗمُن ناو بوٗزِتھ آیہِ شازیہ حاًرتہٕ رِکس تلاوس منز ہکہٕ لاینہٕ۔تمی سُند پرٛژھ ہُند پلو پیوٗ زِتھ۔تمی سنٛزِ آشہِ یَنہِ ژاوداوِ داوِ کھر۔

وٗنی کیاز زِ چھکھ ژٕ پریشان گژھان۔اگرنہٕ ژےٚ اعتراض آسہِ بہٕ چُھس ژےٚ ستی خاندر کرنہٕ باپتھ تیار''۔

شازیہ ہَس اوس نہٕ جوانس وَنُن رِکیُت رکھیں۔تمی سُند خابہٕ محل آو چھلہِ چھلہِ وٚسِتھ۔سودرٛایہِ خابہ کھنٛجہِ ہیتھ ہوٹلہٕ منزٕ گیٚران گیٚران واپس۔

شازِیہ ہُن غمناک واقعہٕ بوٗزِتھ گیہِ کُلثوٗم لاجواب۔صُبحاًے بیٚلہِ کُلثوم گرٕ نیرنٛچ سکھر کران اُس،تِس پیٚیہِ پرٛژھ ہٕنٛدِس تھٕ پژانہٕ وارس پیٹھ نظر یتھ،

جایہِ جایہِ گگ گاٲتی اٰسی۔ تس اوس نہٕ ژٕنی شازِ یہ ہَس وَنُن رِکیُت رِکہیں تہِ۔
ظہور میرس کاثہہ جواب وَننہٕ بغاٲرِ ے دژ ایہِ گُلثوم وٕفہُک رِنیامُت لفظ ہبتھ واپس گرِ گُن۔ نیران نیران بوزناٰو شازیہ ہَن سوبیٚہِ اٰدِیگُ سُہ شعر:

اتنے چہرے تھے اُس کے چہرے پر
آئینہ تنگ آکر ٹوٹ گیا



# نادلایے میانہِ مظلوٗموو ولو

تمن لُکن منز اوسُس یہ تہِ اکھ یٚیمہِ ونڈِ کالُک شام چھاونہِ گرِ دڑامتی اُسی۔ ڈل اوس از تہِ بُتھ چھٔلِتھ تس وٚتہِ گاران! تہٕ گٹہِ کارس منز شامہِ شفقک سنگ کرُن پتہٕ دوشوٚنی ہُنڈ ڈل ولنہِ پانُس چھوکھ کڈُن...... یہِ اوس بااللہ بدلے نظارِ پیش کران۔

تہٕ ہانیومُت شام اوس وٚنی شفقس رُخصت ہیتھ دڑامُت نیرِنچ سکھر کران۔ سِیاہ راتھ اُس بامبرِ ہوٚتےٗ ڈلس کُن ڈیرِ ہیتھ پکان۔ تم سأری دڑاے اکہِ اکہِ پن پننس منزِلس کُن۔ وٚنی اوسُس صِرف بے اکھ تخلیقی کرب ہیتھ ڈل بٔتھس پیٹھ راہ مسأفر اتھامہِ گوٚمُت۔

ڈلس منز رأژہنڈی سِیاہ خٔمہِ وُچھِتھ اوسُس یہ بعضے کھوژان تہٕ بعضے اُسم سِدِ شوگنہِ پزلنہِ خستہٕ گامتہِ ہاوٚس بوٹہٕ منز سوژھو کیاہٕ گاشہِ لے سِیاہ چوٚسکی پأٹھی ظون چوٚسان!! میأنِس تخلیقی کربس اوس ہنہِ ہنہِ ہُر برگوھان۔

"ماروانِچ...... یہِ سِیاہ کٹہٕر راتھ ژلیہ از تہِ یتھ ڈلس۔ کم کم صوٗرژ

عنمگلاوِ یٚیمہِ تاون زٔدنہ سِیاہ رأژ کاٹِھہَن انہٕری شن تہٕ روٚن سپنہِ گجہِ سوٗر

کٔرِتھ۔ ہارِ واتِھ خبر کس بدٕقسمت ماجہِ چھےٚ ازتہٕ وٕچھِ بلس زاگ ہتھ۔ تِتھے پأٹھی لٲمے انمانہٕ ووت یمن دون بأژن سِدٕ شوگس تہٕ ہارِ شوگس انتظارس۔ پڑتھ دوہ چھےٚ تِتھے پأٹھی ہأردبد ژٕنہٕ کنگ وُہناوان۔ تتھ پھوکھ دِی دِی یہ ڈٕپی زِ تہٕ آشن بڑ ہناوان۔ تنہٕ گے ازتام برابر ژور وٕری تہٕ ترٕے رتھ۔ تَمہِ دوہ تہٕ اوس تِتھے پأٹھی بودوارِ ہُند شبِ پھشُل ییلہِ سِدٕ شوگس سُلہٕ شوگن کتھ پلہٕ نأوزِ

"تمو بدخاہو چھُ چارِ چاری ہتھ نِصف ڈلس سوداکوٚ رمُت!!"

شوگہٕ دژ اواٲمے دَمہٕ پننٕ شکأری ہتھ یہ سوداڑکاونہٕ"

سوداگوٚ ونہٕ طےٚ پوٚز شوگہٕ تہٕ آونہٕ واپس......!

مےٚ اوس تتھ سأرِسے ڈلس منزٕ سُہ پڑٕون خستہٕ گومُت ہاوس بوٹ، سوتیٚاہ مژ ژأنگی ریٚہہ، بیمار تہٕ أہنز اے دژ ہنٛٹھی گژھان۔ ہاوس بوٹس نکھہٕ وأتِتھ کٔرمےٚ بڈٕ ژاکھر۔

"آ۔آکھامیانہِ شوگا...... پڑتھ نیک اولادس چھےٚ ماجہِ ہنٛز پوٚژ تہٕ مألی ہنٛز ٹوٗپی محرلوٗ ممبر آسان سے...... مےٚ اُس خبرٕ ژ......ژواتکھ ضرٕور...... ماجہِ ہنٛدِس مہرس کرٕکھ رأچھ...... اُج یہ موج وُندِتھ۔ پکھ۔ پکھ اژھ اندر ناز کنگ تھومےٚ پھکِتھ...... وُشناوپان......!!"

"نٲے۔نٲے ہأردیڈی"......مےٚ ژٕج بےاختیار کرٕ بکھ نیر تھ۔ کرٕ بکھ بوٚزِتھ آیہِ ہأردبد دَمہٕ لدچھتہٕ گیر کھوورِس اُتھس کیتھ ہتھ مےٚ برٕ وٕشہہ گن روشن ووانس نکھ......

تھوومُت اوس۔ہأ دۄیِد کھأج وارِ وارِ چھتہٕ گیرس سو یتھ ہیوٚر۔چھتہٕ گیرٕ چ
گاشہٕ لٕے پیٹھی سیوٗ دُے اخبارس پیٹھ چھپیا متِس فوٹوٗس پیٹھ۔فوٹوٗ وُچھِتھ
لوٚگ ہأر دبد بچارِ نظرن دژسہٕ۔تس اُئِج پدبن تل حسرت،کس ناگس وُزِنی۔

پتہٕ......آ......پتہٕ ژٕھٹ تمہِ لۍکے باکھ......

''نادلایۓ میانہِ مظلوٗموو ولو!''



# ڈھیل

أچھن ہٕنٛدِس کٕنڈۍ زالس سوٚتھ گنٛڈان سورٕیہٕ سأرٕ ے راتھ۔ صُبح پھوٚل تہٕ ہانیامژ سِر یہٕ زِژوتژ وومیانہٕ دارِ ہٕنٛدِس روشن دانس پیٹھ ڈیر۔ یہٕ اوٗسُس بےٚ توٚ ژھ بےٚ ترتیب وَسوَسن ہٕنٛدِس ،گرداَبس منٛز اڑ مور گوٚمُت۔ دوہ وادن ہٕنٛدِ مُسلسل کرفیو کنہٕ أس وتن پیٹھ ژھوپہٕ ہٕنٛدی سرحد سِیاہ ٕسر پھن ہٕنٛدی پأٹھی آرٕ کرٛنڈُل گرِتھ بہِتھ وتہٕ گتن زاگ ہوٚان۔ أندرٕ ریٚ أسی آنگن ژھایہِ بژبکان تہٕ نیٚبرۍ اوس وحشت وتن راد مینان۔ کُمہ سُند مجال اوس زِسہ کرِ ہے سٔڑک کرٛاس؟ میٲنِس بےٚ سوکھ پانس آسہٕ خدشاتن ہنٛزٕ خنجہِ بریانہٕ کران۔ کالہٕ أس مےٚ زیبہٕ ماسہِ ہنٛزٕ أڈٕ ے ودنٕ کرٛبکھ کنن گأمژ۔ زیبہٕ ماسہِ یُتھےٚ دارِ ہنگس اتھہٕ دِتھ اڈلیٚچ باکھٕ ژھٹ، تس دِژ کُمی تام پیٹھےٚ أسس پینٛد۔ تس اوس یِی کرُن۔ تِکیا زِ یتھ سِیاہ شہرس منٛز چھ ویسے تہٕ وَدٕنس ٹھاکھ آمُت لاگنہٕ۔

مےٚ اوس زیبہٕ ماسہِ ہُنٛد سخ وَسہِ۔ مےٚ اوس ماجہِ نِشہِ گٔھیا باربوٗ زمُت زِتمہِ أس مےٚ زبنہٕ گرِ أسس منٛز بب ترٛأوِمژ۔ زیبہٕ ماسہِ ہنٛز کاٹِچ سوادٕ لیٚچ کرٛبکھ أس مےٚ کنن منٛز گوٗنجان، بہٕ اوٗسُس تشویشس گیٚجہ کران...... خبر کیاہ

کیاہ سونچان۔ مےٚ اوس پتہٕ سوچس اَند گوڑے راوان۔ لبہٕ مُرِتھ آدم قد أنہٕ اوس خدشاتن ہُند کرٕلی منظر عکساوان۔ سِیاہ وأنا کھ راتھ...... بیمارن ہٕنزٕ أنھر ارٕے...... پھرٕ ژٕ لد جاناوارن ہٕنزٕ ژھوپہٕ...... بڑ کہٕ لد ہاوس...... تہٕ زیبہٕ ماسہٕ ہٕنزٕ سواڈ لیچ کرٕ بکھ......!! یہٕ سورُے کرٕ بہٕ کرٕ یوٹھ منظر اوس مےٚ فِکرِ ہٕنزٕ ییٚنہٕ پھری پھری کھٕر انان۔

دارِ دمس ءِتیٚ ڈٕ کھس بِہِتھ اوسُس یہٕ ریڈیو سٹیشن گن دأ رِتھ اعلانس پرٕ اران...... یوٚ تام کُلاکن کہہ تہٕ بجایہٕ...... فون أسی حأ رکمو برٕ ونھے بند گری ءِتی...... "کأتھن بیمارن آسہٕ نہٕ دوا!!؟...... کأتھن زایہٕ شُر بن آسہٕ نہٕ دود!!؟...... کأتیاہ آسن بوچھِ بوچھِ کران!!؟...... کم کم آسن اِرسرِ کران!!؟ تِتھی ہِوی بییٚہٕ تہٕ وارِیاہ سوال أسی مےٚ سوچہٕ صفس پیٹھ پھبان۔

وِنی أسی مےٚ ایشٹرے منٛزٕ اکہٕ اکہٕ سأری سِگریٹ بٹ چیتھ موکلأ وی ءِتی...... میأنی رُم رُم أسی کانپیاٗ ءِتی۔ سِیاہ سوچکی شِشرِ ماسن اوس مےٚ أندری وأنجہٕ وَٹھ کوٚ رمُت۔ میأنہٕ دَمہٕ پھٹٕ دِلُک صدا اوس مےٚ أندری طواف کران۔

پتھر بنادیا ہے مجھے رونے نہیں دیا
دامن بھی تیرے غم نے بھگونے نہیں دیا

یام مےٚ نچہٕ ہٕندِس معصوم رویس پیٹھ نظر پیوان أس، مےٚ اوس جگر ژھینان۔ سو أس کمرس منٛزٕ فقط ووتھا پٹھی کران۔ تس اوس رویس الہٕ پوش

گوٚمُت......

"پاپا! یہِ کرفیو کیاہ آسان؟ اسہِ کأتِس کالس چھُ وونی تِتھے پأٹھۍ گرس اندر رقأ دروزُن؟ اسہِ کیاز گیٹہٕ نبر نیرنس ٹھاکھ؟"

نچہِ ہنٛدۍن سوالن اوس نہٕ مےٚ نِش کانہہ تیُتھ جواب، یَیمہِ ستۍ سو مطمئَن گژِھ ہے......میأنۍ نچ چھےٚ وُڑوُن جاناوارِیُس ہنگہٕ منگہٕ ٹھُپس منٛز قأد گوٚو۔ پتۍ مینن پنٕدہَن وٕرِیَن منٛز اوس (کرفیو) لفظتس گوڈنچہِ لٹہِ گوشن گوٚمُت۔ میأنۍ نچ أس ووٕنی بےٚ غرض پأٹھۍ کتابن ورق گردأنی کران......

"پاپا! امتحانس رٕ دووٕنی کہے کال۔ مےٚ چھُ ٹارگیٹ............!"

پتہٕ گَیہِ نچ خاموش۔ تس وۄتھ أچھو منٛزٕ بےٚ اختیار دَدرایہِ اوٗش۔ مےٚ توٗگ نہٕ تس تسلا دِیُن...... مےٚ لوٚگ بہار چھاونےٚ اَچھرِ وَنس ہرُد!۔ مےٚ اوس شبدٕ کس کال بدس...... یہِ افسوٗس روزِ مےٚ سأرِسے وأنسہِ......!!۔

"ژٕ...... ژٕ کیاز چھکھ ودان؟ زُوپُن وَندَے...... گاش وندَے کر ژھوپہ......وٕنی گژِھ ڈھیلہِ ہُنٛد اعلان۔ پتہٕ گژھو أسۍ بازر...... بہٕ تھاوَے ژےٚ سوٗرے أنتھ......اکھےٚ تھاوَے دواُ کانہٕ پتھٕ......!!"

میأنہِ آشنہِ گَیہِ گلہِ زبوتہٕ نچ نالہٕ متہٕ رٕٹتھ ووٗ دُن تیوٗ تاہ یوٗ تاہ ہیوٚ گُن۔ مےٚ اوس پتۍ مہٕ رأژ ہُنٛد وُدأسی اَنہِ گوٚٹ تہٕ پنٕز لاچأری أچھنے تل۔ یہٕ اوٗسُس بےٚ توٗژ عیال موٗٹھ ہتھ دُہلۍ گاشس منٛز حالِ حأران۔



کالہٕ دِژ زیبہٕ ماسہِ کرٕنکھ...... خبر بچارِ حارٕ ےاوسہٕ ساعا!؟...... کُس ہیہِ

ہس خبرٕ؟ ژٕ ے ماجہِ کورِ پچھے گرس منز...... کوٗر چھبس تاون ژٕ دِن عذر بند......
خاندار چھس آزاد پورِ بند گوٗمُت ۔ سُہ بچارٕ آسبس تتہِ پریشان ۔ کیٛاہ کرِ
زیبہٕ ماس گنی ژٕنی ، نارس دِیا نرِ ! اڈلیچی کرٕ بکھ دِژٕن ۔ سُہ گُس مُژراوِ ہے
دأرٕ ''۔ خاندارنہِ وۄن مےٚ ودان ودان......

''یتھے ڈھیل دِن، بہٕ دِمہٕ نظر'' ......مےٚ وۄن خاندارنہِ۔

داربن نیٛپرٕ اَسی اہرم پہرٕ دِوان ۔مےٚ رأو وقتس باگنےٚ...... أچھن
جبرٕ گرِتھ وُچھ مےٚ کُلاکس زٕ بجیمٕژ ۔ تام گوٚ واعلان......

''کرفیو ہَس منز چھےٚ دون گھنٹن ہنٕز ڈھیل دِنہٕ یوان''۔

یاتہِ اوس اعلان گژھانے، نتہٕ اَسی لُکھ کھیٛچو کھیٛچو زیبہٕ ماسہِ ہُنٛد
دوران ۔ بہٕ تہِ لاریوٗس نتہٕ وورُے ۔ زیبہٕ ماسہِ ہنٕز لرٕ تہٕ آنگن وأرأس
دِیان ۔مےٚ آو تصوٗرٕ کس کاپناتس بٹیٛل یام مےٚ وٕٹس منز تم ماجہِ کورِ زٕ نالہٕ
موٚت گرِتھ رَتہٕ تلاوس منز غوطہٕ دِتھ وُچھِ......!!

زیبہٕ ماسہِ اوس کورِ یہِ وقتُن رٕتھ !!



(نوٹ): ۸؍جولائی پیٹھٕ ۲۷؍اگست ۲۰۱۶ءہس تام کشیرِ منز مُسلسل کرفیو
رِکِنٕ پیٛو و یہِ افسانہٕ تھنہٕ۔

# بغاوت

تِمن اُس پاگل مَرِ ہنٛدی پأٹھی وٕتھ پتہٕ لاران......

تِم اُسی ٹِکان، صِرف ٹِکانِ۔ ویٚتھِ ہنٛدی پوٚت آلو اُسی تِمن اِدراک پچِھ مبقر از کران۔ ”ییتھے ٹکھ تِمِ بیرِ بُٹھی نِہناوِم...... متے یَس تہٕ لُکھ ڈالِہ اکہِ کانپناوِم......!!“

پھرٕ بکان پھرٕ بکان ننہٕ وورُے بیگہٕ زٕٹ نالی ژھنِتھ یُس ژلنہٕ وقتہٕ تِمن تھپہِ تھوسہِ اتھِ لوٚگ وأتی تِمہٕ ترٕے بأژ بستی نبر، تتھ زمینہٕ ژکلس پیٹھ یُس تھزٕ رس اوس تہٕ ییتہِ پیٹھِ سیٚدِ سیوٚد تِہنٛز نظر تہنٛدِس شیشہِ خانس پیٹھ پیوان اُس۔

یِمن دوٕ شوٕنی بأژن امیتاز صأبس تہٕ تِمی سٕنٛزِ خاندارنہٕ جوزی اوس وأنجہِ تلِہٕ کرٕ ژھ پھیران۔ یِمو بأژو دویو اوس گامہٕ پینڈ پرُن کِنتھ کالونی منٛز دڑالس شُراہ مرلہِ زمینہِ پلاٹ مُلی ہیوٚتمت۔ جوزی گُن مالِنٛیگ سورُے جاداد یُس تِمی سٕنٛدی مالی اکبر ڈألدارن تس خاندرٕ کہِ دوہہٕ ستی دِیُت مُت اوس۔ پتہٕ کوٚرُکھ بأژو دوٕ ہِ مکانہِ تعمیر۔ یِم بأژ زِ تہٕ تِہنٛز ژورِش کاژ رمأرکھ

منز کوٗر نازنین اَس اتھ شیشہِ بنٛگلس منز پتہٕ مٕو ژوروٕ رِیو پیٹھ روزان۔ آسمان اوس رۄدشپو شپو وَسان تہٕ رسہٕ رسہٕ اوس مکانس وِیتھ ہُند آب گھیراوکران۔ باٗژزٕ اَسی مکانس دۄرے حسرژ کُنی مُدے گنڈان۔ دوشوٕنی باٗژن اَس وُٹھن پیٹھ سوالن بُرا لگان۔ دوشوٕنی باٗژن اوس جندٕ مٕتی سُندسہ گُف یاد پیوان یُس پُلاٹس نِشاندہی کران تَمہِ دوہ سہ ہنگہٕ منگہٕ یمن برٛونٛہہ کُن ظاہر گوٚو۔ سہ اوس نارٕ مَننہِ پھوکھ پھوکھ دِوان۔ تیمبر بن برٛیہناوان تہٕ پانسے ہتی ونان......

''ہاتھوٗ! چانہِ عقلہِ! فطرت کین معاملاتن چھا سواد باٗزی سپدان! نادانو بَرگرِیوٗس بند، دارِ کنی نیرو...... پتہٕ۔ پتہٕ آسہِ فقط افسوٗس ہاتھوٗ!!''

......تہٕ یِی ونان ونان گیاو سہ جندٕ موٚت لاپتاہ۔

ماری منز کاژر کوٗر نازنین اَس پننہِ ڈاگی وَچھس ہتی رٹتھ پننہِ معصوٗم زیوٚ ونان......

''ڈاگی...... میرے ڈاگی! تو...... تُو مت رونا...... ہاں تُو کبھی مت رونا۔ ہمیں کچھ۔ ہاں کچھ نہیں ہوگا!'' پتہٕ اَس سو پننِس مائِلس کُن ونان:

''پاپا! ذرا میرے ڈاگی کو بتاو۔ تجھے کچھ نہیں ہوگا۔ دیکھو...... دیکھو پاپا! میرا ڈاگی کانپ رہا ہے''

معصوٗم کاژر کوٗر اَس پننہٕ والہِ طوٗفان نِشہِ بے خبر!۔ تس اوس ڈاگی منز زُو۔ یہ ڈاگی ٹاے (Toy) اوس تس ماسہِ وِلایت پیٹھٕ اَنمت۔ یُس

رِموٗٹ کنٹرولس پیٹھ حرکژ کران اوس۔ پتہٕ اُس کاژر کوٗر پننہِ ماجہِ کُن ونان:

''ماما! دیکھو میرا اڈاگی...... بے چارہ کتنا اُداس ہے۔ ذرا اِس کو بتاو ماما کچھ غم نہیں ہے۔ ہمارا کچھ نہیں ہوگا''

تمۍ سنٛزِ ماجہِ جوزی اُس وُٹھن پیٹھ ژھوپہٕ ہنٛدی سوٚتھی۔ تمہٕ ژاٹنۍ اُسۍ محال!

امتیاز صابس اُس اَچھن دژ ہیتھمان شیشہِ خانٛچ وُجارِ گی! پنٛنۍ بے بسی! مُتۍ سُنٛد گُف تہٕ ویتھہِ ہنٛز غمناک کرٛبکہٕ ''یتھے ژٹھ تجم بیرِ بُتھی نہنا وِم...... متے یَس تہٕ لُکھ ڈالہِ اکہِ کاژپنا وِم'' کنن گژھان۔ تس اوس خدشاتن ہنٛدس پیر پنٛزالس بنٛیل یوان۔ سُہ اوس نخفے سوچہِ تھانس گینہِ کڈان۔ تس اوس کرتام عقلہِ ہُنٛد ژونگ ژھیتہِ گوٚمت۔ سُہ اوس اکھ نظر پننہِ خاندارنہِ جوزی تہٕ بیا کھ نظر پننہِ معصوٗم کورِ نازنینس کُن تژاوان۔ تس اوس رُمن رُمن گُمہٕ سژان گژھان پتہٕ اوس سُہ شیشہِ بنگلس کُن تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ یتھ آبہٕ سمندر أندرِ نبر مَلرِ ٹلان اوس۔ بستی ہنٛد بن لگن ہُنٛد شور...... گُلبن ہُنٛد کرٛ وہٕس...... آرِ پلن ہُنٛد اکھ اَرکس ستی پان چھاوُن...... نے زبأنی جانورن ہنٛد چھورِ چھور...... ماجبن ہنٛز لبلہٕ...... جاناوارن ہُنٛد فاقہٕ پھرِ نوحہ خوأنی کرِنی......!

یہِ سورٗے کربہٕ کژ یوٗتھ منظر اوس امتیاز صابس تہٕ تمۍ سنٛزِ خاندارنہِ جوزی طمچہِ پچہِ کیٚٹن کران۔ تمۍ اُسۍ بے بس، یوٚ تام سہلابن تہنٛدِس شیشہِ محلس سمہٕ سوٚتر کوٚر۔ ؤنی اوس تیز رفتار آب تمن کُن پلن کنان...... سۆرس انتشارس اوس

ہنہٕ ہنہٕ ہُر بر گژھان۔

امتیاز صأبس ژھو کیہِ زندگی ہنٛز بڑ اتھ۔ تٔمی چھکرٕ اے بیگہِ منٛز تم سأری کاغذات۔ جوزی لوٗگ کتھ تام پأٹھی سہٕ کاغذ اتھس منٛز یُس زمینُک بناوٹی نقشہِ انتخاب اوس۔ یُس زمین دڑالن پٹوأرِس رَشوِ دِتھ فُلڈ چینلہِ بناوِنو وُمت اوس۔ تس پیوٚ وبیہِ جندٕ مُتی سُند سہٕ گُف یاد۔ پوٚز وَق اوس کتہِ کور ووتمُت! سمےَ اوس فأصلہٕ بوزٕ ناوان۔

تژیشوٗنی بأژن ووت آب کھورن تل۔ معصوٗم کاژٕ رکوٗرأس وٗنہِ تہٕ پنہٕ والہِ طوٗفانہٕ نِشہِ بے خبر!! سوأس پنہِ معصوٗم زیوِ ڈاگی تسلا دِوان...... تس اوس بے اختیار اوٗش اَچھو منٛزٕ دَدرایہِ وسان۔

"تُو ...... تُو مت رونا میری جان! میرے ڈاگی تُو ...... تُو مت رونا میں...... میں ہُوں نا! میرے پاپا ہے نا...... دیکھ...... دیکھ میری ماما! ہم ...... ہم سب آپ کو بچالیں گے! میری جان تجھے میری قسم ہے مت رو...... میرے پاپا آپ کو ضرور بچالیں گے"

معصوٗم کورِ ہُند بول بوش اوس مجبوٗر جورِ کرٕ ہَنمازس پُھتہٕ پُھتہٕ کران۔

یوٚ تام سہلا بن یمن پوٗرِ پأٹھی نال ووٗل۔

بے بس بأژ دوو یوٗرٹ معصوٗم کوٗرمنٛز باگ تہٕ لگی وارٕ وارٕ طاقتور آبہٕ ملرن چیر تھ بڑ وُنہہ گُن پکنہٕ۔ مصیبتن اوس یمن بأژن دون اَچھن ہُند گاش تہٕ کوٗٹھین ہُند ہوش تیلے ٹھکہٕ رووُمت! یمن اوس را دینان ہونٛز ژھوٹان۔

أٔخر کار ننیہِ سہلابن یِم ترٛیشوٚے بأڑ پانس ستۍ لِتھوان لِتھوان ڈٕہتھ...... تِمن ہتہٕ بدٕبن مخلوٗ قاتن ہِندی پأٹھی یِمن سہلابن ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ کران زُوکوٚ ڈ !!۔

امہِ عِبرتناک واقعہٕ پتہٕ ستہِ دوٗہ ییٚلہِ بیرن بٔٹھن سہلأبٕ آب وۄتھ۔ یِمن ترٛبن بأژن ہنٛز بے کفن دالو بٕرٛژ لاشہِ تُگھ پھُٹۍ مِتِس کٔدلہٕ ٹھٕٹھِس تل۔

لُکو واتنایہِ ترٛیشوٚے لاشہِ تہنٛدِس شیٖشہِ محلہٕ کِس مُلبس نِش۔ مےٚ ژٕج پدٕبن تل زمین، ییٚلہِ مےٚ تس معصوٗم کاژٕ رکورِپٔنٛز ڈاگی وٕچھس ستۍ ژٕمٕٹ ہبتھ وُچھ۔ زن تہِ أس سوٗمرِٕ ہندِ رِپٔنٛز ڈاگی ہبتھ مأرِلس ماجہِ منٛز باگ شوٚنگِتھ !!



# پوسٹ مارٹم

سو چشمہٕ جۆرۍ اُس ناگہٕ پوکھر، میأنِس ؤدۍ مِتِس سوچہِ رادس سأراب کران۔

سو اُس میأنِن وُٹھن پیٹھ وٕٹسی گأمتِس منشس زٕبو بخشان۔ سو اُس میأنِن نظرن پھاٹپھلاوان۔ یتھٕ پأٹھی اُسی میأنی ارمان کاڈ کڈان۔

مے اوس ؤنی فأصلہٕ کوٚرمُت زِ بہٕ کرٕ تس پننی رازٕ دأنی حوالہٕ تہٕ میأنہٕ رازدانہٕ ہٕندی سأری حقوٗق آسن تمی ہٕندے ناوٕ رٕژھرأوِتھ۔ پوٚز...... پوٚز، تہٕ سپُد نہٕ!

تَمہِ دوہہٕ ییلہِ کونگہٕ وُڈرِ کھسان پوشِس کٔژھ منزٕ کڈنٕجُل ؤسی پیو، سو گٔیہِ ہےَ بنگہٕ، یام تَمہِ پانس بڑونہہ کنہِ تم زٕ اَن زان جوان اِستادٕ وُچھ۔

"کیاہ چھُو ژھاران؟"...... پوشِن پرٕژھ ییمن تعجبہٕ سان

"کونگہٕ پوش" ...... ییمو دِیُت پوشِس اسان اسان جواب۔

پوشہِ نمیہِ رَسے یون گُن تہٕ بڑ نِرِس منز دِتنکھ کونگہٕ پوش زنٕدٕ منزٕ کڈِتھ۔

دوشوٕنی جوانن گوٚ واُسن وٕ کرِ......!!

"یتھٕ پأٹھی دلگہِ تہٕ وُدپرٕ جوان کورِتھ دست درازی کرٕنی۔ یہِ چھُ

اخلاقی تہٕ قانوٗنی جُرم"......یِی ونان ونان دژ ایہِ پوشہِ بڑ وٚنہہ کُن......

"ہیے مغروٗر لڑکی! ہنا کرٹھہراو۔ أسی چھِ أکِس خاص مِشنس پیٹھ یتھ وُ ڈرِ منز آمتی"

"خاص مِشن؟"...... پوشن پرٛژھ جوانن تعجبہٕ سان۔

"آ۔آ۔ خاص مِشن...... أچھ چھِ چانٛس مالی سُند غروٗر پھٹراونہٕ دژامتی!"

"نادانو! میون مول چھُ اکھ سیوٚد ساد انسان۔ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ سِیاستدان، نۓ کانٛہہ عُہدٕ دار۔ سُہ چھُ محض انسانی اقدارن ہُند رأچھدر"۔

"اوے کوٗرِ تمہِ چانہِ ویسہِ روزی ءستی میون رِشتہٕ ژٹناونس منز اکھ اہم رول ادا۔ تِکیٛازِ یہٕ چھُس نشہٕ کران"

"تہٕ ژۓ ءستی میون رشتہٕ چھُنہٕ تس اِ موجوٗب قبوٗل، تِکیٛازِ یہٕ چھُس بستی ہِند بن جوانن چرس سِپلۓ کرِتھ تہنز بو چھِ کاسان"

"کانٛہہ تہِ نشہٕ کرُن چھُ اخلاقی جُرم"...... پوشن دِیُت یمن جوانن دلیری سان جواب۔

"سون مشن کامیاب بناونس منز چھُ چون اہم رول"...... أکی جوانن وۄن پوشس۔

"مطلب!"...... پوشن پرٛژھ جوانس حأرأنی سان۔



"اسہِ چھِ چون مول اُوٗرِ تھاوُن۔ پتہٕ أسوا سۍ آزاد

''کتھ ءِ ستی''...... پوشن کوٚر ریٚپہٕ یمن جوانن سوال۔

''چانہٕ جُدا آیی ہنٛز کر بنا کھ دَ گہِ ستی''......دوٚ یم جوانن دِیُت جواب یِتھ پاٗٹھی گرتمو بدخواہو پوشہٕ اغوا۔ تہٕ پوشُن مول ندیم صاب آیہٕ رنگہٕ رنگہٕ مصیبتن منٛز کوٚ پاٗٹھی ہینہٕ۔ ندیم صاٮ۪بن کوٚر مُقامی پُلسہٕ تھانس منٛز نامعلوٗم شخصن خلاف اغوا کاٗری ہُنٛد کیس درج۔

امہٕ واقعہٕ پتہٕ برابر اَکوٗہی دوٚہ لٮ۪ب پُلسن اکھ غاٗر شناخت لاش وٮ۪تھہِ ہنٛدِس کٮ۪دلہٕ ٹھُٹھِس تل۔ پوسٹ ماٹم کرنہٕ پتہٕ آسی پوشنِس جسمس پیٹھ تشدُدِ کی ضرب ٹاکارٕ عیاں گژھان۔ سماجس پوسٹ ماٹم کرن وول ندیم صاٮ۪ب آو کورِ ہنٛز لاشہِ نکھہٕ دیوارِ کی پاٗٹھی منٛز باگ پھٹِتھ!! ندیم صاٮ۪بن کرٛ اپھ کوٚر نہٕ کاٗنٛسے محسوٗس۔ پوٚز میڈیا والو گر پوشہٕ بچاٗرٕ مرِتھ تہٕ کیش!!۔

مےٚ وُچھ تمن ہرنہٕ چشمن نَنہِ وانہٕ مٮ۪ژ پہوان۔ یمن منٛز میانہِ قرار کعبہٕ گُپتھ اوس۔ میانہِ فِکرِ لوٚگ دزٕ سہٕ تہٕ میانہٕ ساٗ دروار کہاٗنی ژاوزُو!۔



# عکس

مےٚ اوس ژٕمۍ ہِندِس وٕچھس کُن وُچھتھ سرٕ دِیوان۔ بہٕ اوسُس پتہٕ أکِس مأرۍ مٔنڈِس دُنیاہس منٛز واتان۔ یِیتہٕ کینہٕ، بُغض، حسد، خودغرضی، مکأری، جہالت تہٕ لالچ ہِوۍ لفظ بے معنی أسۍ، تتہٕ أسۍ فقط ہوتہٕ بہٕ...... بہٕ اوسُس تس منٛز ضم گژھان۔ سو أس مےٚ پننہٕ نِس لولہٕ بٕرۍ تِس وٕچھس ستۍ چیر کران۔ بعضے پننہٕ شہادت چہٕ اوٚنگجہٕ ستۍ میٲنِس وٕٹھن رِنٛدان تہٕ بعضے أس میٲنِس أچھن بوسہٕ دِوان۔ مےٚ اوس بااللہ رُمن رُمن رٕسیٚل شہجار پھیران۔ پتہٕ أس سو مےٚ پہرس ہِتہٕ ہِتہٕ کران اِسناوان۔ مےٚ اوس نہٕ ہرگز تہِ کھران! مےٚ آسہٕ ژٕمۍ ہنٛز سارے حرکژٕ خوش کران۔

سو أس نہٕ زانہہ تہِ میانہِ ستۍ مولٕژٕ گژھان۔ بہٕ اوسُس منٛز ژٕمۍ سُند ببہِ ٹیوٚنڈ دَندو ستۍ بژبکان۔ اِد مجال چھاز تِس کیاہ کھسہِ ہے ڈبکس دِرہہ!!

خبر سو کیاہ أس میٲنِس أچھن منٛز لبان!!

شاید...... پژھ! سو کأژاہ مٔژھج أس!

سو أس میٲنِس نٔحرن خریدار!



تس اوس نہٕ زانہہ تہِ میوٚن تُٹن یاہ ترُن برداشت گژھان۔ سو أس

سراپا محبت، فرض تہٕ احساس۔ بہٕ اوُسس تٔمۍ سنٛزِ کوچھِ منز پٔنُن پگاہ تخلیق کران تہٕ سوأس پننہِ کھونہِ منز میأنِس تصوُرس پھاپھلاوان۔

دوہس تھٔکِتھ ییلہِ سو شامس مےٚ وَتھرِنی پلوٗس پیٹھ پانس لرِ ساوان أس، تس اوس سورُے دوہُک تھکُن ژلان۔ مےٚ أس اکثر تٔمۍ سنٛدِس وُشنِس وچھس پیٹھ رنٛدر ہوان۔ سو أس مےٚ برابر توٗ تام کمرس کشان یوٚ تام مےٚ قرار یِوان اوس۔

سو أس صُبحٲے میأنِس وَتھرِنی پلوٗس شیرِ اندٕ کِس دارِ داسس پیٹھ وقارٕ سان لوٗنٛتھ ہوان۔ تس اوس پتہٕ وُٹھن پیٹھ اُسن پھبان تہٕ پننہِ آسنُک گُمان گژھان۔ مےٚ اوس تٔمۍ سنٛد بن أچھن منز پٔنُن ثوبوٗت مرد لبنہٕ یِوان۔

سو أس صبرُک مجسّم ...... میأنی رُم رُم أسی نس قُربان۔ اشہِ وانہِ چھلہٕ ہس پاد۔ مُشکدار گاش وَتھرِ ہس وتن۔ بہٕ چھس تٔمۍ سُنٛدُے عکس از تہٕ عکساوان۔ تٔمۍ سُنٛد رَتھ چھُ از تہِ میأنین رگن منز دوران۔ سو چھےٚ میأنی ارزتھ!!





☆: رحیم رہبر چُھ پننین افسانن منز سُہ دود باوان، یُس بنی آدمس کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنگہٕ حصہٕ چُھ آمت۔ برہنہٕ حقیقژن چُھ سُہ تتھٕ پأٹھی تہٕ بڈِ پایہِ اختصارٕ سان فن بناوان زِ حأرتھ چُھ گژھان۔

(حکیم منظور)

☆: ...... وٕں گوٚو یتھٕ پأٹھی ذأتی تجرُبن رحیم رہبر صأب زبأنی ہنٛدِ دولتہٕ ستی عام انسأنی صورتِ حال بناوان چُھ، یم چھِ سانین رأوی متین زٕہن، سانین دوکھن تہٕ سوکھن، سانین بے تعبیر خوابن تہٕ سانین بدس خوٚشین ہُنٛد دستاویزتہٕ بنان۔

(پروفیسر گلشن مجید)

☆: ''رحیم رہبر چُھ جواں سال افسانہٕ نگار۔ یموکم وقتس منز پننہِ محنتہٕ، ژُکھِ تہٕ صلاحیژ ستی نوٚین افسانہٕ نگارن منز پنٕنز جاے بناوِہنٛد مُشاہدٕ تہٕ مطالعہٕ چُھ زبر۔ یمو چُھ کأشرِ زبأنی ہنٛدین بہلہِ پایہِ کٔین افسانہٕ نگارن ستی ستی انگریزی زبأنی ہنٛدین کینژن افسانہٕ نگارن ہُنٛد تہِ مطالعہٕ کوٚرمت۔ توٚے چھِ یم مختصر لفظن منز بڈ جان پأٹھی پنٕنز کتھ وننس منز مہارت تھاوان۔

(ڈاکٹر پریمی رومانی)

☆: ''رحیم رہبر چُھ بسیار نویس افسانہٕ نگار۔ یمہٕندین مختصر تہٕ واریاہ مختصر افسانن ہُنٛد محور چُھ کٔشیرِ ہُنٛد عصری کرب، انسأنی حقوقن ہنٛز پامألی۔ یمہٕندی افسانہٕ چھِ فنکأرٕ ز آیہ سانہِ أنٛدٕ پکھٕچ عکس بندی کران۔ رحیم رہبرٕنی افسانہٕ چھِ سانہِ پُرآشوب دورٕچ نشاندہی تہٕ ترجمأنی کران......''

(غلام نبی آتش)

# TASVEER

Short Story Collection

RAHIM RAHABAR